# یندرازُن دربار

دۄیم حِصہٕ

مسعود عباس بلہ پوٗری

بلہٕ پوٗر شُپین کشمیر

کتابہِ ہُنٛد ناو : ینٛدرازٕن دربار (دۄیم حصہٕ)

مول : ٢٧٠ روپیہٕ

وٕری : ٢٠٠٩ء

تیداد : پانٛژھ ہتھ

کمپیوٹر کمپوزنگ : محمد یوسف میر۔ ولی دار لکتابت ٹینگن پانپور

فون: 9419486554, 9858491398

پریس :

نأشر :



# مصنف سُنْد تعارُف

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | مسعود عباس بلہٕ پوٚرؠ |
| ولدیت | : | مرحوم غلام محی الدین بلہٕ پوٚرؠ |
| ذات | : | ملک |
| سکونت | : | بلہٕ پوٚر شُپین |
| تائلیم | : | ایم۔اے (اُردو تہٕ کاشُر) |
| تأریخ پیدائش | : | ۱۳/اپریل ۱۹۵۰ء |

# انتساب

پننِس مرحوم وأ لد صاأب

غلام محی الدین بلہٕ پۆری

یِنٛدِ ناوٕ

ییٚمہِ یِنٛزِ فٔنی صلأحیژٕ وبہٕ ییتھ

قأبل بنووس



مسعود عباس بلہٕ پۆری

# ترتیب





# گوڈٕ کتھ

یہِ کتھ چھےٚ نٔنۍ زِ ٹاکارٕ زِ پرٛتھ کانٛہہ فن چھُ تیٚلہِ رٕتی پأٹھۍ پھانٛپھلان یٚیلہِ اَمہِ کٮ۪ن بنیأدی اصولن ہٕنٛز پوٗرٕ پأٹھۍ زان آسہِ۔ یوٚ تام زَن فنِ موسیقی ہُنٛد تولُق چھُ اَتھ زِ چھےٚ پننۍ کیٚنٛہہ بنیأدی اصول یعنی سُر، لَے زِ تال۔ ییٚمِس زِ فنکارس یمن بنیأدی اصولن ہٕنٛز زان آسہِ سُہ ہیٚکہِ فنِ موسیقی ہٕنٛدِس سمندرس منٛز پوٗرٕ پأٹھۍ ژھانٛٹھ وأتِتھ۔

موسیقی گو علمِ سروٗد یا گیوٚنٛچ زان زِ پہچان تھاوَن وول علم۔ یونأنی زبأنی منٛز چھےٚ موسیقی تمن سُرن ونان یِم موزون، خوش لہن زِ پُر اثر آسن۔ فنونِ لطیفن منٛز چھےٚ فنہِ موسیقی پننۍ اَکھ خاص توأریخی اہمیت۔ یوٚدوَے زن عالمی سوٗتھرس پٮ۪ٹھ موسیقی ہٕنٛدی پننۍ پننۍ طور طریقہٕ چھےٚ عملاونہٕ خأطرٕ یا اَتھ حصہٕ بٔندی چھےٚ تمہِ پتہٕ زِ چھےٚ لُکھ یا اَمِکۍ قدردان علاقأیی موسیقی پسند کران۔ سانہِ کأشرِ موسیقی زِ چھےٚ وٕنٛتھی پوٹھۍ پأٹھۍ ترٛےٚ حِصہٕ یعنی کلاسیکل، نیم کلاسیکل زِ فوک (لُکہٕ گیوٚن) یمن ترٛیشوٗنی چھےٚ الگ الگ اہمیت زِ خصوصیت۔ اگر أسۍ یتھ کتھہِ پوٗرٕ پأٹھۍ سام ہیموٗ زِ أتھۍ کُن پوٗرٕ ظوٗن دِموٗ زِ گیوٚن چھُنہٕ پرٛتھ اَکۍ سُنٛد غذا۔

12

مولانا رومیؔ چھِ فرماوان ؎

بر سماعِ راست ہر کس چیز نیست
طعمۂ ہر مُرغ کے انجیر نیست

یعنی گوٗن چھُنہٕ پڑ بتھ کاٗنسہِ ہُند غذا یا نہ چھُ پڑ بتھ کاٗنسہِ راست یوان بتہٕ کنہِ انجیر چھُنہٕ پڑ بتھ کاٗنسہِ جانور سُند غذا۔ کینژن ہُند وَنُن چھُ زِ گوٗن چھُ کینژ ھا غم تہٕ کینژ ھا خوشی ہُند احساس دِوان۔ بییہٕ طرفہٕ چھُ بہلہِ پایہِ حکیموتہٕ ویدو وِزِ وِزِ بیمارن یہِ مشورٕ دیتمُت زِ توہیہ آسو کینہہ خاص راگہِ بوزان ییمہِ ستی تہنزن بیمارِ بن تفاوت واتان آسہِ۔ دوٚیمہِ طرفہٕ چھِ کینہہ ساز واینہٕ ستی انسانو علاوٕ کینہہ زُو ذاژ تہِ متاثر گژھان۔ یوٚ تام زَن کٔشیرِ منز فنِ موسیقی ہُند تولُق چھُ ییٚتہِ چھِ گوڑٕ گوڑٕ راز دربارن تہٕ ڈِگہِ جل گرن منز محفلِ موسیقی لگان آسمژٕ مگر وقت بدلنس ستی ستی واژ موسیقی اکثر گرن منز ییٚتہِ وُنہ خاندرن کھُندرن تہٕ گھریلو مجلسن منز یژھ محفلہٕ لگان چھےٚ۔ امہِ علاوٕ چھُ وُنہ کبس ریڈیو، دوٗردرشن تہٕ سٹیج پروگرامن منز تہٕ گوٚونک خاص پاٹھی رونہٕ زونہٕ یوان کرنہٕ۔

فنِ موسیقی منز چھُ ژورن فردن ہُند اہم کردار آسان، یعنی گُلوکار، موسیقارٕ، سازندر تہٕ شاعِرٕ۔ اَکھ گوٚن وول ہیکہِ نہٕ توتام کینہہ تہِ گوٚتھ یوٚ تام نہٕ تمِس شاعِرٕ سُند کلامہِ آسہِ یا یوٚ تام نہٕ تمِس سازندر آسن۔ تہٕ بییہٕ طرفہٕ چھُ وُنی کبس موسیقارٕ سنز تہٕ سبٹھاہ ضروٗرتھ۔

یوٚ تام زَن کٔشیرِ ہُند تولُق چھُ ییٚتہِ تہٕ چھِ سبٹھاہ بہلہِ پایہِ فنکار،

صوفیانہٕ موسیقی ، قوٲلی تہٕ چھکرِ روٗفس منز پاٛدٕ گاٮ۪متی یمو تھٕکنہٕ لایق کاٛم کٔرمٕژ چھےٚ ۔ اَماپوٚز 2002 ٕتام دیُت نہٕ کانٛسہٕ تہٕ ماہرِ موسیقی فردن یا سانہٕ اَدیبو یا شاعرو اَتھ کُن توجہ ۔ میون مول اوس اَکھ بہلہٕ پایہٕ فنکار یٚمہٕ کٔشیرِ منز قوٲلی گوڈٕ اُردوہس تہٕ فارسیس منز تہٕ پتہٕ کاشرس منز متعارف کٔر ۔ سہٕ سپُد 1997 ٕمنز رحمتِ حق ۔ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ اوس مےٚ تہٕ فنِ موسیقی ستی سٮ۪ٹھاہ لگاو تہٕ بہٕ چھُس کاشرِ زبانٕ ہُند طالبِ علم روٗدمُت ۔ مےٚ زون مناسب زِ بہٕ لیکھہٕ کاشرِ ن ، گلوکارن ، سازندرن تہٕ موسیقارن ہندِس فنس تہٕ زندگی متعلق کینژھا ۔ اَتھ سلسلس منز گوس بہٕ سٮ۪ٹھاہ کامیاب یِیلہٕ مےٚ ''یندرازُن دربار'' کتابہِ ہُند گوڈنیُک حصہٕ 2002 ٕمنز چھاپ کوٚر تہٕ بازرس منز ترٛوو ۔ مےٚ اُس نہٕ وومید زِ اَتھ میلہٕ یُوت تھزر تہٕ بجر ۔ لہٰذا دیُت مےٚ اَمہِ کتابہِ ہُند دوٚیم حِصہٕ تہٕ ترتیب ۔ حالانکہٕ وُنہٕ تہٕ چھِ وارِیاہ فنکار یِم یمن ہُند نہٕ مےٚ ریکارڈ میوٗل ، اَماپوٚز مےٚ یٲنٛز کوٚشش روزِ جٲری اَگر موتن یاوری کٔر تہٕ تیٚلہٕ کرٕ بہٕ کوٚشش یِم سٲری گلوکار ترٛیمہٕ کتابہِ منز اَننہٕ نِچ ۔ یِم گلوکار چھِ یا تہٕ ریاستہٕ نبر گاٮ۪متی یا تہٕ چھِ مُلکہٕ نبر نتہٕ چھُکھ گوٗن ترٛوومُت ۔ نتہٕ چھِ کینٛہہ یٚمہٕ عالمہٕ گاٮ۪متی ۔

اَخرس پٮ۪ٹھ چھُس بہٕ تِمن دوستن تہٕ رفیقن ہُند سٮ۪ٹھاہ شُکر گذار یِمو یٚمہٕ دوٚیمہِ حصہٕ خاطرٕ مواد جمع کرنس منز مےٚ مدد کوٚر ۔ یِمن منز چھِ پیارےلعل ہتاش ، حکیم محمد یعقوب ماسٹر گوپال پورٕ کولہٕ گومٕ اطہر حسین بلہ پوری ، محمد عبداللہ سیتٲری ، عبدالمجید برگامی ، حبیب اللہ لاڑی یاری

خاص پاٹھی قابلِ ذِکر چھِ۔ بۄ چُھس جی احمد صاٮ۪بن سبٹھاہ شُکر گذار ییمۍ ییمہِ کتابہٕ ہُنٛد سرورق لولہٕ سان تہٕ ژُکھِ سان تیار کۄر ریُس سبٹھاہ مأری مُنٛد چھُ

مسعود عباس بلہ پۄری
بلہٕ پۄر۔ شُپیٖن

# ژےٚ ہا یارٕ شۆبی مُبارک

عبدالاحد آزادن لیوٚکھ اُردو زبٲنی منٛز ''تذکرۂ شعرائے کشمیر'' یُس تیٚسنٛدِ یٚمہِ عالمہٕ گژھنہٕ پتہٕ کلچرل اکادمی طرفہٕ ''کشمیری زبان اور شاعری'' عنوانس تحت ترٛین باڈو دار جِلدن منٛز شایع سپُد۔ اَمیُک دۆیم جِلدٕ چھُ کٲشرین ہُنٛد تذکرٕ۔ ووٚں گوٚو آزادن چھُ تہنٛدِس کلامس مول تُل تہٕ کوٚرمُت۔ عیسأے سنہٕ کہِ وُہمہِ ہتُلہِ کہِ سٔتمہِ دٔہلہِ کِس گوڈٕ کالس منٛز آیہٕ کٲشرین شاعرن تہٕ ادیبن ہٕنٛدی تذکرٕ شایع سپدِتھ۔ کشمیر یونیورسٹی ہنٛدِ ''اوحال نامکی'' زٕ جلِد تہٕ موتی لال ساقی سُنٛد ''کاشُر'' یتھٕ پأٹھی چھےٚ کٲشرِ زبٲنی منٛز تذکرٕ نۆیسی ہنٛز رِوایت وارِیاہ ہٕکنٛژھ۔ اَسہِ چھِ کٔہی یاہ شأعرن، داستان وَنن والین، لڑی شاہن تہٕ موسیقارن ہٕنٛدی حالات رأوی مٕتی۔ نہٕ چھِ تِمن ہٕنٛدی حال اوحال تحریر کرنہٕ آمٕتی تہٕ نہ صدا بند۔ گوڈٕ گوڈٕ آسہٕ نہٕ یژھ سہولیژ موجۆد۔ اِو موکھ گیہ یم لگہٕ ووترِ کِس وِشال ئدرس منٛز غاأب۔ ووٚں یٚیلہِ یژھ سہولیژ موجۆد چھےٚ، اَسہِ پزِ یِمن ہُنٛد فأید تُلِتھ فنکارن ہُنٛد اوحال محفوٗظ کرُن۔ یہِ عمل چھےٚ شوق، عِلم، ژھ تہٕ تحقیقی بوز شوز منٛگان۔ مسعود عباس بلہٕ پوٚری صاأب چھُ پزی شاباش تہٕ

مرحبا ہُک حقدار زِ أ ِکس منصوبہ بند طریقس منز کوٗرُن کأشرِ ن گۄن والین ہُند ''اوحال نامہ'' تحریر۔ اَمیُک گوڈنیُک جلدٕ گوٚو 2002ء منز ''یندرازُن دربار'' ناوٕ شایع ،یتھ منز شتھن موسیقارن ہُند عمومی تذکرٕ درٕج چھُ۔ اَمہِ ستیٚ گوٚو نہٕ صرف کأشرِ زبأنی ہِندِس نثرس منز اکھ نوٚ موضوعُک تہٕ تمہِ کہِ موادُک ہُر بر بلکہِ ثقافتی توأریخُک اکھ، واریاہ لوکٹے نہٕ صحی، مگر اہم جُز آو لیکھنہٕ۔ از چھُ مسعود عباس صأب'' یندرازنہٕ دربارُک'' دۆیم جلدٕ ہتھ آمُت۔ یہِ چھےٚ کأشرِ زبأنی تہٕ موسیقی ہِندِس ہلمس اکھ موجٕ راش۔ شہرٕ گام دور دراز علاقن منز گرٕھتھ گۄن والین ہِندی حالات ژھارٕنی گارٕنی تہٕ ترتیب دِتھ لیکھنی چھےٚ محنت طلب تہٕ صبر آزما کأم، یُس موسیقار''یندارزنس دربارس'' منز درج گوٚو سُہ گژھِ نہٕ وونی زانہہ گأل کھاتَس ۔ وومید چھےٚ اَتھ کامہِ سپد پذیرأیی حأصل۔ بہٕ چھُس عباس صأبنہِ اَتھ کامہِ داد دِوان۔

ژےٚ ہایارٕ شۆبی مُبارک

غلام نبی آتش

نائل انت ناگ

14.04.2008

# یہِ چھےٚ مینٛزِ مٔوزٕوٕری

کأشرِ زبأنی چھُ پنُن اکھ توأریخی پوٚت منظر تہٕ کأشرِ ادبُک توأریخ چھُ اَمہِ پوٚت منظرُک اکھ بختاور میراث ۔ کأشرِس اَدبس سٟتی چھُ کأشرِ موسیقی تہِ پنُن اَکھ خاص توأریخی پوٚت منظر تہٕ اہمیت ۔ کٔشیرِ چھےٚ یتھ کالہِ پیٹھے موسیقارن ، گیوٚن والین تہٕ سازندرن ہنٛز اہم جاے روزمٕژ ۔ کٔشیرِ اندر چھِ موسیقی بادشاہی دربارن سٟتی سٟتی عوأمی سوٚتھرِس پیٹھ تہِ مقبوٗلِ عام أسمٕژ ۔ کٔشیرِ اوس پنٕنہِ قدیم کالہٕ پیٹھے وسطِ ایشیا ، ہندوستان تہٕ چینہِ ہوٚبن مُلکن سٟتی تجارتی ، ثقافتی تہٕ تمدنی تولوقات ۔ یٚمہِ سٟتی یِمن مختلف تہذیبن پانٕہٕ وأنی اَکھ تیٚتھ لین دین سپُد زِ اَکھ أکِس ہٕندِس لِسأنی تہٕ تہذیبی میرأثس پیٹھ اثر پیوٚن اوس لأزمی ۔ وننہٕ چھُ یوان زِ کٔشیرِ پیٹھ أس وسطِ ایشیاتہٕ باقی مُلکن تام کأشرِ گتہٕ ریٚنہِ ، یِمن عام اصطلاحس منٛز ''لولی'' وننہٕ یوان اوس یٚمیُک نشانہٕ أزیُک ''لولی پوٚر'' گام چھُ ۔ تیتھے کٔنی چھُ کٔشیرِ ہُند حأفِظ نغمہٕ تہٕ سبٹھاہ مشہور اوسمُت یتھ منٛز کأشرِ زنانہٕ موسیقی ہِندی مختلف مقام گیوان آسہٕ ۔ ہرگہہ پٹھان دورس منٛز حأفظ نغمہٕ بدلہٕ بچہِ نغمہٕ وجودس آو یُس از تام قأیم تہٕ دأیم چھُ ۔ تیتھے کنہٕ

روزعوٲمی سطحس پیٹھ صوفیانہٕ موسیقی تہٕ لُکہٕ گیوٚنچ روایت موجوٗد۔ بیٚیہٕ طرفہٕ چھِ ہلکہٕ پھُلکہٕ موسیقی، غزل، قوٲلی تہٕ چلنت بیترِ تہٕ پنٕن کاڈ کڑنس منٛز بروٚنٛہہ پکان۔ نٔوی اندازٕ تہٕ کوٚشش چھِ جٲری موسیقی بروٚنٛہہ پکہٕ ناونٕہ کِس سلسلس منٛز۔ یہٕ کتھ چھےٚ اعترافس لایق زِ کٔشیرِ منٛز چھِ گوڈٕ کالہٕ پیٹھٕ از تام کینٛہہ بہلہِ پایہِ گلوکار تہٕ سازندریم فنِ موسیقی ہنٛز روایت قٲیم دٲیم تھٲوتھ چھِ۔ اما پوٚز یِہنٛز زندگی تہٕ کارنامن پیٹھ تُلنہٕ اوترٕ اوترٕ تام کانٛسہِ تہٕ ژُھکھ دارن قلم، ییٚلہِ زَن کٲشرِ زبٲنی تہٕ ادبُک توٲریخ لیکھن والین تہٕ اَتھ اہم شعبس کُن کانٛہہ ظون پیوونہٕ۔ کٲشرٕ ہن شٲیرن نثر نگارن تہٕ باقی شٲیری پیٹھ آیہِ توٲریخ ترتیب دِنہٕ، درجنہٕ وادتنقیدی تہٕ تحقیقی کتابہٕ لیکھنہٕ مگر یمو گلوکارو موسیقارو تہٕ سازندرو کٲشرِ شٲیری بزنہٕ پاٚٹھی عوامس تام چاوٕ سان واتہٕ نٲو تِہنٛد ہیوٚت نہٕ کانٛسی ناو۔ یتھ کتھِ تہٕ حقیقژ کرِنہٕ کانٛہہ حساس تہٕ باشعور انکار زِ مرحوم غلام احمد صوفی صابنہِ زبٲنی ووت کٲشرِ شٲیری ہنٛدِس بہلہِ پایہِ شٲیر رحمان ڈار صابن ''شیش رنگ'' تہٕ ''ہفت رنگ'' نٔولے نوِ اندازٕ لگن بروٚنٛہہ کُن تہٕ مرحوم غلام محی الدین بلہٕ پوٚری صابنہِ ذٔسی وٲتژ عوٲمی کیو ادبی حلقن تام کٲشرِ شٲیری گوڈنچہ لٹہٕ قوٲلی ہنٛدِس صورتس منٛز۔ تِتھے کٔنی چھِ واریاہ معروف گلوکار کٔشیرِ ہنٛدی تم یمو کٲشر شٲیری پننہِ پننہِ اندازٕ پننہِ مٔدرِ آوازِ منٛز لگن تام واتہٕ نٲو۔

بہر حال فنِ موسیقی ستی وابستہٕ گلوکارن، سازندرن تہٕ موسیقارن متعلق لیچھمژ گوڈنچ کتاب یمیٚک ناو چھُ ''یندرازٕن دربار'' چھِ مسعود

صائنہِ سبٹھاہ رٕژ کأم تأرٟخی لحاظہٕ ۔ یہِ کتاب آیہِ 2002 ءمنٛز بازرس منٛز تہٕ یہِ اوس گوڈنیُک حِصہٕ یُس میانہِ نظرِ منٛز تہٕ گٔذریومُت چھُ ۔ ووٚنی چھےٚ یہِ خوشی ہنٛز کتھ زِ مسعود صأبن چھُ اَمیُک دوٚییم حِصہٕ تہٕ تیار کوٚرمُت یتھ پیٹھ بوتہٕ کینٛہہ لیکھنہٕ خأطرِ مجبور گوس تہٕ کیازِ اتھ کتابہِ چھِ بازرس منٛز سبٹھاہ منگ ۔ اَتھ منٛز چھُ اکہِ پلہٕ 95 پانٛژ نمتھن گلوکارن تہٕ سازندرن ہنٛدٕن کارنامہٕ درٕج۔ موسیقارن ، گلوکارن تہٕ سازندرن ہنٛدٕن کارنامن متعلق چھ اَتھ منٛز مدلل تہٕ تفصیلہٕ سان زان دستیاب ۔ وومید چھےٚ زِ یہِ کتاب پزٕ اوِضروٗر عوأمی تہٕ ادبی حلقن منٛز مقبوٗلیت تہٕ پنٕہٕ والین کأشرٕن طالبِ علمن ، محققن تہٕ نقادن ہنٛدِ باپتھ سپدِ کارآمد ثأبت ۔

پروفیسر شاد رمضان

کشمیر یونیورسٹی (کأشُر شعبہٕ)

# کأم چھےٚ تھٲکنۍ لایق

یٔندرازُن دربار کتابہِ متعلق چھُ میانہِ خیالہٕ کینٛہہ وننہٕ برونٛہہ یہِ ضرۆری واضح کرُن زِ یہ چھ انفرأدی کوٗشش یۄسمہِ باپتھ مسعود عباس بلپوری صأب شاباشس لایق چھ۔ ننہٕ کتہٕ تہٕ کس چھ از اسلافن ہنٛز فکر۔ سأری پننہٕ ننہٕ پننہٕ ننہٕ پریشأنیہ ہیتھ۔ تہٕ از کل کس دورس منٛز فنس تہٕ فن کارس لول برُن چھُ خالے نظرِ گژھان۔ یۄسمہِ برونٛہہ تہٕ چھُ میٚہ یندرازُن دربار ناوِ گوڈنکہِ حصُک مطالعہٕ کۄرمُت۔ یۄ دوٚے کُنہ کُنہ تنتھ منٛز کینٛہہ کٔمی نظرِ گژھان چھ، تہِ کُرتھ تہِ چھ کأم تھٲکنۍ لایق۔ یوسہٕ کأشرِ ادبکہِ مطالعہٕ کرن والین بکار لگہِ۔ اکہِ طرفہٕ چھےٚ کأشرس منٛز نثری ادبچ وہرٛ چھے بیٚیہِ طرفہٕ چھُ مسعود عباس بلہٕ پوٗری صأبس ہیوٗ اتھ کامہِ لول بران۔ خودا دِی نکھ ہمت۔ آمین

دُعاگو

بشیر عارف

ڈائریکٹر کمرشل براڈ کاسٹنگ سروس

ریڈیو کشمیر سرینگر

# یِندرازن دربار۔ ژِ کتھ

برادرم مسعود عباس بلہٕ پۆرۍ یُس ''یندرازن دربار'' آراستہٕ کۆرمُت چھُ تمام کأشرِ ہن بالخصوص کأشرِ موسیقی سٟتۍ وابستہٕ لُکن تہٕ موسیقی پسند کرن والین ہٕنٛدِ خأطرٕ لولہٕ ڈآلی تہٕ سوغات۔ تکیازِ اَمہِ برونٛہہ اوسنہٕ یتھٕ کٕنٛہ کأنٛسہِ تہِ اَتھ موضوعس پٮ۪ٹھ قلم تُلمُت۔ تمہِ پتہٕ چھُ یہِ پزر زِ بظأہر چھُ یہِ اکھ سیٚودٕ تہٕ سہل موضوع البتہٕ یہِ کتھ چھےٚ سونٛچنس لایق زِ موسیقی ہٕنٛز موٚختہٕ مالہِ ہٕنٛدۍ دانہِ چھِ نہ صرف شہرن تہٕ سرین بلکہِ گامن گٹھن تہٕ چھالن چھمبن تام چھکراونہٕ آمتۍ تہٕ کأشرِ موسیقی ہُنٛد اصل ژُکۍ دربٕنتھ گامہِ گوم پھیرِتھ یِم دانہٕ اکہِ اکہِ سۆنبرأوِتھ بیٚیہِ اکہِ پھرِ مال بنأوِتھ پیش کرُن چھُ کارنامہٕ۔ بہٕ وَنہٕ سُہ اکھ کارنامہٕ یٚیمہِ چہِ انجام دِہی باپتھ مسعود عباس بلہٕ پۆرۍ ہتھ ہتھ مبارکن لایق چھُ تہٕ یٚیمہِ خأطرٕ کأشرِ ہن فنکارن تہٕ موسیقی ہٕنٛدِ ہن دِلدادن مسعود صأبس مَتہِ مَتہِ کرُن پزِ۔ اندازٕ کٕرِو میٚر مأدانہٕ پٮ۪ٹھ مرکنڈلہ کَسِ تہٕ قأضی گۆنڈ پٮ۪ٹھ کنگن تہٕ کوپوآرۍ علاقس وتہٕ گژھ کٕرِتھ لُکن پرٛژھی پرٛژھی گٕمتین تہٕ حالے حیات فنکارن ہُنٛد تھاہ پتاہ کرُن کیاہ مقام چھُ تھاوان۔ خصوصاً تمِس فنکارس تہٕ قلم کارسٕنٛدِ خأطرٕ یُس ذمہٕ وار ملأزم

تہٕ پننہٕ گرُک خانہٕ دار اُستھ تہٕ دردک یہِ سودا مُلی ہیٚیہٕ ۔ پزر چھُ یہِ زِ
سبٹھاہس کالس اوس یہِ تذکرٕ ووتھانٕ روزان زِ کٔشیرِ منز چھِ مختلف دورن
منز سبٹھاہ رٕتی گلوکار تہٕ موسیقار آفرید گٔمتی البتہٕ تِہنز کتھ چھےٚ تمنٕے ستی اند
وأژمژ تہٕ اَتھ پیٹھ اُسی ساری ہٕژر لدہیوٚ محسوس کران تہٕ ییلہِ مسعود
صأبن ییمہِ کتابہِ ہُند اٲکم جلد مارکس منز ترٛووتہٕ طلب گارن ہٕنز ترٛیش
ہیے یہِ ہناتہٕ مےٚ گرامہِ کس پیشِ لفظس منز مسعود عباس بلہٕ پٔوٚرِ ستٕنز
کامہِ تأریف کران ییمہِ کتھِ ہٕنز تہٕ نشاندہی زِ کینژہہ فنکار چھِ اوٚ تام تہِ
رٲوس تَل تہٕ یہِ چھُس از ذأتی طور مسعود صأبس آے کانچھان تہٕ
مُبارک کران زِ پننہٕ گرِ آوریرِ باوجود روٗد دوہ راتھ کأم گرِتھ کتابہِ ہُند
دۄیم جلد مارکس منز اننس منز کامیاب تہٕ ییمو چھِ ووٚنی تم کینژہہ فن کار تہٕ ٲنی
کڈی ژمتی ییم پننہٕ نبن وأرشن تہِ مشتھے گٔمتی اُسی ۔

یٚتین چھےٚ یہِ کتھ تہِ پھرٕنی لایق زِ ییلہِ مسعود عباسن کتابہِ ہُند
گوڈنیُک جلد بازرس منز ترٛووتمہِ پتہٕ آیہِ باقی زبانن منز تہِ یُہے کأم کرنچہِ
کوششہِ کرنہٕ مگر حق چھُ یی زِ اَتھ سلسلس منز اُس بُنی یاد مسعود صأبنی
کأم ۔ ییمی گوڈنچہِ پھر قلم تُلتھ فنکارن ہٕنز محفل سجأو ۔

ووٚنی ییلہِ کتابہِ ہُند دۄیم حصہٕ سانِن اَتھن منز چھُ یہِ چھےٚ شادمأنی
ہٕنز کتھ ۔ اَتھ منز چھِ سانِن پننِن دورن ہندِ بن ناماوار فنکارن نسبت
پٔوٚر زان کأری میلان ۔ ییمہِ ستی اَسہِ تِہندِس زادو بومس ، فنس ، ووستادن
تہٕ اسلوٗبس نسبت زانہٕ نس منز کانہہ پرٛگی چھنہٕ باسان ۔ کتابہِ ہندی زِ

جلد مارکس منز ترأوتھ چھُ سہٕ وژھر پرٕ ونہٕ آمُت تیمیُک اہم فنکارن ، دأنشورن تہٕ موسیق ہنٛدِ بن شوق مندن آرزواوس ۔ مےٚ ہرگاہ دسگاہ آسہٕ ہے مسعود عباس بلہٕ پوٚرِس کرہٕ ہاتھ پرُ خلوص تہٕ صبر آزما کارِ کردگی پیٹھ بڑٕ کھوتہٕ بوٚڈ ایوارڈ عطا__ فنکارن ہنٛز یہ موختہٕ مال چھےٚ ورگہٕ پأٹھی کأشرِ موسیقی نسبست تو أریخ تہٕ تہٕ مکمل زان کأری ہُنٛد گنجینہ تہٕ ۔

وومید چھم یہٕ کتاب پرن وألی سپدن محظوظ تہٕ مسعود عباس بلہٕ پوٚری صأبس کرن حوصلہٕ افزأیی ۔

۱۳؍ مارچ ( نوروز ) 2009ء

عبدالاحد فرہاد

عمر ہیر بڑھ پورہ سرینگر

# "ینْدرازٕن دربار" کتابہِ متعلق زٕ کتھ

فن کار چھُ سماجچ بڈ ارزتھ تِکیازِ گُنہِ سماجکس تصوراتی کلچرس چھُ اَمی
سُند دیُت سبٹھاہ مولُل آسان۔ فن کارن منز چھِ فنِ موسیقی سِتی تولُق
تھاون وٲلی موسیقار، گلوکار تہٕ سازن درتہٕ شامِل تہٕ موسیقی چھےٚ آدمی
رُحس ترتازٕ کران۔ فنہِ موسیقی چھُ تیُتھ فن یُس رنگ ذات تہٕ نسلن ہنٛز بنہٕ
بندی مانٛدِتھ پرٛتھ کانٛسہِ یکسان طور مُتاثر کران چھےٚ۔ اَمی چھےٚ انسانی
توارٟخس منز مہذب تہٕ گٔھسی پایہِ تہذیبن منز موسیقارن، گلوکارن تہٕ
سازندرن قدر کرنہٕ آمٕژ۔

کٲشرِ منز تہِ چھِ پتہٕ وَتہٕ پٔھٹے موسیقار، گلوکار تہٕ سازندر وٕتھی متی،
بلکہِ چھےٚ ییٚتہٕ تہِ فن موسیقی نیشہٕ ناونہٕ باپتھ وقتہٕ وقتہٕ مختلف راز وِتہٕ بادشہو
کیو بادشاہ بایو واریاہ کینٛہہ کوٚرمُت۔ حبہ خاتوٗنہٕ ہُنٛد مقامِ راست کشمیری
چھُ ازتہِ کأشرس تہذیبی توارٟخس سِتی وابستہٕ عالمن یادا ودترِس منزِ ے۔
سانین پرانین توارٟخن تہٕ تذکرن منز چھِ مختلف سازندرن تہٕ گیتہٕ رنین
ہنٛدی ناو نظرِ گژھان۔ مگر یِتہٕ چھُ پزر زِ موجوٗدِ زمانچہِ مأدی تگ دَوِ منز
چھِ کأشر فنِ موسیقی اکہِ محدوٗد حلقک داد معاملہٕ بنٛتھ تہٕ ییٚمی سرزمینن

وقتہٕ وقتہٕ یمن گلوکارن، موسیقارن تہٕ سازندرن زنم دیٚتمُت چھُ تم چھِ
عوٲمی سوٚتھرِس پیٹھ وقتس ستی ستی مشربکمن گال کھاتن منٛز پیمِتۍ۔ یہ کتھ
چھےٚ باعث مسرت زِ مسعود عباس بلہٕ پۆرۍ صاٮ۪بن چھُ سانہِ اَتھ کوتاہی کن
توجہ دِتھ ماجہِ کٲشرِ ہنٛدبن الہ پلہٕ پتمس ہٲتلِس دوران پاٮ۪دٕ سپدۍ متین
مُختلف گلوکارن، موسیقارن تہٕ سازندرن متعلق زانکٲری رژھرٲومٕژ۔ یہ
قدم چھُ پزۍ کنۍ تھکبن لایکھ۔ اَمہِ سِلسلچ اَہنز گوڈنچ تصنیف "یندرازٕن
دربار" چھِ 2002ءمنٛز بازرس آمٕژ تہٕ امی کتابہِ ہُند دوٚیم حصہ چھُ توہہِ
بروٚنہہ کنہِ۔ یتھ تصنیفہِ چھےٚ سانہِ ترقی پذیر زمانہٕ منٛز سیٚٹھاہ اہمیت یتھ
منٛز خاص پاٮ۪ٹھۍ موسیقارن، گلوکارن تہٕ سازندرن متعلق کتھ کرنہٕ آمٕژ چھےٚ
نتہٕ چھُ عام پاٮ۪ٹھۍ سائنس شعروادبس پیٹھے زیادٕ پہن لیکھنہٕ یوان۔ وومید
چھےٚ زِ مسعود عباس بلہٕ پۆرۍ صاٮ۪بنہن دوشوٚنی کتابن کُن وُچھِتھ پھیرِ
باقٕے عالمن تہٕ محققن تہِ اورکُن ظون تہٕ گلوکارن، موسیقارن تہٕ سازندرن
ہنٛزِ زندگی تہٕ فنس متعلق کرن تم گوشہٕ گاشراونچ کوشش یِم وُنہِ ژھایہٕ
ہلہن منٛزٕ ے چھِ۔

ڈاکٹر رتن تلاشی
کشمیر یونیورسٹی کاشر شعبہ

# مرحوم غلام نبی بٹ سنطور نواز



ناو : غلام نبی بٹ

ولدیت : غلام قادر بٹ

سکونت : نمچہٕ بل فتح کدل سرینگر

تاریخ پیدایش: اکہِ اندازٕ مطابق 1911ء

ملازِم : ریڈیو کشمیر سرینگر

وفات : 1974ء

فن تہٕ زندگی

غلام نبی بٹ اوس بہلہِ پایہٕ سنطور نواز، یم اَسی ریڈیو کشمیرس منز بحیثیتِ آرٹسٹ ملازمت کران تہٕ اَسی صوفیانہٕ گلوکارن ہتی سنگت کران۔ یم اَسی صوفیانہٕ موسیقی زانان مگر ریڈیو کشمیر پیٹھ چھکھ نہٕ پیش اندأزی زانہہ تہِ گرمٕژ۔ اما پوٚز گھریلو محفلن منز اَسی گُنہِ گُنہِ ساعتہٕ پیش اندأزی تہِ کران۔ غلام نبی بٹ صأبس چھُ صوٗفیانہٕ موسیقی ہتی لو کچار پیٹھے لوے کھوے اوسمُت۔ یہُند اُستاد چھُ رحیم شاہ منسگر اوسمُت یُس ٹانکی پورِ شہرِ روزان اوس۔ دپان رحیم شاہ تہِ چھُ بہلہِ پایہٕ اُستاد اوسمُت۔ غلام نبی بٹ چھُ گھریلو محفلن تہٕ صوٗفی مجلسن علاوٕ خاندرن کھُندرن منز تہِ گوٚوان اوسمُت۔ یمو چھِ ریڈیو کشمیرس منز تمہِ وِزِ ملازمت اختیار گرمٕژ ییلہِ یہِ ابتدأیی دورِ منزی گُذران اوس۔ ریڈیو کشمیرس منز روٗز غلام نبی بٹ

صائنہٕ صحبت اُستاد غلام محمد قالین بافت، اُستاد محمد عبداللہ تبت بقال، اُستاد کمال بٹ ہوٚن بہلہِ پایہِ گلوکارن ہِتی۔ فنِ موسیقی ہِنٛدِس مۂدانس منٛز چھُ یِہُنٛد واریاہ دیُت۔ یِمن چھُ اکھ نیٚچو یِہُنٛد ناو غلام محی الدین بٹ المعروف محی الدین مسرت یُس اکھ شاعر چھُ۔ غلام نبی بٹ اوس صوٗفی شاعرن ہُنٛد کلامہٕ زیادٕ پسند کران۔ فنِ موسیقی ہِنٛدی بنیٲدی جُز یا اصول یعنی سُر، لے تہٕ تال اَسی پوٗرٕ پٲٹھی زانان۔ یِہُنٛد تلفظ تہِ چھُ سبٹھاہ رُت اوسمُت۔ دیان مزاجن تہٕ اخلاقن چھُ سبٹھاہ رُت اوسمُت۔



# پنڈت شمبو ناتھ سوپوٗری



ناو : پنڈت شمبو ناتھ سوپوٗری

ولدیت : پنڈت سنسار چند

سکونت : گوڈٕ سوپور تہٕ پتہٕ وزیر باغ سرینگر تہٕ موجوٗدٕ روزن جاے دِلشاد گارڈن نوٕ دِلی۔

تأریخ پیدأیش: 19 جون 1919ء

تألیم : ایم۔اے میوزک (الہ آباد)

ملأزم : بحیثیتِ میوزِک اُستاد گوڈٕ ایس پی ہایر سکینڈری تہٕ پتہٕ زنانہٕ کالج مولانا آزاد روڈ سرینگر تہٕ مٔنزی مٔنزی اُسی بی ایڈ کالج تہِ تربیت دِنہِ گرشھان۔

ملازمتہٕ نِشہِ سبکدوش: 1975ء

فن تہٕ زندگی

پنڈت شمبو ناتھ سوپوٗری یمن ماسٹر جی ناوٕ ستی تہِ لُکھ زانان چھِ، چھُ کٔشیرِ ہُند اکھ معروف ستار نواز یوان مانہٕ، اَمہِ علاوٕ چھُ اَکھ تھدِ پایک ماہرِ موسیقی۔ یہ کتھ چھےٚ نٔ تہٕ ٹاکارٕ زِ پنڈت جی چھُ کٔشیرِ ہُند سُہ تربیت یافتہٕ موسیقی ہُند اُستاد یٚمی باضابطہٕ پأٹھی کُنہِ میوزِک ادارِ منز تربیت حأصل کرٕمٕژ چھ۔ پنڈت جی چھُ اَکھ بھلہِ پایہِ موسیقار، ہدایت کار تہٕ سازندر یوان مانہٕ۔ یہُند دَبہٕ دَبہ چھُ کٔشیرٕ نبر تہِ۔ پنڈت شمبو ناتھ

سوپۆری چھ ریڈیو کشمیر سرینگر ، دۆر درشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہٕندٕ ن پروگرامن منز بحیثیتِ اَکھ معروف سِتار نواز تھٕکنی لایق کأم کرٕمژ۔ ریڈیو کشمیر تہٕ دۆر درشن کین خاص پروگرامن یعنی ،عید فیچرن ، بہاریہ فیچرن ، اوپیرا ہن گروپ سانگن تہٕ دۆیمن مذہبن ہٕندٕ ن بڈٕ ن دوٕہن پیٹھ مختلف فیچرن منز تہٕ شۆبہِ دارٕ کأم کرٕمژ بحیثیتِ اکھ سِتار نواز۔ پنڈت شمبو ناتھ سوپوریس چھُ کٲشِرِ نبر تہٕ ریڈیو کشمیر تہٕ کلچرل اکادمی ہٕندٕ ن کلچرل ٹرُوپن ہٕتی گرٕ ژھتھ تہٕ تتہٕ پنٕنہِ فنُک مظاہرٕ کرنُک موقہٕ میۆلمُت۔ امہِ علاوٕ چھُ یمن مُلکہِ نبرٕ تہٕ گرٕ ژھنُک موقہٕ میۆلمُت ییٚتہِ یمو مختلف کلچرل ٹرُوپن ہٕتی بحیثیتِ سازندر تھٕکنی لایق کأم کٔر۔ ماسٹر جی چھُ کٲشِرِ ہُندٕ سہ باگہِ بۆرُت فنِ موسیقی ہُند اُستادیُس پزٕ تھ وِزِ ہرأ کس زٕ بو پیٹھ روزِ۔

پنڈت شمبو ناتھ سوپۆری چھُ کٲشِرِ اندر کلاسکی موسیقی ہُند باوٕ آدم مانٕنہٕ یوان۔ اگر أمی ہٕنزِ شخصیژ پورٕ پأٹھی سام ہیمو یہِ کتھ چھےٚ صاف زِ پنڈت جی چھُ فطری قووژن ہُند مألک ۔ فنکارانہٕ صلاحیژ تہٕ تکمیلی عملہِ ہُند شخص ۔ ریاسژ ہٕندِس موسیقی دُنیہس منز چھُ اَکھ منفرد ناو یمن نِشہٕ چھ وار ہو گلوکار و تربیت حاصل کرٕمژ تہٕ ناو کمومُت ۔ پنڈت شمبو ناتھ سوپۆری ہٕنزٕ و فنی صلاحیژ و ہٕتی کۆڈ ہندوستأنی کلاسکی موسیقی کٲشِرِ منز سبتھاہ کاڈیُس نہٕ کانہہ اکھاہ مشرأیتھ ہیکہِ۔ سازو أندرٕ چھ پنڈت جی ستار، سنطور خاص پأٹھی زانان ییلہِ زَن یمن بییہٕ تہٕ کینژن سازن ہٕنز مہارتھ چھِ۔ وونی گو یہُند من پسند تہٕ استعمأل ساز چھُ ستار۔ فنِ موسیقی

ہندِس مأدانس منز چھِ یِمو واریاہ شاگرد پأدٕ کری مِتۍ، کینژن ہندی ناو چھِ یِتھٕ کٕنۍ پروفیسر جے کیشوری کول، او۔این رینہ۔ پروفیسر اوشا باغاتی، پروفیسر حوا بشیر، پروفیسر رفعت جبین، ڈاکٹر راج کماری، ڈاکٹر بی ایل کول، شمیمہ آزاد، کیلاش مہرہ تہٕ کرن کول بیترِ۔

پنڈت شمبو ناتھ سوپورن کوٚر گوڈٕ گوڈٕ ایس پی ہائیر سکینڈری تہٕ زنانہٕ کالج مولانا آزادس منز موسیقی بحیثیتِ اکھ مضمون متعارف۔ یِتھ پأٹھی کٔرن باتے موسیقارن تہٕ گلوکارن ہندِ خأطرٕ وَتھ صاف۔ پنڈت جین بنأو موسیقی پننہٕ زندگی ہُند لُبہ لُباب۔ پنڈت شمبو ناتھ سوپورِ ری صأبٕنۍ دَگ دأری ستی لوٚب کأشرو موسیقار و گلوکاروَ تہٕ کلاسیکی موسیقی ستی تولق تھاون والو تھزر تہٕ بجر۔

پنڈت شمبو ناتھ سوپوری صأبن کوٚر کشیرِ اندر اکھ ''سنگیت مہا ودالیہ'' قأیم۔ یِتھ اندر شوٚد ہندوستأنی کلاسیکی موسیقی تہٕ نژُن ہیٚچھناونہٕ یوان اوس۔ اَمہِ ادارٕ منزٕ کوٚڈ بیٚیہ تہِ کینژٕ فن کارو کاڈیمن منز اُستاد عامر خان صأب، پنڈت نکھل بنرجی صأب، اُستاد نصیر امین الدین خان صأب۔ اُستاد رحیم الدین خان صأب قأبلِ ذِکر چھِ۔

پنڈت شمبو ناتھ سوپوری صأبس چھےٚ مختلف سرکأری کیو غیر سرکأری ادارن ہندِ طرفہٕ کینہہ ینامہٕ تہٕ سندٕ ہامیچہ مژٕ۔ بہر حال فن موسیقی ہندِس مأدانس منز روزِ سوپوری صأبن ناو ہمیشہٕ زِندٕ۔ یہُند مزاج چھُ بالکل سیوٚد تہٕ ساد تہٕ یِم چھِ دِلہٕ صاف۔ یہُند وُتھُن بہُن چھُ کشیرِ تہٕ باقی ہندوستانس منز سبٹھاہ بہلہٕ پایہِ اُستادن ستی رُود مُت۔

# ولی محمد ڈار

ناو : ولی محمد ڈار المعروف ولی آگر

ولدیت : کاظم ڈار

سکونت : آگر دیوسر قاضی گُنڈ کولگام

تأریخ پیدائش: سپُد نہٕ معلوم

وفات : 1948ء

## فن تہٕ زندگی

ولی آگر چھُ کٲشِرِ ہُنٛد بہلہِ پایہِ صحرائی گیون وول اوسمُت۔ أمِی ہٕنٛدِس اُستاد سُنٛد سپُد نہٕ معلوم ، اما پۆز دیوسر علاقہٕ کِہن بزرگن تہٕ گیون والین ہُنٛد گُف چھُ زِ وٕلی آگر اوس پننہِ وقتُک معروف گلوکار۔ سُہ چھُ کٲشِرِ اندر پرٛتھ مٲلس یعنی وۄرسس پٮ۪ٹھ اوسمُت گیوان۔ خاص پٲٹھی پکھر پورِ تہٕ ژارِ شریف کِس آستانس پٮ۪ٹھ۔ دپان وٕلی آگر اوس پدٕ، بنٛیٛدٕ چھکرِ تہٕ داستان گیوان اوسمُت۔ کٲشِرِ ہٕندِس کونس کونس منٛز چھُ وٕلی آگر سُنٛد چرچہِ اوسمُت۔ گھریلو محفلن ، صوٗفی مجلسن تہٕ خاندرن کھندرن پٮ۪ٹھ تہِ چھ گیوان اوسمُت۔ بزرگن ہُنٛد وَنُن چھُ زِ وٕلی آگر اوس صاف پٲٹھی لاگی مَتی نے پلون منٛز گیونٕس دوران نژان اوسمُت۔ تمہِ دورٕ کِہن بہلہِ پایہِ اُستادن ہٕتی چھُکھ ووتھن بہن اوسمُت۔ دپان پارٹی ساز اوسکھ ، نوٗٹ ، تمبک نٲر ، تھالج تہٕ تالہ ہُر آسان۔ یِتہِ چھُ وننہٕ یوان زِ

گبوٚنہٕ وِزِ اوس یہِ کیپر ژادر یا عام ژادر ہلہِ گنڈان۔ دپان تمہ وِزِ آسی کشیرِ منز مروجہ ساز سبٹھاہ کم لٔکھ زانان۔ بزرگن ہُنٛد گفت چھُ زِ وٕلی آگرس اوس یادٕ ووٚتُر سٕخ تیز تہٕ قدیم داستان ننبٕد چھکرٕ تہٕ پد اوس سبٹھاہ جان پاٹھی گبوان تہٕ تلفظ تہِ چھُ سبٹھاہ رُت اوسمُت۔ دپان آواز آسکھ سبٹھاہ مٔدرٕ تہٕ میٹھ کینٛہہ لٔکھ چھِ یہِ تہِ ونان زِ وٕلی آگر اوس شوہری علاقس منز تموک ٕکنان (یہِ علاقہٕ چھُ پلوامٕہ ضلعس منز) لٔکن منز اوس سبٹھاہ مقبول گبوٚن وول۔ لٔکھ آسِس سٕخ عزت کران۔

دپان وٕلی آگر اوس اکھ بہلہِ پایہِ شاعر تہِ۔ یِہنٛز اکہِ غزلہِ ہُنٛد یہِ شارُ چھتو

صُبحک ہوا مغزن ژاو پھوٚل نور سنگرن گاش ہوا و
تَس وٕلی آگرس گاش ہوا ونٕور سنگرن گاش ہوا و

یہِ تہِ چھُ یوان ونہٕ زِ وٕلی آگر چھُ صوفی شاعرن ہُنٛد کلامہٕ زیادٕ گبوان اوسمُت۔ لَے تہٕ تال اوس پورٕ پاٹھی زانان۔





# پنڈت بھجن سوپوٗری

ناو : پنڈت بھجن سوپوٗری

ولدیت : پنڈت شمبھو ناتھ سوپوٗری

سکونت : گوڑ سوپور پتہٕ وزیر باغ

تہٕ وُنی کیبس لودی روڈ نوِ دِلی

تارٕیخ پیدائش: 22 جون 1948ء

مروجہ تالیٖم : ایم۔اے، انگریزی کشمیر یونیورسٹی

پیشہٕ ورانہٕ تالیٖم: ایم۔اے میوزک (سنطور تہٕ سِتار) الہ آباد

ایم۔اے میوزِک (مغربی موسیقی) واشنگٹن

یونیورسٹی یو۔ایس۔اے(U.S.A)

ملازٕم : آل انڈیا ریڈیو سرینگر 1974

ملازمتہٕ نِش سبکدوشی: بحیثیتِ ڈائریکٹر آل انڈیا ریڈیو دہلی

(ڈائریکٹوریٹ) 2004ء منٛز رضا کارانہٕ طور۔

## فن تہٕ زندگی

پنڈت بھجن سوپوٗری چھُ فنِ موسیقی ہندِ مادلنگ اَکھ باگہِ بوٗرت موسیقار، سازندر، پروڈیوسر تہٕ ہدایت کار۔ سوٗپوری صاب پیو 1948ء منٛز اکہِ صوفیانہٕ موسیقی گرٕ منٛز تھنہٕ۔ یہِ گرٕ چھُ پیشہِ ورانہٕ گرٕ۔ اتھ گرس چھُ گوڑ پیٹھے فنِ موسیقی ستی گہرٕ واٹھ اوسمت۔ یہِ کتھ چھےٚ نٔ تہٕ ٹاکارٕ زِ

پنڈت بھجن سوپوٗری چھُ قومی تہٕ بین الاقوامی سطحس پیٹھ صفہٕ اوٚلکین موسیقارن، سازندرن، پروڈیوسرن تہٕ ہدایت کارن منٛز گنٛزراونہٕ یوان۔ یوٚدوَے سوپوٗری صاٚب واریاہ ساز چھِ زانان واتنۍ مگر یہُند من پسند ساز چھُ سنطور تہٕ ستار تہٕ تربیت تہٕ چھکھ یمہٕ نے دون سازن منٛز پرآوِمٕژ۔ یوٚ تام زَن تربیتُک توٗلُق چھُ یمو چھِ گوڈٕ پننس مألِس تہٕ بُڈی بَبس نِشہٕ فنِ موسیقی ہنٛز زان حأصِل کٔرمٕژ تہٕ کیازِ یہُند مول پنڈت شمبھو ناتھ سوپوٗری تہٕ یہُند بُڈی بب پنڈت سنسار چند آٔسۍ خاص اُستادن منٛز شمار یوان کرنہٕ۔ ''یمو چھِ فنِ موسیقی ہنٛدِس مأدانس منٛز تھٔکۍنی لایق کأم کٔرمٕژ بحیثیتِ اُستاد تہٕ سازندر'' یِتہٕ چھُ ننان زِ پنڈت بھجن سوپوٗری چھےٚ سُر لَے تہٕ تالہٕ ہنٛز زان گوڈَے پننس گرس منٛز حأصل کٔرمٕژ۔ فنِ موسیقی مزید وُسجار تہٕ ووتھ بوٚ دِنہٕ خأطرٕ کٔر سوپوٗری صاٚبن سٮ۪ٹھاہ تھٔکۍنی لایق کأم۔

پنڈت بھجن سوپوٗری چھُ تِمو بختاور پروڈیوسر تہٕ موسیقار ون منٛز اکھ یمو کُنہٕ موسیقی ہنٛدِ ادارٕ منٛز تربیت حأصل کٔر تہٕ پتہٕ کٔرکھ ریڈیو کشیرس منٛز کأم۔ یہٕنٛدی ہیے دورس منٛز آو فنِ موسیقی ہنٛدِس شعبس منٛز اکھ انقلاب تہٕ کینٛہہ مقبوٗلِ عام کمپوزشنہٕ آیہٕ بروٚنٛہہ کُن یِم لُکو سٮ۪ٹھاہ پسند کٔرِ یا پتہٕ ہیکو وٕنِتھ زِ یہٕنٛدِس دورس منٛز کوٚڈ موسیقی پوٗرٕ کاڈ۔ یتھ کتھِ کُن تہٕ چھُ اِشارٕ کرُن ضروٗری زِ پنڈت بھجن سوپوٗری صاٚبنس دورس منٛز آیہٕ ریڈیو کشیر پیٹھ کینٛہہ نوِ آوازٕ بروٚنٛہہ کُن، یِمن منٛز غلام نبی شیخ، وجے کمار مُلا، شمیمہ آزاد، کیلاش مہرہ، رحمت اللہ خان، قیصر نظامی، آرتی تِکو، نیر جامُنشی،

درشتامہرہ، مُنیر احمد میر، ششی چوپڑہ، قاضی رفیع بیترِ قابلِ ذکر چھِ۔ ریڈیو کشمیرس منز نوکری دوران دِژ پنڈت بھجن سوپۆری صابن کینژن بہاریہِ فیچرن، کورسن، عید فیچرن، اوپیراہن تہٕ ہیرتھ، زنمہٕ اُٹھم، کِنہٕ بڈٕہن دوہن متعلق فیچرن موسیقی یوسہٕ لُکھ سبٹھاہ پسند اَسی کران۔ اَمہِ علاوٕ اَسی سوپۆری صاب یومِ آزأدی تہٕ یومِ جمہوریہ کِنہٕ دوہن پیٹھ حُب الوطنی بأتن تہٕ فیچرن مأری مٕنز موسیقی دِوان یوسہٕ زِنتس تھاوٕنی لایق اَس آسان۔ پنڈت بھجن سوپۆری صاب چھُ کشیرِ ہُندِ سہ بہلہِ پایہِ موسیقار یمۍ کأشرِ زبأنۍ علاوٕ ہندی، گوجری، ڈوگری، اُردو، سنسکرت، بھوج پوری، نیپألی، راجستھأنی تہٕ تلگو زبأنۍ منز تہٕ موسیقی ترتیب دِژ۔ بییہِ طرفہٕ دِژ پنڈت بھجن سوپۆری صابن قومی سوٗتھرس پیٹھ تہٕ کینژن حُب الوطنی بأتن سبٹھاہ شوٗبہ دار تہٕ چالہِ دار موسیقی یمن منز ''وندے ماترم'' ''بھارت بھارت ہم اسکے سنتان'' ''ہم ہونگے کامیاب'' نامن تجھ کو میرے بھارت'' اَمہِ علاوٕ چھِ یمو کینہہ معروف بأتھ رِکمپوز (Recompose) کٔرۍ مٕتۍ یمن منز ''سرفروشی کی تمنا'' ''وجے وِشواترنگا پیارا'' ''قدم قدم بڑھائے جا'' ''بھارت کی بیٹی'' خاص پأٹھی زِنتس تھاوٕنی لایق۔ اَمہِ مزید چھُ پنڈت بھجن سوپۆری صابن اَکس کأشرس بأتس وژھِ وأنجہِ میوزِک دیتُمت یتھ منز ٹاکارٕ پأٹھی سوپۆری صأبنۍ سأرے کأرۍ گری نٔتۍ چھِ باسان۔ یا اگریتہٕ وَنو زأتھ بأتس منز چھِ کأشرِ زبأنۍ تہٕ کأشرِ موسیقی ہٕنز پرزنتھ باسان اَتھی بأتس موسیقی دِنہٕ وِزِ چھُ سوپۆری صابن صوفیانہٕ تہٕ لُکہٕ رنگہٕ

علاوٕ ہلقہٕ پھُلکہٕ موسیقی ہُند انداز پورٕ پأٹھی نوٚن کوٚڈُمت ۔ اَمہِ بأتکی بوٚل چھِ یتھہٕ کنۍ۔

''وٕتھو بدٕلو پنُن تقدیر کروتأمیر نوٚو کشمیر''

یتھ بأتس منز چھِ شأیرن کأشرِ یت تتھ اندازس منز گأشہٕ رأوِمٕژ یوسہٕ کأشرِس مزازس مطابق چھِ تہٕ شمیمہ آزاد چھ اَتھ بأتس پننہِ مدرِ تہٕ دِلکش آوازِ سِتۍ رونق بخش ہٕژ ۔ یہِ بأتھ چھُ عام کأشرٕن لوٚکن زبو پیٹھ ۔ یہِ کتھ چھِ لأزمی زِ شیمہِ بأتک شأیر، موسیقار تہٕ گلوکار جان آسہِ سٕہ کیازِ آسہِ نہٕ پسند پرٕتھ کأنسہِ۔

یہِ کتھ چھِ ژیٚنس تھاوٕنی لایق زِ پنڈت بھجن سوپوٗری صأبن چھُ واریہن ٹی ،وی سریلن، فلمن، ٹائٹل سانگ تہٕ ڈاکومنٹری ین مأری منزٕ۔ موسیقی دِژمٕژ یمو گرٕ آل انڈیا ریڈیو کیٚن واریہن سٹیشنن منز کأم پٕتہٕ یمو مُلکہٕ کیٚن بہلہِ پایہِ گلوکارن ہٕندی گوٕمتیٚن بأتن تھیٚکنۍ لایق موسیقی دِژمٕژ چھِ ۔ بحیثیتِ موسیقار روٗدی یم پرٕتھ ریڈیو سٹیشنس منز کامیاب ۔ اکثر فنکارن ہُند وَنُن چھُ زِ پنڈت بھجن سوپوٗری صأبنہِ موسیقی منز کوٚڈ آسہِ کأفی کاڈتہٕ أسۍ گیہ بہلہِ پایہ فنکارن ہٕندِس صفس منز شأمل۔

پنڈت بھجن سوپوٗری صأبن آسہِ اَلہٕ پلہٕ وُنیُک تام پانژہ ساس کھوتہٕ زیادٕ بأتن موسیقی دِژمٕژ تہٕ یہِ سلسلہ چھُ جأری ۔ اکثر بأتن ہٕنز ریکارڈنگ چھِ مُلکہٕ کیٚن واریاہن ریڈیو سٹیشنن منز محفوظ تہٕ اَمیُک استعمال تہٕ چھُ سپدان ۔ پنڈت بھجن سوپوری چھُ واریاہ سازنانن واقنۍ

تیچ ذِکر مے گوڈے کرٕ، اما پوٚز سنطور تہٕ سِتار چھِ یہندی من پسند ساز۔ یمن دوشوٕنی سازن منٛز چھ یمو تھوٚد مقام حاصل کوٚرمُت۔ سوپوٗری صاب چھِ صفِ اولہٕ کِہن سنطور نوازن منٛز گنزراونہٕ یوان۔ یمو واتہٕ نوٚو سنطور قومی سوٚتھرِس پیٹھ نیرتھ بین الاقوأمی سطحس تام پنہٕ نوٚ صلاحیژ ہٕتی فنِ موسیقی ہٕنٛدی ماہرتہٕ نقاد چھِ یمہِ کتھِ ہٕنٛدی قائیل زِ سوپوری صابن کوٚر کلاسکی موسیقی منٛز سنطور متعارف تہٕ کرٕکھ اکھ تأریخ رقم۔ یمہِ کتھِ ہُنٛد تہِ چھُ اعتراف پِوان کرُن زِ سنطور کہِ ذٔریہ بولن منٛز نوِ بر دِنہٕ ہٕتی دیُت أمی راگ سنگیتس مضبوط دٔربر۔ یتھِ پأٹھی یُس وُسجار پنڈت بھجن سوپوٗری سنطورس بحیثیتِ کلاسیکی ساز دیُت تہٕ تتھ پیو کلاسیکی موسیقی منٛز (سوپوٗری باج ناو) صوفی کلامس ہٕتی جذبأتی وابستگی آسنہٕ کِنی دِژأمی کینہٕ نوِ راگہٕ یمن منٛز ''راگ لل ایشوری'' راگ پت ونتی'' تہٕ ''راگ نرمل رنجنی'' قأبلِ ذِکر چھے۔

پنڈت بھجن سوپوٗری چھنہٕ ریڈیو تہٕ دوردرشنہٕ چہ یأژ کأم کرٕمٕژ بلکہٕ چھِ یمو سٹیج پروگرامن منٛز تہِ بحیثیتِ موسیقار، سنطور تہٕ سِتار نواز پنٕنی فنکارانہٕ صلاحیت لگن بروٚنٛہہ کنہِ تھاوٕمٕژ۔ یمو چھےٚ ریاستہٕ تہٕ مُلکہٕ نبر تہٕ کلچرل اکادمی تہٕ باقی سرکأری پروگرامن منٛز تھٔکِنی لایق کأم کرٕمٕژ۔ یہنٛدِس فنس آو باقی مُلکن منٛز تہٕ داد دِنہٕ یمہِ ہٕتی أمی پنہٕ مُلکچ شان بٔڈرأو۔

پنڈت بھجن سوپوٗری یُس چھےٚ فنہٕ موسیقی ہٕنٛدِس مأدأنس منٛز تھٔکِنی لایق کأم کرنس پیٹھ سرکأری کیو غأر سرکأری ادارو طرفہٕ کھٔ یا پنامہٕ۔ اسناد

تہٕ ایوارڈ میلۍ مِتۍ۔ یِمن منٛز پدم شری ایوارڈ، سنگیت ایوارڈ، جموں کشمیر سٹیٹ ایوارڈ (یُس زَن حکومتہٕ کہِ طرفہٕ سارِوٕے کھوتہٕ تھوٚد ہِول ایوارڈ چھ) دہلی رتن ایوارڈ، دہلی تلگو اکیڈیمی ایوارڈ، سنگیت وِبھوٗتو ایوارڈ، راگ ساگر ایوارڈ، سنگیت رتن ایوارڈ، شاردا سمان، آکاش وانی سالانہ ایوارڈ، پنجاب سکھ ایوارڈ، کلایوگی ایوارڈ، شمع ایوارڈ، گولڈن جیوبلی سیلہِ بریشنز ایوارڈ آل انڈیا ریڈیو سرینگر، سوٚدرٕ اپوٗر کاشُر ایوارڈ (امیر یکھس منٛز یُس کاشرِ فن تہٕ موسیقی ہنٛدِ رژھراونہٕ خاطرٕ دِنہٕ آو) بیترِ چھِ قابلِ ذِکر۔

پِنہٕ وأرِس زمانس منٛز مزید کأتی ہن ایوارڈن ہُنٛد مألک بنہِ پنڈت بھجن سوپوٗری یِہِ کرِ وقتۍ فأصلہٕ اماپوٚز اتھ فنس منٛز یُس بدلاو (Innovations) انووشین تہٕ یُس رفتار أمِس رٔدسہٕ چھُ واریاہن انعاماتن ہُنٛد غماز۔

پنڈت بھجن سوپوٗری چھُ صوفی شأیرن ہُنٛد کلامہٕ زیادٕ پسند کران۔ یِمو چھُ اکثر پأٹھۍ یِمنٛے شأیرن ہنٛدِس کلامس موسیقی دِژمٕژ۔ مختلف رنگن منٛز یِم بہلہِ پایہِ صوفی شأیرن منٛز گٔنزراونہٕ یوان چھِ تہٕ یِہنٛد تولق چھُ مختلف زبانٕن ہِستۍ تہٕ یِمن منٛز لل دید، شیخ العالمؒ، سوچھِ کرال، وہاب کھار، نعمہٕ صأب، احمد بٹوأری، امیر خسرو، حأفظ شیرازی، غنی کشمیری، کبیر، بُلے شاہ، بابا فرید بیترِ۔ خاص پأٹھۍ قابلِ ذِکر چھِ۔

پنڈت بھجن سوپوٗری یَس چھُ شاگردن ہُنٛد اکھ بُڈ حلقہٕ، یِمو مختلف زبانٕن منٛز سوپوٗری صأبس نِشہٕ تربیت حأصِل کٔریمن منٛز روشن علی، راج

کُمار موجُم دار، وِپُل رے، برِتکا تکو، رجنی رینو، بوشالی دهتا، شبیر احمد، مُنیر احمد میر، سارگی، مِشا، اَن زو، ورشا، کِشن رام داس کاکن، ڈاکٹر بالا وِدھیان تھی قابلِ ذِکر۔ یم شاگرد چھِ مُلکی تہٕ غأر مُلکی ۔ اَمہِ علاوٕ تہٕ چھِ واریاہ شاگرد زیرِ تربیت۔ فنِ موسیقی ستی دلچسپی تھاون وألی واریاہ لڑکہٕ تہٕ کورِ چھےٚ پنڈت بھجن سوپوری صأبس نِشہِ شاگردی ہُنٛد شرف حأصل کرُن یژھان تہِ تھٕبن واریاہن لڑکن تہٕ کورہن ستی سپُد مےٚ مُلاقات یمو اَمہِ قسمچ خأہش ظأہر کر۔ نوِ پیٖہہِ ہٕنٛدی لُکھ چھِ یہنٛز کمپوزِشن سیٹھاہ پسند کران ۔ کٲشیرِ تہٕ کٲشیرِ نبر کر سوپوٗری صأبن واریاہ شاگرد پأدٕ کرنچ کوشش یوس سیٹھاہ کامیاب سپٕز تہٕ بروٚنٛہہ کُن تہِ روزِ رنگ ژھٹان۔

ریڈیو کشمیرس منٛز کأم کرنس دوران یمن بأتن پنڈت بھجن سوپوٗری موسیقی دِژ تِم سأری بأتھ گییہِ سیٹھاہ مقبول یمو منٛزٕ کینٛہہ یم چھِ۔

۱ر بہاریہ بأتھ گُل ژٕ چھُکھ سرتاز گُل

کلامِ : نشاط انصاری۔ گلوکارہ :شمیمہ دیو

۲ر ہنہِ گوٚنڈنم نار مدٕنو (گلوکارہ آرتی تکو)

۳ر کورس۔ گنہٕ بوزم منہٕ ہے چھُم ونہٕ کس (کیلاش مہرہ تہٕ سأتھی)

۴ر باخدا سأرٕ ے خدأیی آسہِ ہے پردن اندر

کاسہِ ہے نے زرانڈ ظلماتچ رسولِ محترم

(کلامِ : عبدالاحد فرہاد۔ گلوکارہ شمیمہ دیو)

۵ر وٕتھِو بدِلو پٔنن تقدیر کرو تأمیر نوٚ وکشمیر (گلوکارہ: شمیمہ آزاد)

اَمہِ مزید تہٕ چھِ واریاہ تم بأتھ یم سٮ۪ٹھاہ مقبول سپدی تہٕ اکثر کأشرٮ۪ن زنانن کیو مردن چھِ زبو پیٹھ۔

غرض یہ کتھ چھ ژٲنہٕ تہٕ ٹاکارٕ زِ وُنی کٮ۪ن کِس دورس منز چھُ فنِ موسیقی ہٕنٛدِس مأدانس منز پنڈت بھجن سوپوٗری یَس سٮ۪ٹھاہ تھوٚد مقام۔ اگر أسۍ پتہٕ وَنو زِ سوپوٗری صأب چھِ موسیقی ہٕنز اکھ تأریخ ساز شخصیت تہٕ یمن چھُ فنِ موسیقی تہٕ نوِ پُیہِ خأطرٕ وُنہِ واریاہ کینٛہہ کرُن۔ تہٕ کیازِ تِتھی اُستاد بنٛنٕی چھِ سٮ۪ٹھاہ مُشکل۔

پنڈت بھجن سوپوری صأب چھِ باضأبطہٕ پأٹھۍ فنِ موسیقی ہٕنٛد اکھ مکمل تہٕ نامور اِدارٕ چلاوان یمیُک ناو چھُ ''سوپوری اکاڈمی آف میوزِک اینڈ پرفارمنگ آرٹس''۔ یتھ مختصر پأٹھۍ SAMAPA ونان چھِ۔ أمۍ اِدارن چھِ وُنیُک تام واریاہ بہلہِ پایہِ سازندر موسیقار تہٕ گُلوکار پأدٕ کٔرۍ ہٕتۍ تہٕ یہ سلسلہ چھُ جأری تہٕ سأری چھِ اَمیُک رٕژر کانٛچھان۔ یوٚ تام زَن بھجن سوپوٗری صأبنہِ ذأتی زندگی ہُنٛد تولُق چھُ یم چھِ سٮ۪ٹھاہ نرم مزازٕ تھاوان، یمن منز چھِ سٮ۪ٹھاہ رٕتی اخلاق یمو ستی لوٗکٕ کیو بڈۍ متأثر گژھان چھِ۔ یہنٛدِس دِلس منز چھُ ہمدردی ہُنٛد جذبہ بے شک موجود تہٕ عام لوٗکن تہٕ خاص لوٗکن ستی چھِ ہشی نظر کران۔ اُمید کرویی زِ یم روزن فنِ موسیقی بروٚنٛہہ کُن تہٕ مختلف طریقو بٔرژر کران، تہٕ نوٚئن تجربن کُن دِین مزید توجہ۔

# امکار ناتھ رینہ



ناو : امکار ناتھ رینہ

ولدیت : پنڈت شیو ناتھ رینہ

سکونت : گوڑ بڈیار بالہٕ سرینگرٕ تہٕ
ہجرت کرنہٕ پتہٕ ترکوٹہ نگر جیمہِ

تأریخ پیدائش: 19.10.1934

تألیم : گوڑٕ ایف اے، ایس پی کالج سرینگرٕ پتہٕ
ایم اے میوزِک الہ آباد۔

ملأزم : گوڑٕ بحیثیتِ آرٹسٹ (سِتارنواز) ریڈیو سٹیشن جۆم تہٕ
پتہٕ بحیثیتِ ہیڈ آف دی ڈیپارٹمنٹ انسٹرومنٹل
میوزک اینڈ فائین آرٹس ادارٕ سرینگر۔

## فن تہٕ زندگی

امکار ناتھ رینہ چھُ تھدِ پایک سِتارنواز۔ کٔشیرِ اندر یم تہِ بہلہِ پایہِ سِتارنواز چھِ اُسۍ مٕتۍ، تِمو اندر چھُ امکار ناتھ رینہ تہِ اَکھ خاص مقام تھاوان فلوٗٹ تہِ زانان تہٕ سِتار تہِ ووٚنۍ گۆو پتہٕ رۆد یہُنٛد من پسند ساز سِتار۔ امکار ناتھ رینہ صأبن گوڈنیک اُستاد چھُ یہُنٛد لۆل پنڈت شیو ناتھ اوسمُت۔ اماپوٚز زان کأری خأطرٕ چھُکھ شمبھو ناتھ سوپوری صأبس نِشہِ تہِ مدد حأصِل کوٚرمُت۔ یا ووٚنۍ تو یہُنٛد دۆیم اُستاد چھُ شمبھو ناتھ سوپوری

اوسمُت ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یہُند تٕرٛیم اُستاد دِے بو چودھری اوسمُت ۔ یمن پدم بوشن ینامہٕ میوٗلُمت اوس ۔ یہُند تولق پیشہِ ورانہٕ گھرانس ستۍ اوسمُت چھُ ۔ غرض یمو چھُ بے شک پورٕ ترتیب حاصل کرمٕژ ۔

امکار ناتھ رینہ صابن چھُ 1955ء منز ریڈیو کشمیر پٔٹھ پاس کوٗرمُت ۔ مُلکی سطحس پٔٹھ چھِ یم گنہٕ تہٕ ریڈیو سٹیشن تہٕ دوٗر درشن پٔٹھ ستار وأیتھ ہبکان ۔ ہندوستان علاوٕ چھُ یمن لندن، سوتھ امریکا، ویسٹ انڈیز تہٕ یو ایس ایس آر گوٛھنگ موقعہٕ میوٗلُمت ، ییٚتہٕ یمو پننہِ فنک مظاہرٕ جان پأٹھی کوٗر ۔ مُلکہٕ نبر چھِ یم کلچرل اکیڈمی ہُند ذٔرۍ یہ گاہےٚ ریڈیو کشمیر سرینگرس تہٕ دوٗر درشن سرینگرس منز چھِ یمو عید فیچرن ، شیوراتری فیچرن، یوم آزأدی تہٕ یومِ جمہوریہِ فیچرن منز تہِ کأم کرمٕژ ۔ اَمہِ علاوٕ چھکھ کورس، گروٗپ سانگن تہٕ اوپیراہن منز تہِ بحیثیتِ سِتار نواز کأم کرمٕژ ۔ رینہ چھُ گوڈٕ فِلوٗٹ اوسمُت وایان ۔ اتھ منز تہِ چھُ ریڈیو اپروڈ اوسمُت تہٕ مختلف پروگرامن منز چھکھ شرکت کرمٕژ ۔ ریڈیو جیمس منز چھِ رینہ صأب 1972ء پٔٹھ 1973ء تان نوکری اَسۍ مٔتۍ کران تہٕ پتہٕ چھکھ ریڈیو ملازمت ترأومٕژ ۔ اَمہِ پتہٕ چھِ 1973ء پٔٹھ 1992ء تام بحیثیتِ سربراہ انسٹرومنٹل میوزک روٗدۍ مٔتۍ سرینگر کِس میوزک اینڈ فائن آرٹس اِدارس منز ایم اے میوزک یمہِ وِزِ رینہ صابن کوٗرمُت چھُ الہ آباد یونیورسٹی پٔٹھ ۔ یمو چھِ تمہِ وِزِ ترٛیم پوزیشن أنۍ مٕژ تہٕ سلور مڈل چھکھ حاصل کوٗرمُت ۔ یمن چھِ کینٛہہ سَنٛدٕ تہِ ترٛمٕژ ۔

1992ء منز چھُ یمن آل انڈیاسٹی زَن کونسل ینامہٕ تہٕ میوٗلُمت ۔ یمو چھِہ کینٛہہ شاگرد تہٕ تیار کرِٕتی یمن منز امرناتھ ، اوشا گروور ، پایل رینہ، ماہک رینہ، کلپنا رینہ ، مکھن لعل رینہ، سُریندر سپرو قابلِ ذکر چھِہ ۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ یمو پنُن اکھ لڑکہٕ فلیوٹ ہیٚچھنووُمت ۔ دوٗیم لڑکہٕ سُنیل رینہ تہٕ چھکھ میوزک ہیٚچھنووُمت ۔ سنیل رینہ چھُ وُنہٕ کبس میوزک اینڈ فائن آرٹ ادارس منز جیمہٕ مُلازمت کران ۔ غرض امکار ناتھ رینہ صأبن ناو روزِ فنِ موسیقی ہنٛدِس مادأنس منز ہمیشہٕ ہمیشہٕ خأطرٕ زِندٕ ۔





# ٹی کے جلالی

ناو : تیج کرشن جلالی

ولدیت : پنڈت ثونہ کول جلالی

سکونت : گوڑ رائٕ وور پتہٕ راول پۆر سرینگر

تہٕ ازکل نصیب نگر جانی پور جموٗم ریگنر

تأریخ پیدأیش: 29.03.1941

تألیم : ایم اے میوزک گوالیار

ملازمت: بحیثیتِ اکھ اُستاد میوزِک اینڈ فائن آرٹس

اپریل 1965ء تا 1973ء

سبکدوش: مارچ 1999ء

<u>فن تہٕ زندگی</u>

ٹی کے جلالی چھُ فنِ موسیقی ہُند اکھ بہلہِ پایہِ اُستاد تہٕ موسیقار۔ جموں وکشمیر کین موسیقارن تہٕ اُستادن منز چھُ یہُند ناو سبٹھاہ مقبول۔ یم چھِ صفِ اولہٕ کیو موسیقارو منز۔ یمو دیت موسیقار بننس کُن پنُن ژۆر دھیان تہٕ نتیجہٕ دژاو زِ یمو دیُت ثابت کرِتھ زِ یم چھِ بے شک اکھ بہلہِ پایہٕ موسیقار۔ یمو چھِ لوکچارٕ پٹھے فنِ موسیقی ستیٕ وابستگی تھأومٕژ۔ اگرچہِ جلالی صأبن باضابطہٕ پأٹھی اکہِ ادارِ منز فنِ موسیقی ہنز تربیت حأصل کٔرمٕژ چھِ تاہم چھِ یم پنُن گوڈنیُک اُستاد پنڈت چداننگر کرِس مانان،

یُس بمبیہِ ہُنٛد روزن وول اوس ۔ یہُنٛد دوٚیم اُستاد چھُ پنڈت بالا صاحب پوٗنچھ والے اوسمُت ۔ یم دوشوٕے اُستاد چھِ فنِ موسیقی ہٕندی معروف تہٕ باگہِ بُرتی فنکار اُسی مٕتۍ ۔ جلالی صاٗبن چھ کلاسیکل تہٕ نیم کلاسیکل ماٗدانس منز کاٗفی مہارت حاٗصل کرمٕژ ۔

جلالی صاٗب یوٚدوٕے ہارمیوٗنیم تہٕ طبلہٕ تہِ چھِ زانان واٮ۪ن ۔ تاہم چھُ یہُنٛد عام استعماٗلی تہٕ من پسند ساز وَایلن ۔

یمو دیُت بحیثیتِ موسیقار ریڈیو کشمیر سرینگر تہٕ جیمہِ پٮ۪ٹھ واریاہن فیچرن گرۄپ سانگن تہٕ غزلن میوزک ۔ خاص پاٹھۍ چھُ جلالی صاٗبن شیو راتری، عید، یوم جمہوریہ تہٕ یوم آزادی متلق فیچرن شوٗبہِ دار میوزِک دیُتمُت تہٕ عام لُکھ چھِ یہنٛز موسیقی پسند تہِ کران ۔ کینہہ باٗتھ گٔے سبٹھاہ مقبول یمن زَن جلاٗلی صاٗبن موسیقی دِژمٕژ چھِ ۔ اَکھ باٗتھ چھُ "کتیو چھُکھ ٹُنٛد بانے وٕلو ماشوقہٕ میانے"

یہ باٗتھ چھُ رونا لیلیٰ گوٚوان، یوس بنگلہِ دیشٕچ بہلہِ پایہِ گُلوکارہ چھِ تہٕ ریڈیو کشمیر سرینگر پٮ۪ٹھ چھُن گیومُت ۔ بیاکھ مقبولِ عام باٗتھ چھُ جلالی صاٗبنہِ موسیقی منز آرتی تکو سنزِ آوازِ منز ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ جلالی صاٗبنہِ موسیقی منز غلام نبی شیخ، کرن کول، کیلاش مہرہ، درشنہ مہرہ تہٕ رحمت اللہ خان صاٗبن بیترِ گیوی مٕتۍ ۔ کینژَن ٹی وی پروگرامن منز چھِ یمو بحیثیتِ موسیقار تہٕ وایلن نواز کاٗم کرمٕژ ۔ کلچرل اکیڈیمی ہٕندبن پروگرامن منز چھِ جلالی صاٗبن بحیثیتِ موسیقار وایلن نواز تہٕ گرۄپ انچارج تھٔکنٕی لایق کاٗم

کرِمژ۔ یم اَسی خاص پاٹھی تتھ کلچرل ٹروپس انچارج ییمَو وِنہٕ زولا امریکہ تہٕ ویسٹ انڈیزُک دورٕ کوٚر۔ یمو چھُ ''منہِ کامنا'' البم خاطرٕ تمن باٲتن میوزِک دیٚتمُت یم آرتی تِکو تہٕ ارچنا جلالی گیوٚمتی چھِہ۔ یمو چھُ مُلکس اندر تہٕ مُلکہٕ نبر پنٕنہٕ فنک مُظاہرٕ کوٚرمُت۔ معروف گلوکارہ شمیمہ آزاد سنٛز گوڈنِچ ڈِسک ریکارڈنگ یوس کلکتہ ہس منٛز سپٕز، اتھ اَس مشترکہٕ طور جلالی صاٲبن تہٕ کرشن لنگو صاٲبن موسیقی دِژمژ۔ اَتھ منٛز اَسی کاشرِ علاوٕ اُردو تہٕ بنگالی باتھ تہٕ یم سٹھاہ مقبوٗل سپدی۔ یمو چھِ کینٛژن اوپیراہن تہٕ موسیقی دِژمژ۔ یتھ منٛز وتستا، ہمالیہ کے چشمے وغارٕ قابلِ ذِکر چھِ۔ یہنٛدی خاص شاگرد چھِ۔ ارچنا جلالی، آرتی تلو، مہاراج کرشن پنڈتا، ایم کے رینہ، کلپنا قیصر۔

اَمہِ علاوٕ چھِ جلاٲلی صاب جوٗم تہٕ کشمیر یونیورسٹی منٛز ڈین فیکلٹی آف آرٹس روٗدی متی۔ بیٚیہ چھِ دوشونی یونیورسٹین منٛز ممبر اکاڈمِک کونسل روٗدی متی۔ ریڈیو تہٕ ٹی وی خاطرٕ چھِ یمو بحیثیتِ جج آڈیشن کمیٹی ہنٛدی فراٲیض انجام دِتی متی۔

دوٗردرشن تہٕ ریڈیو خاطرٕ چھِ یمو بحیثیتِ سلیکشن کمیٹی ہنٛدی ممبر کاٲم کرِمژ۔ یمن چھِ واریاہ سَند تہٕ ینامہٕ مختلف تمدنی اداروطرفہٕ ترٛمژ۔

یمو کوٚر بحیثیتِ میوزک کمپوزر آڈِشن پاس 1976ء منٛز آل انڈیا ریڈیو سرینگر پیٹھ تہٕ یمن میوٗل اَتہٕ بی ہائی گریڈ تہٕ اَمہِ پتہٕ چھُ یمن جوٗم ریڈیو پیٹھ اے گریڈ میوٗلمُت



# محمد دِلاور خان

ناو : محمد دلاور خان المعروف دِلہٕ بچہٕ

ولدیت : گلاب خان

سکوٗنت : مرکنڈل سنمبل سوناواری۔ بارہ مولا

تأریخ پیدائش: 11/نومبر 1874ء

تأریخ وفات: 14/نومبر 1996ء

پیشہٕ : زٕمیندأری

## فن تہٕ زندگی

محمد دِلاور خان چھُ اَکھ بہلہِ پایہٕ، باگہِ بوٗرُت تہٕ مأری موٗنٛد نٔژن وول تہٕ گیوٗن وول اوسمُت۔ یہُنٛد شمار چھُ کٲشِرِ ہِنٛدِ بٔن صفِ اولہِ کِہن فنکارن منٛز گنزراونہٕ یوان۔ دلاور چھُ اکہِ زٕمیندار گھرِ منٛز تھنہٕ پیومُت۔ یہِ چھُ مرکنڈل گامُک اَکھ رُت گھر اوسمُت فنِ موسیقی ہِنٛدِس مأدانس منٛز چھِ دلاور خانن تھٔکِنٛژ لایق کأم کٔرمٕژ۔ یہِ اوس عام پأٹھی چھکر تہٕ رؤف پد تہٕ داستان تہِ گیوان۔ یہنٛدِس اُستاد سُنٛد چھُنہٕ کانٛہہ پے پتاہ میلان ژٕھُس اوس۔ ووٗنی گوٚو دِلاور خانس چھُ لوکچارِ پیٹھے گیوٚنُک تہٕ گیوٚن بوزنُک شوق اوسمُت۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس یہِ کمراز علاقس منٛز گریلو مجلسن تہٕ خاندر کھُندرن پیٹھ گیوان۔ییلہِ یہِ فنکار مقبولِ عام سپُد تہٕ أمی لوگ کٲشِرِ ہِنٛدِس کوٗنس کوٗنس منٛز پننہِ فنُک مظاہرٕ کرُن۔ یہنٛز آواز

چھِ میٹھ ،مئدر تہٕ اثر دار آسمژ۔ سُر ،لَے تہٕ تال چھِ پوٗر پأٹھۍ زانان
آسٕمتۍ۔ یِم چھِ سازو أندر ہار مونیم تہٕ نوٹ وایُن زانان آسٕمتۍ۔
آخری ایامن چھِ دلاور خان صأب عام پأٹھۍ صوٗفی محفلن منز گوان
آسٕمتۍ تہٕ فقیر احمد سمبلی تہٕ فقیر اکرم صأب ٹُل مُلس سٟتۍ چھُکھ واریاہ وق
گذرمُت ۔دلاور خانس چھ سَتھ نیچِوی آسٕمتۍ یمو منز کینٛہہ جان تألیم
یافت چھِ تہٕ مختلف سرکأری عہدن پیٹھ چھِ کأم کران روٗدی مٕتۍ تہٕ ژٕ نیچِوی
أسِکھ نژنس گیونس سٟتۍ تہِ کران یمن ہٕنٛدی ناو محمد مقبول خان تہٕ محمد عبداللہ
خان چھِ ۔ یمو چھِ کینٛہہ شاگرد تہِ تیار کٔری مٕتۍ یہُند مٔیہ پوٗر پأٹھۍ
معلومات بہم سپدی نہٕ۔ غرض فن موسیقی ہٕندِ مأدانک چھُ دلاور خان بے
شک تھدِ پایک فنکار اوسمُت۔





# عبدالسلام بآئے ہأمی

ناو : عبدالسلام نائیک

ولدیت : حبیب اللہ نائیک

سکونت : بائے ہامہِ کولگام

تارِیخ پیدائیش : 11 مارچ 1927ء

تألیم : اَن پڑھ

تأریخِ وفات : یکم اکتوبر 2005ء

## فن تہٕ زندگی

سلام بائے ہأمی اوس کشیٖرِ ہُند اکھ باگہِ بۆرُت تہٕ بہلہِ پایہِ گلوکار تہٕ نژن وول۔ یہند بن رشتہٕ دارن تہٕ بزرگن ہٕتی مُلاقات کرنہٕ پتہٕ سپُد دریافت زِ سلام اوس بے شک اَکھ معروف گلاکار تہٕ سازندر۔ سلامنۍ آواز چھِ میٹھ تہٕ دِلکش اَسمٕژ۔ لۆکن ہُند وَنُن چھُ زِ یہِ اوس مرازُک خاص پأٹھۍ تہٕ کٲشیٖرِ ہُند عام پأٹھۍ اَکھ مأرۍ مۆند گوٚن وول تہٕ فنِ موسیقی ہٕندِس مأدانس منٛز چھِن تھٔکنۍ لایق کأم کرٕمٕژ۔سلام چھُ لوکچارٕ پانہٕ پٮ۪ٹھے گوٚوان اوسمت تہٕ گوٚن بوزنُک شوق چھُ یہند بن رگن رگن منٛز اوسُمت۔ چھکرِ علاوٕ چھُ داستان تہِ گوٚوان اوسمت۔ سلام بائے ہأمی ہٕندِس اُستادس متلق سپُد نہٕ کینٛہہ تہِ معلوم۔ سازو أندر چھُ ہارمونیم وایان اوسُمت تہٕ فنِ موسیقی ہٕند بن بُنیأدی اصوٗلن یعنی سُر، لَے تہٕ تال چھِ رٕتی

پأٹھۍ زانان آسۍ متۍ۔ وونۍ گوٚو پتہٕ سپُد معلوم زِ سلام اوس سارنگ ، رباب ، نوٚٹ تہٕ تمبک نأرتہٕ اوسمت وایان۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس سلام صأب لوکچن مجلسن ، خاندرن کھٔندرن منز تہٕ گیوان ، اماپوٚز پتہٕ اوس صوٗفی محفلن تہٕ ریڈیو کشمیر پیٹھٕ تہٕ گیوان۔ اَمۍ چھُ 1954ء پیٹھ ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوُن ہیوٚتمُت تہٕ امہِ ستۍ سپُد یہِ لوٗکن منز کأفی مقبول۔ أمۍ چھُ کشیرِ ہِندِس کوٗنس کوٗنس منز پننہِ فنک مظأہرٕ کوٚرمُت۔ یہِ چھُ صوٗفی شاعرن ہُنٛد کلامہٕ تہٕ گیوان اوسمُت تہٕ باقہٕ شاعرن ہُند تہٕ۔ سلام بأے ہأمۍ سِندِ بن ہم عصر گیوُن والین منز چھُ عبدالغفار خان لوجری، عبدل احد نیامہٕ، غلام محی الدین بلہٕ پوٚری ، عبدالغنی ترٔالی قأبلِ ذِکر۔ بزرگن ہُنٛد وَنُن چھُ زِ سلام ہأے ہأمۍ سُند مُرشد چھُ رحیم صأبہٕ بندو اوسمُت یُس کنٛڈ پیٹھ نووژوگام کلگامہٕ اوس پتہٕ روزان۔ غرض فنِ موسیقی ہِندِس مأدانس منز روزِ سلام بأے ہأمۍ سُند ناو پرٛتھ ساعتہٕ زِنٛدٕ۔

یہند بن مقبولِ عام بأتن منز چھِ نموٗنہٕ خأطرٕ یم کینٛہہ بأتھ سبٹھاہ مشہور۔

روشہِ روشہِ چھکھ ژلان پأے کرمیون
بہٕ نو زٕر مدٕ نو دور برٕ چون
مہجور

کرٕیو پوٗشہِ لنجے واوٕ ملالہٕ ترٛاومتے لو
اسد میر

☆



# کرشن لنگو

ناو : کرشن لنگو

ولدیت : پنڈت ٹیکہ لعل لنگو

روزن جاے : گوڈٕ ڈٔبٕ یارٕ بل سرینگرتہٕ از
نصیب نگر جانی پور جوٗم

زٕہنہٕ دوہ : 7 اپریل 1940ء

تألیم : میٹرک

پیشہ/ ملازم : گوڈٕ سٹاف آرٹسٹ سانگ تہٕ ڈرامہ ڈویژنس
منز تہٕ پتہٕ اسسٹنٹ ڈائریکٹر شملہ ہماچل پردیش
ملازمت اختیار کرنٕک وٕری: 1966ء

ریٹائر : 1998ء

## فن تہٕ زندگی

کرشن لنگو چھ اکھ باگہِ بۆرُت موسیقار۔ کٲشرِ ہندو موسیقارو منز چھ بہترین موسیقار۔ یِم چھ تھدِ پایکی ڈرامہ اداکار تہٕ۔ فوک میوزکہِ علاوٕ چھ کلاسیکل تہٕ نیم کلاسیکی موسیقی زانان۔ بالہٕ پانے چھکھ گیوٚنٕک شوق گنیومُت۔ یہٕ کتھ چھِ پزٕ زِ یِمو چھنہٕ کُنہِ ادارٕ منز تربیت حأصل کٔرمٕژ مگر پیشہٕ ورانہٕ گھرانٕس منز چھکھ اَمِچ زان حأصل کٔرمٕژ۔ یتھٕ کٔنی چھُ یہند گوڈنیُک اُستاد دارکاناتھ مسرور اوسمُت۔

یُہنٛد دوٚیم اُستاد چھُ بوٚ مانند بوگم اوسمٔت۔ یُس مہاراشٹرٕک روزن وول اوس تہٕ پیشہٕ ورلنہٕ گھرس ستۍ تولق چھُ تھاوان یُس بہلہٕ پایُک ووستاد اوس۔ یمو علاوٕ یمن ووستادن ستۍ یہنٛز صحبت رٔژمٕژ چھےٚ تِم چھِ ستہ نارائن، سبر وال، راحت علی، رام نرائن قابلِ ذکر۔ اَمہِ تلہٕ چھےٚ لنگو صابٕنۍ شخصیت نَنان۔

1973 ءمنٛز گیہ یِم بحیثیتِ Composer ریڈیو کشمیر پٔتھ آڈیشنس پاس۔ تہٕ اَتھی ستۍ ہیوٚتُکھ ریڈیو کشمیرس منٛز موسیقار سٕنٛدِ حیثیتہٕ پننہٕ فنُک مُظاہرٕ کرُن۔ وارِیاہن فیچرن منٛز دِژکھ موسیقی۔ مثلن عید، شِوراتری، یوم جمہوریہ تہٕ آزادی بہترِ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یمو گرٛوپ سانگن، غزلن، کورسن تہٕ شوٗبہٕ دار موسیقی دِژمٕژ۔ کیٛنٛہہ مقبولِ عام بٲتھ یِمن لنگو صابن میوزک دِیت چھِ یِم:

ملالہٕ ترٛاوِتھ ژٕ سالہٕ یِکھنا      بہٕ پیالہٕ مسہٕ کی برے ہولالو

آواز: جہاں آرا جانباز

ہے ویٚنِسی چارٕ نے لوٗگ عشقہٕ نارس      یارس ونتے میون

آواز: شمیمہ دیو

اَمی یارٕی کرِنس بامبرے      حورے مے نیوٚنم ژورِ دِل

آواز: وجے کمار ملا

یمو گلوکارو علاوٕ چھِ وارِیاہن گلوکارن ہٕنٛد بٲتن یہنٛز موسیقی یِمن فیچرن یمو موسیقی دِژمٕژ تِم چھِ سوچھِ کرال، روپہٕ بھوانی تہٕ گاشہٕ تارُک۔ ریاستی

سۆتھرس پیٹھ چھُکھ ٹیلی سیریلن ، ٹیلی فلمن یمو ٹائیٹل میوزک تہٕ بیک گراونڈ میوزک دیُتمُت ۔ مثلن مشعال ، پرتیتھ ، اَرِ نہِ مال ، ٹیلی سیرین منز بہٕ ونہٕ پوٚز ، پنٕنۍ گوناہ ، گھرانا ، ہوش یار خبردار ، حقیقتھ ، تاپہ دوہ ، پتہٕ پتہٕ غولام بیترِ قابلِ ذکر چھِ ۔ قومی سۆتھرس پیٹھ کرٕ اہن فلمن تہٕ سیریلن چھُ یمو میوزک دیُتمُت تیلہِ چھُنہٕ اَسہِ یمن فلمن تہٕ سیریلن ہٕندۍ ناو مشراو نۍ ۔ میون وُنن چھُ ، گُل گُلشن گلفام ، گوٚٹن ، بُلبُل باغ ، سایہ دیو دار کے ، پت جھڑ ، پوش نول کی واپسی ، بڈشاہ تہٕ فیچر فلم بیگا آنچل چھ یہنز تھز کأم ۔

لنگو چھ ہرمونیم ، اکاڈین ، نوٚٹ تہٕ تمبک نأر وایان مگر جادٕ رغبت چھُکھ اکاڈینس ستی ۔ یم چھ دوٚیمن مُلکن منز تہٕ پننہِ فنُک مُظاہرِ کرنس منز کامیاب روٗدی متی ۔ یمیُک سنز کلچرل اکادمی جموں و کشمیر کران اَسی ۔ مثلن تم گیہِ امریکہ ، ہانگ کانگ تہٕ روٗس ، گیانا تہِ ۔ یمو چھ میوزک ڈائریکٹر بنتھ ٹروٗپ انچارج ہِنٕدِ حیثیت تہِ کأم کرٕمژ تتھ ثقافتی ٹروٗپس یُس کلچرل اکادمی ہٕندِ مدتہٕ روسس منز سپُد انڈین فیسٹول خأطرٕ یُس سمبٹھاہ پسند آو ۔ ہمالیہ کے چشمے تہٕ موج کٔشیر دیٚت یمو میوزک ۔ یُس سمبٹھاہ خوش سپُد ۔ یم چھِ شوبہِ دار ایکٹر تہٕ ڈائریکٹر تہِ ۔ کینہہ سٹیج ڈرامہ چھِ یمو ڈائریکٹ کٔری متی مثلن ایک پتی چنار کی ، گنگا میا ، بونہِ وٕتھر ، ہم ہونگے کامیاب ، بھارت درشن ، سُیا ، بس اکھ خاب ، اَسی اَسی تہٕ اَسی آسو ، خاص ناوہنس لایق ۔ کینژن ڈرامہن منز بحیثیت اداکار کأم کرِتھ میوٚلکھ شاباش تہِ ۔ وتستا ، ٹیپو سلطان ، ہمالیہ کے چشمے ، پیا بھاج پیالہ ۔ لنگو

صأب چھِ ازتہِ دوردرشن ، ریڈیوتہٕ کلچرل اکادمی ہندٕن پروگرامن منز حِصہٕ نِوان۔قومی سوٚتھرس پیٹھ چھ مأنۍ مِتۍ موسیقار رشید فراش، دلیپ لنگو، وجے ٹلو چھ یہندی قأبلِ ذِکر شاگرد۔یِمن چھُ کیٛنہہ سَنٛدٕ تہٕ ینامہٕ میلیٛمِتۍ۔مثلن اپ ٹران ، ینامہٕ بحیثیتِ ڈائریکٹر گُل گلشن گلفام، مزید چھکھ RAPA ینامہٕ اَمی سریلہٕ خأطرٕ بیک گراونڈ میوزک خأطرٕ میوٚلمُت۔



# غلام محی الدین مرکنڈل

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | غلام محی الدین شیخ<br>المعروف محی الدین مرکنڈل |
| ولدیت | : | محمد عبداللہ شیخ |
| سکونت | : | مرکنڈل، سمبل سوناواری<br>بارہ مولا |
| تأریخ پیدائیش | : | پۆرٕ پأٹھی سپُد نہٕ معلوم، اکہِ اندازٕ مطأبق<br>چھِ یم شیٖتہٕ ؤہری ییٚمہِ عالمہٕ گأمتۍ۔ |
| تأریخ وفات | : | 8مارچ 1989ء |
| تألیم | : | اَن پڑھ |

فن تہٕ زندگی

یہِ گتھ ونہٕ بہٕ صاف تہٕ ٹاکارٕ زِ میٚہ چھنہٕ تم لفظے ییمو ستۍ بہٕ محی الدین مرکنڈل صأبس ستۍ انصاف کرِتھ ہیکہٕ۔ البتہٕ کم کاسہٕ روشنی ترأو بہٕ ضرٕور مرکنڈل صأبنس فنس تہٕ زندگی پیٹھ ۔ محی الدین مرکندل چھُ کٔشیرِ ہُندٕ سہ باگہِ بۆرُت، بہلہِ پایہِ تہٕ مأری مۆنڈ نژن وول تہٕ گلوکار یُس از تام تہٕ کأشرِ ن زبٲنہِ پیٹھ چھُ۔ دپان کمراز علاقس منزٕ اوس یہِ تمام گبون تہٕ خاص

پأٹھی نژن والین منز سرس۔ دپان از تام چھُنہٕ اُمس ہیوٚ ردوٚیم کانٛہہ تہٕ یُتھ نژن وول کمرازس منز پأدٕ گوٚمُت۔ وٚنن والین ہُند گف چھُ زِ اُمی چھُ نژنہٕ ستی پننہِ گیوٚنُک آغاز کوٚرمُت۔ اَتھی ستی ستی اوس اَکھ بہلہِ پایہ گیوٚن وول تہٕ۔ دپان اُمی چھُ گیوٚن لوکچارٕ پانہٕ پیٹھے شروع کوٚرمُت۔ گوڑ گوڑ اوس اکثر تمن مجلسن منز گژھان ییٚتہِ گیوٚنُک دربار آسہِ ہے۔

محی الدین مرکنڈل چھُ صوفیانہٕ، چھکرٕ تہٕ دوٚگنٕ چھکر گیوٚان اوسمُت۔ اَمہِ علاوٕ چھُ ضرأیی چھکرِ ہُند تہِ ماہر اوسمُت۔ دپان یہٕ اوس چھکرِ روٚف تہٕ داستان تہِ جان پأٹھی گیوٚتھ ہیکان۔ مراز کیوٚ تہٕ کمراز کیوٚ لوٚکو چھُ اُمس بہلہِ پایہِ گلوکارس وِزِ وِزِ لول بوٚرمُت تہٕ عزت افزأیی کٔرمٕژ۔ مرکنڈل چھُ گوڑ گوڑ خاندر کھندرن پیٹھ گیوٚان اوسمُت تہٕ اَمہِ پتہٕ صوٗفی تہٕ درویشن ہنٛز محفلن منز اکثر اوسمُت گژھان۔

کٔشیرِ ہِندِس گوڈنکس وزیرِ اعظم بخشی غلام محمد سٕندِس دورس منز چھِ اُمی فنِ موسیقی ہِندِس مأدانس منز تھٔکینٛز لایق کأم کٔرمٕژ۔ کلہم پأٹھی چھِ اُمی کٔشیرِ ہِندِس کوٗنس کوٗنس منز پننہِ فنُک مظاہر کوٚرمُت۔ فنِ موسیقی ہِندٕ بن بنیأدی اصوٗلن ہنٛز چھِ اُمس پوٗرٕ زان اٰسمٕژ۔ یِہُند استاد چھُ معروف گلوکار تہٕ نژن وول دِلاور خان اوسمُت یُس پننہِ وقتُک معروف گلوکار تہٕ ڈانسر اوس۔ یِمن چھُ تقسیم ہند بروٚنٛہہ 1938ء منز پاکستان لاہور گژھنُک تہِ موقعہ میوٚلمُت۔ ییٚتہٕ اُمی پننہِ فنُک مظاہر بڑٕ جان تہٕ زبر پأٹھی کوٚرمُت چھُ۔ دپان یِمو چھُ پروفیسر محی الدین حاجنی صأبس ستی تہٕ

واریاہ وکھ گنذ ورمُت ۔ سازو أندر چھُ محی الدین ہارمونیم وایان اوسمُت ۔ یہند ہن شأگردن منز چھُ معروف گلوکار مرحوم علی محمد شیخ، محمد عبداللہ خان تہٕ غلام نبی قأبلِ ذِکر ۔ بہرحال فنِ موسیقی ہنٛدِس مأدانس منز روزِ محی الدین صأبنٕ کأم ہمیشہِ ہمیشہِ خأطرٕ زندٕ ۔لۆکن ہُنٛد چھُ یِتہِ وَنُن زِیہِ بہلہِ پایہِ فنکاراوس عام پأٹھؠ صوفی شأیرن ہُنٛد کلام گوٚان تہٕ بوزان۔





# عبدالعزیز ڈار

ناو : عبدالعزیز ڈار
المعروف عزیز اشمجی

ولدیت : محمد خلیل ڈار

سکونت : اشمجی تحصیل تہٕ ضلعہٕ کولگام

تأریخ پیدائیش : 1932ء

تألیم : شیٚے جماژ

فن تہٕ زندگی

عزیز ڈار اشمی چھُ کشیرِ ہُند اکھ معروف گلوکار تہٕ نژن وول۔ شکلہِ کِنی چھُ سیٹھاہ شکیل اوسمُت تہٕ یہُند نژن وُچھنہٕ خأطرٕ چھِ مراز علاقکی لکھ پرٛتھ تتھ محفلہِ منٛز واتان أسی یتھ منٛز یہ گوٚوان آسہِ ہے۔ یہ اوس خاص پأٹھی صوفیانہٕ چھکر گوٚوان تہٕ دوٚ کنی چھکر گوٚونک تہٕ چھُ ماہر اوسمُت۔ اَمہِ علاوٕ اوس عام چھکر تہٕ داستان تہٕ گوٚوان۔ یمن چھُ بچپن پیٹھے گوٚونک تہٕ نژنک شوق و ذوق اوسمُت۔ یہ باگہِ بوٚرُت تہٕ مأری موٚنٛد گلوکار اوس گوٚڑ گوٚڑ خاندر کھندرن تہٕ عام مجلسن منٛز گوٚوان تہٕ لُکھ أسی یہُند گوٚون تہٕ نژن پسند کران۔ عزیز اوس ریڈیو کشمیر پیٹھ تہٕ گوٚوان یمہِ کِنی یہ سیٹھاہ مقبوٗل سپد۔ أمی ہنٛز آواز چھِ سیٹھاہ اثر دار، دِلکش تہٕ مٔدر أسمٕژ۔ فنِ

موسیقی ہُند اوس پۆرٕ پأٹھی ماہر۔ سُر، لے تہٕ تال اوس اصل پأٹھی زانان۔ عزیز ڈارن وۆتھُن یہُن چھُ کشیرِ ہنٛدٕ بن بہلہِ پایہ گلوکارن ہٕنٛتی اوسمُت، یمن منٛز گوپی ناتھ بٹ المعروف گوپہٕ بچہٕ، عبدالاحد نیامہٕ، عبدالغفار خان لوجری، عبدالغنی ترٲلی، غلام محی الدین بلہٕ پۆرٕ زیادٕ پہن قابلِ ذِکر چھِ۔ یہِ اوس کأشرِ علاوٕ اُردوٕ تہٕ فارسی تہٕ زانان۔ یمو چھِ کشیرِ ہنٛدٕ بن اکثر علاقن منٛز پننہِ فنُک مُظاہرٕ کۆرمُت وونی چھِ وُہوٚری یو پیٹھٕ درویشی ہنٛزٕ زندگی گُذاران ۔ یہُند پیر چھُ حضرت میرک شاہ کاشانی اوسمُت۔ یُس کشیرِ ہُند معروف بُزرگ اوس۔ یہُند مقبولِ عام بأتھ چھُ۔

سُنہ لانگ وُچھنے نیرو پوشہِ نۆلو



# محمد سُلطان نجار

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | محمد سُلطان نجار<br>المعروف سُلہٕ چھان |
| ولدیت | : | خضر محمد نجار |
| سکونت | : | گُرس ( پادشاہی باغ ) سرینگر |
| تأریخ پیدائش | : | اکہِ اندازٕ مطابق 1905ء |
| تأریخ وفات | : | اکہِ اندازٕ مطابق 1940ء |
| تألیم | : | پأنژمہِ پاس |

## فن تہٕ زندگی

محمد سُلطان نجار المعروف سُلہٕ چھان چھُ کٲشیرِ ہُند اکھ باگہِ بۆرُت گۄن وول اوسمُت ۔ کٲشیرِ اندر ییم وُنیُگ تام گوڈٕنکی صفکی گۄن وألی رحمتِ حق سپدی ہِتی چھِ تِمن منز چھُ سُلہٕ چھان تہِ شأمِل ۔ سُلہٕ چھان چھُ لوکچہِ وأنسہِ منزٕے گُذریومُت ۔ سُلہٕ چھان ہندِس بأے سُند وَنُن ہیٚمی سُند ناو غلام احمد نجار چھُ تہٕ یُس حالے حیات چھُ زِ سُلہٕ گولگ بھگ 35 ووہرِ ے ییمہِ عالمہٕ یہٕ ڈٔلی زِ سہ گو جانہٕ مرگ ۔

گُرسہٕ کِنہِ بزرگن تہٕ أہندِس بأے سُند ( غلام احمد نجارن ) وَنُن چھُ زِ سُلن اُستاد چھُ قدیم صأب اوسمُت یُس تمہِ وقتُک بھلہِ پایہِ اُستاد چھُ اوسمُت مانہٕ یوان ۔ قدیم صأب یعنی سُلہٕ چھانُن اُستاد چھُ سُند رِبل

درگاہک اوسمُت۔

سُلہٕ چھانٕن رِشتہٕ دارن تہٕ اَتہِ کٕمن کینژن بزرگن ہُنٛد وَنُن چھُ زِ سُلہٕ چھان اوس روأیتی چھکر تہٕ رؤف گیوان۔ دپان یہِ چھُ دوگن تہٕ گیوان اوسمُت۔ یہِ کتھ تہٕ چھِ صحی زِ دوگنی چھکر أسی فقط گوڑٕ کاہلکی گیون وألی یوت ہیکان گیوِتھ۔ یہِ اوس زندگی ہٕندین أخری ایامن تام چھکر تہٕ رؤف اصل پٕنٕس یعنی لُکہٕ لَیہِ منز گیوان۔ دپان أمِس چھ سبٕٹھاہ مدر تہٕ دِلکش آواز أسمٕژ۔ دپان ییٚلہِ یہِ کُنہ مجلسہِ منز گیوان اوس کانٛہہ تہٕ بوزن وول اوسنہٕ مجلسہِ منز ژلان تہٕ کیازِ أمی ہٕنٛدِس ہٕٹس چھِ زنتہٕ رونہٕ آسہٕ مَژٕ وزان بییہٕ طرفہٕ چھ یہِ تہٕ حقیقت زِ سُلہ چھان اوس اَمہِ وِزِ شہرِ خاصُک معروف اُستاد یوان مانٕنہٕ۔ فن موسیقی خاطرٕ ییم تہٕ گُن أکِس گیون وألِس آسنی گژھن یعنی سُر، لَے تہٕ تال دپان تم أسی سُلہٕ چھانس برابر۔ دپان یہِ چھُ عام پأٹھی صوٗفی شأیرن ہُنٛد کلامہٕ اوسمُت گیوان، کینژن بزرگن ہُنٛد تہٕ غلام احمد نجار یُس سُلہٕ چھانٕن بوے (برادر) چھُ ییٚمی ہنٛز وأنِس وُنی کٕبس اکہٕ پلہٕ پانٛژشیتھ آسہِ چھ وَنان زِ سُلہٕ اوس کٲشیرِ اندر گامن گٕٹھن منز تہٕ گیونہِ گژھان تہٕ لُکھ أسی اَمہٕ ہُنٛد گیون سبٕٹھاہ پسند کران۔ یعنی یہِ تہٕ چھُ نَنان زِ سُلہٕ چھان چھُ مرازتہٕ کمراز علاقن منز تہٕ مشہور اوسمُت۔ یہِ چھُ پانہٕ نوٗٹ اوسمُت وایان تہٕ أمی ہٕنٛدِ نوٗٹ وایہِ ٹنگ اندازٕ چھُ منفرد اوسمُت۔ دپان یہِ اوس نوٗٹ مختلف اندازو وایان یُس لُکھ پسند أسی کران تہٕ أتھی اوس مختلف اندازٕ بدلاو

اَنان۔ یہنٛد بن رشتہٕ دارن ہٕنٛدِ ونٕنہٕ مطاۘبق چھُ سُلہٕ چھانن پانژھ جماۘژ پرِ مژٕ آسمژٕ۔ اُمۍ سُنٛد تلفُظ چھُ سبٛٹھاہ رُت اوسمُت۔ دپان پٔنٕنۍ پارٹی ساتھین ستۍ چھُ رِتی پاٹھۍ پکان اوسمُت تہٕ عام لوٗکن ستۍ اوس اَسان اَسان تہٕ اخلاقو ستۍ کتھ باتھ کران۔

دپان اُمِس اَسۍ ژاٹھ تہٕ دٔہرِ باج سبٛٹھاہ جان یِمن منٛز حبیب بخشی ،عبدالرحمان نجار، غلام محمد حیدر المعروف محمدۍ ژورقابِلِ ذکر چھِ۔

بہر حال ننان چھُ زِ سُلہٕ چھانِس طور طریقس ریتہٕ چھِ واریاہ گوٚن واۘ مستفید سپدۍ مِتۍ تہٕ فن موسیقی منٛز یوس کاۘم سُلہٕ چھانن کرٕمژ چھِ سُہ ہکو نہٕ مشراۘوِتھ کینٛہہ وونۍ گو محمدۍ شہری ہنٛدی پاٹھۍ چھےٚ سُلہٕ چھان تہٕ جانٕہ مرگ گومُت۔





# غلام محمد ژورٕ

ناو : غلام حیدر المعروف محمدٕ ژورٕ

ولدیت : عبدالغفار حیدر

سکونت : گوڑٕ مہاراج گنج سرینگر تہٕ

پتہٕ دانہٕ مزار صفا کدل سرینگر

تأریخ پیدأیش : اکہِ اندازٕ مطأبق 1911ء

یومِ وفات : 15 دسمبر 1994ء

فن تہٕ زندگی

غلام محمد ژورٕ چھُ کشیرِ ہُند اکھ بہلہِ پایہِ گیوٚن وول اوسمت ۔ یہ چھُ پننہِ دوٚرٕ کین باگہِ برٕتین تہٕ صفِ اولہٕ کین گیوٚن والین منٛز گنزراونہٕ یوان ۔ أمی سُند بُنیأدی کار چھُ کانٛدرٕ کار اوسمت یتھ پتھ یہ پنُن گُذارٕ چھُ کران اوسُمت ۔ یہِ چھُنہٕ کانٛہہ پیشہِ ورانہٕ فنکار اوسمت اماپوٚز أمِس چھُ گیوٚنک تہٕ گیوٚن بوزنک سبٹھاہ شوق اوسُمت ۔ پننہِ شوقہٕ ستی چھُ ژورٕ پتہٕ بہلہِ پایہِ فنکار بنیومُت ۔ غلام محمد ژورٕ سُند اُستاد چھُ سُلہٕ چھان اوسُمت یُس پننہِ وقتک بہلہِ پایہِ گیوٚن وول اوسمت چھُ ۔ یہ چھُ صحرأیی چھکرٕ، صوفیانہٕ چھکرٕ تہٕ زانان اوسُمت ۔ اماپوٚز کینژن بزرگن تہٕ یہندِ بن رِشتہٕ دارن ہُند وَنُن چھُ زِ ژورٕ اوس دوگنہِ چھکرِ ہُند گوڑٕ کالک ماہر ۔ یہِ بہلہِ پایہِ فنکار چھُ عام پأٹھی، خاندرن کھُندرن، گھریلو محفلن، تہٕ درویشی

مجلسن منز گۄو ان اوسمت ۔ یہِ چھُ شہرٕ گام معروف اوسمت تہٕ اُمی سُند گۄون چھِ اکثر لُکھ بوزان آسی مِتی ۔

یمو چھِنہٕ ریڈیو یا دۄر درشنہٕ پیٹھ گیوومت تہٕ کیازِ یہنٛدِس دورس منز چھِنہٕ یمن ہُند وجود اوسمت ۔ تہٕ نہٕ اُس کلچرل اکاڈمی وجودس منز اٰمٕژ ۔ لُکھ چھِ غلام محمد ژورا صابس سیٹھاہ عزت کران آسی مِتی ۔ یمن چھِ واریاہ ژاٹھ آسی مِتی یمن منز خاص پأٹھی جدید چھکرِ ہُند بأنی مرحوم سُلہٕ چھان ، مرحوم غلام احمد صوفی ناو ہینس لایق چھِ ۔ یہُند مزاژ چھُ نرم اوسمت تہٕ عام لُکن ستی چھِ نرمی سان پیش آسی مِتی یوان ۔ یم چھِ پانہٕ نۄٹ آسی مِتی وایان تہٕ اَتھ منز چھِ کأفی مہارتھ آسی مِتی تھاوان ۔ یہنٛدِ گۄونک چھُ اَکھ مخصوص اندازٕ اوسمت یم چھِ باقی گۄون والین ہندِ زبأنی تہٕ گۄون بوزان آسی مِتی ۔

غلام محمد ژورٕ چھُ عام پأٹھی صوفی شأیرن ہُند کلامہٕ گۄو ان اوسمت تہٕ اَتھ چھِ پانہٕ تہٕ پسند کران آسی مِتی ۔ یہند بن ستی بأجن ہنٛدی کینہ ناو چھِ یتھٕ کنہٕ محمد صدیق شیخ ( سارنگی نواز ) نور محمد بٹ ( سارنگی نواز ) عبدالغنی بٹ ( المعروف غنی کپٕر گاسی ) رباب نواز ۔

یہُند اَکھ مقبول عام بأتھ چھُ

زِنٛنے عاشق چھِ دیوانے تہٕ کرٕ چوکھ مے خانہٕ گے مے

غلام محمد ژورٕ چھُ سُر ، لَے تہٕ تال پوٗرٕ پأٹھی زانان اوسمت ۔ اُمی سنٛز آواز چھِ میٹھ ، پُر اثر تہٕ دِلکش اسُن ۔



# کلدیپ سپرو

ناو : کلدیپ سپرو

ولدیت : شری سومناتھ سپرو

سکونت : گوڑ بُلبُل لنکر سرینگر۔ ازکل
پمپوش کالونی جانی پور جۆم

تأریخ پیدائیش : 23/مارچ 1960ء

تألیم : ڈِپلوما الیکٹرانکس تہٕ بی میوزک چندی گرھ پنجاب

## فن تہٕ زندگی

کلدیپ سپرو چھُ اکھ باصلاحیت موسیقار۔ جموں و کشمیر کیٚو موسیقارو منز چھُ سپرو تہٕ فنِ موسیقی ہُنٛد پربزلوٗن تارُکھ۔ یٚمس شُری پانہٕ پیٚٹھے گیوٗنس ہتی لوے کھوے چھُ روٗدمُت۔ کلاسیکل تہٕ نیم کلاسیکل چھِ پور پأٹھی زانان۔ اماپوٗز فوک میوزک تہٕ چھِ سبٹھاہ رتی پأٹھی زانان۔ اگرچہٕ سپرو صأبن باضابطہٕ پأٹھی اکہِ موسیقی ہٕنٛدِ ادارٕ منز تربیت حأصل گرمٕژ چھِ۔ تمہِ باوجود چھِ یِم پنڈت بھجن سوپوری صأبس گوڈنیُک اُستاد مانان۔ یِیلہِ زَن ویسٹرن میوزکی اُستاد مسٹر ایرانی لیس مانان چھِ۔ یُس بمبیہٕ ہُنٛد روزن وول اوس۔ یِم سپدی اکھ بہترین موسیقار عوامس منز تمہِ وِزِ ثأبت یِیلہِ یِمو 1994ء منز کمپوزر آڈیشن پاس کوٚر۔ تہٕ یِمن میوٗل بی ہائی گریڈ۔ یِمو چھُ ریڈیو کشمیر تہٕ ریڈیو جۆم علاوٕ ہندوستانکین واریاہن دوٗردرشن

تہٕ ریڈیو پروگرامن موسیقی دِژمٕو۔ یِمو چھِ قومی تہٕ ریاستی سوٗتھرس پیٹھ ٹی وی سیریلن موسیقی دِژمٕو۔ یَتھ منٛز خاص پأٹھی راج ترنگنی، گل بکاولی، چاندی دچور قابلِ ذکر سیریل چھِ۔ اَمہِ علاوٕ چھکھ ٹھاکر پونچھی ہِنٛزٕ ناولہِ پیٹھ منی سیریلس تہٕ موسیقی دِژمٕژ یہِ سیریل سپُد سیٹھاہ مقبول۔

سپرو چھُ سنتھیزا (Synthizer) وایُن زانان، تہٕ یِمو چھُ گوڈنچہ لٹہِ یہِ متعارف کوٚرمُت۔ یِمن چھِ سرکأری تہٕ غأر سرکأری تمدنی ادارو طرفہٕ سَندٕ تہٕ ینامہٕ میلێمتی۔ یِمن منٛز ٹھاکر پونچھی ہِنٛزٕ ناولہِ پیٹھ سیریل ''چاندی دِچور'' ۔ تہٕ ''اپنی ڈفلی اپناراگ'' موہن سنگھ ہوٗ سیریل تہٕ چھِ قابلِ ذِکر۔ یِمو چھُ چنہِ فنک مظأہر ریاستہٕ نیبر تہٕ کوٚرمُت۔ یِہندیو شاگردو منٛز چھِ شہزادہ عاسم تہٕ معراج الدین قابلِ ذِکر۔ یِمو چھُ 1983ء منٛز بحیثیتِ میوزِشن ریڈیو کشمیر سرینگر پیٹھ آڈیشن پاس کوٚرمُت۔ ریڈیو کشمیر کِمن وارِیاہن فیچرن ،غزلن تہٕ گروپ سانگن تہٕ چھکھ میوزِک دیٚت مُت۔ سپرو صأبنہِ موسیقی منٛز سپدا کھ بأتھ سیٹھاہ مقبول

چھم ژالن مُشکل دور برچون    ییلہِ یاد پیٚیہ ینہٕ اوٗش ترا وکھ

کینژن البمن تہٕ چھُکھ میوٗزک دیٚتھمُت۔ سپرو صأبن چھِ وید راہی تہٕ گلشن کمارس ستی تہٕ کأم کرٕمٕو۔ یِمن چھُ پنُن سٹیڈیو۔ یِمن چھ برونٛہہ پکنٕکی وارہ موقعہٕ تہٕ یِم ہکن وارِیاہن شأگردن تربیت دِتھ۔

☆☆☆



# عبدالرحمان شیخ

ناو : عبدالرحمان شیخ
المعروف رحمان دیوسری

ولدیت : عبدالعزیز شیخ

سکونت : دیوسر کولگام تہٕ موجودٕ سکونت
بحیثیتِ خانہٕ داماد چھتہٕ بل کولگام

تأریخ پیدأیش : اپریل 1944ء

تألیم : شےٚ جمأژ

فن تہٕ زندگی

رحمان دیوٗسری چھُ عام پأٹھی سأری سے کشیٖرِ تہٕ خاص پأٹھی مراز علاقہٕ کین بہلہِ پایہِ نژن والین تہٕ گیوٗن والین منز شُمار سپدان۔ یہِ چھُ اکھ پیشہِ ور گلوکار تہٕ ڈانسر۔ أمی سُند ناو چھُ کشیٖرِ ہندین اکثر لوٗکن زیوِ پیٹھ۔ أمی چھُ شُری پانے گیوٗن ہیوٚتمُت۔ گوڈٕ گوڈٕ گوٚو یہِ نژنہٕ ستی لوٗکن منز مقبول تہٕ پتہٕ گیوٚنہٕ ستی۔ یہِ اوس خاندرن کھُندرن منز تہٕ اکثر گیوان ییمہِ کنی یہِ جادے مقبول سپد۔ ییلہِ یہِ ریڈیو پیٹھ گیوٚنہِ لوٚگ یہِ آو جادے پسند کرنہٕ۔ 1963ء منز کوٚر رحمان دیوٗسری ریڈیو آڈیشن پاس تہٕ 1971ء تام روٗد یہِ برابر ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوان۔ رحمان اوس چھکرِ علاوٕ کُنہِ کُنہِ گھریلو مجلسہِ منز قوٲلی تہٕ گیوان۔ کینہہ کالا گوٚو رحمان چھُ ووٚنی

کہے گیونہٕ گژھان۔ سازو اندر چھُ رحمان ہارمونیم، رباب، سارنگ تہٕ نوٹ وایان۔ یہندٕ ہن اُستادن منز چھُ عبدالاحد نیامہ، کریم ڈاہمہٕ، عبدالغنی ماگرے تہٕ عبدالغنی ترالی قابلِ ذکر۔ یِم ترٛیشوٕے آسی کٲشرِ ہٕندی معروف اُستاد مانہٕ یوان۔ یِیلہِ زن اُمی ہٕندی شاگرد عبدالسلام بٹ کیمو، عبدالرشید مانی گام تہٕ محمد سکندر شاہ آڈٕپوٗر کولگام چھِ۔

رحمان دیوٗسری چھُ کٲشرِ نبر تہٕ پننہٕ فنک مظاہرٕ کرنہِ گومُت۔ اُمس چھِ کینہہ سَنٕد تہٕ ینامہٕ تہٕ ترٛیٕ متی۔ رحمانس چھِ کٲشرِ ہٕندٕ ہن واریاہن معروف گلوکارن ستی ووتھِ بیٹھ آسمٕژ یِمن منز گوپی ناتھ بٹ المعروف گوپہ بچہِ، عبدالسلام باے ہامی، غلام محی الدین بلہٕ پوٗری، محمد سبحان راتھر تہٕ اَمہِ علاوٕ واریاہن اُدبین شاعرن ستی تہِ۔ اُمی ہٕندی تمام باتھ سپدی مقبولِ عام یِم اُمی ریڈیو پیٹھ یا ریڈیو نبر باتٕے محفلن منز گیوٕ۔ فنِ موسیقی ہٕندِس مأدانس منز چھِ وَنیگ تام رحمان دیوٗسری سبٹھاہ رٕژ کأم کرٕمٕژ۔ لے، سُر، تال یِم گیوٕنکی بنیأدی اُصول چھِ، چھُ رحمان دیوٗسری رٕتی پأٹھی زانان۔ بخشی صأبنس دورِ حکوٗمتس منز چھِ رحمان دیوٗسری تھٔکنٕی لایق کأم کرمٕژ۔ فنِ موسیقی ہٕندِس توأرٟخس منز ین یِم ہمیشہِ ہمیشہِ یاد کرنہٕ۔ رحمان دیوٗسری اوس صوٗفی شأیرن ہُند تہٕ کلامہٕ گیوان تہٕ باقی شأیرن ہُند تہٕ۔ اُمی سُند تلفظ چھُ بلکل صحی۔ یہ چھُ بے شک فنِ موسیقی ہٕندِ مأدانُک بہلہِ پایہِ گلوکار تہٕ سازندر۔

☆☆☆

# اُستاد محمد عبداللہ سیتٲری



ناو : محمد عبداللہ سیتٲری

ولدیت : حاجی عبدالخالق سیتٲری

سکونت : وٚنجہ بیٚور (سیتٲری محلہ)
انت ناگ کشمیر

تٲریخ پیدٲیش : 1952ء

تٲلیم : انڈر میٹرک

ملٲزم : ریڈیو کشمیر بحیثیتِ آرٹسٹ

فن تہٕ زندگی

محمد عبداللہ سیتٲری پیٚو وۄدٕمِس حِصس منٛز یِمہٕ کٕنی بیٚیہٕ اَنٕ تہٕ کیازِ گوڈنکِس حِصس منٛز اَسی اَمِ ہِندِس فنس تہٕ زندگی متعلق کینٛہہ اہم گوشہٕ وہرٛ ھناوِنے روٗدی ٕتی۔

محمد عبداللہ سیتٲری چھُ کشیرِ ہِندِ بِن صفِ اولہٕ کِمن صوٗفیانہٕ موسیقی ہِندِ بِن گلو کارن منٛز گنزراونہٕ یِوان۔ سیتٲری چھُ صوٗفیانہٕ موسیقی ہِندِ پیشہٕ ورانہٕ گھرِ منٛز ژھنہٕ پیوٚمُت۔ یِمن چھُ شُری پانہٕ پیٹھے صوٗفیانہٕ موسیقی ٕستی لگاو اوسمُت۔ گیوٗن بوزُنک تہٕ گیوٗن ہیچھنک اوسکھ سٮ۪ٹھاہ شوق۔ یِہُند اُستاد چھُ یِہُند موول عبدالخالق سیتٲری اوسمُت۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس محمد عبداللہ سیتٲری پننِس مألِس ٕستی گھریلو محفلن تہٕ سرکٲری پروگرامن منٛز بحیثیتِ سأتھی حصہٕ

نوان ، یہِ چھُ صوٗفیانہٕ تہٕ گوٚوان ۔اَمہِ علاوٕ چھ سنطور، سیتار تہٕ وایان۔
عبدالخالق سیتاٗرۍ اوس کٔشیرِ ہُنٛد اکھ معروف اُستاد۔ یوٚ تام عبدالخالق
ستیاٗرۍ ریڈیو کشمیر پیٹھ صوٗفیانہٕ موسیقی گوٚوان اوس توٚتام اوس محمد عبداللہ
سیتاٗرۍ تمن سٟتۍ باضابطہٕ پاٹھۍ سنگت کران۔ اماپوٚز 1979ء منٛز لوٚگ محمد
عبداللہ سیتاٗرۍ ریڈیو کشمیرس منٛز باضابطہٕ پاٹھۍ ملازم بحیثیتِ صوٗفیانہٕ
آرٹسٹ تہٕ یمن میوٗل اَمہِ وقتہٕ بی ہائی گریڈ۔ ییٚلہِ اَمۍ صوٗفیانہٕ موسیقی
ہنٛدِس فنس منٛز پوٗر پاٹھۍ کاڑ کوڑ تہٕ یمن میوٗل ریڈیو کشمیر پیٹھ 1993ء
منٛز اے گریڈ۔

محمد عبداللہ سیتاٗرۍ چھُ وُنہِ کیٚنس صوٗفیانہٕ موسیقی علاوٕ نعت تہٕ
پران۔ اماپوٚز یمن نعتن منٛز اوس صوٗفیانہٕ موسیقی ہُنٛد رنگ آسان۔ اَمہِ
علاوٕ چھُ گرٛوپ سانٛگن منٛز تہٕ کُنہِ کُنہِ سنطور وایان تہٕ آواز تہٕ دِوان۔
سازو اندر چھُ سیتاٗرۍ سنطور تہٕ طبلہٕ وایان ۔ ریڈیو کشمیر علاوٕ چھُ سیتاٗرۍ
کلچرل اکاڈمی تہٕ دوٗردرشن پروگرامن منٛز تہٕ حصہٕ نوان۔ یمو چھُ پنٛنہٕ
فنٛک مظاہر کٔشیرِ نیبر ،بمبئی ، دہلی ، پنجاب ، بھوپال ، کلکتہ تہٕ بنگلور ہوٚبن
بڈبن شہرن منٛز تہٕ کوٚرمُت ۔یمن چھ کینٛہہ سرکاٗری کیو غاٗر سرکاٗری کلچرل
ادارن ہنٛدِ طرفہٕ تہٕ کینٛہہ ینامہٕ تہٕ سَندٕ ترِمٕتۍ۔ اَکھ سَندٕ چھِ یمن محکمہٕ
آرٹ کلچر اینڈ لنگوئج گورنمنٹ آف این سی ٹی دہلی ہنٛدِ طرفہٕ تہٕ میٛج مٕژ۔
یمن چھُ خاص پاٹھۍ کلچرل اکاڈمی ، ریڈیو کشمیر تہٕ زونل کلچرل سنٹر پٹیالہٕ
کہِ طرفہٕ نیبر گوٚژھنٛگ موقعہٕ میوٗلمُت ۔ ییٚتہِ اَمۍ پنٛنہِ فنٛک مظاہر جان

پأٹھی کوٚر۔یمو چھُ کینژ٘ن ڈرامہٕ ہن بیک گرِونڈ میوزک تہٕ دِتیٖ متر۔
سنطورس یا ستیارس پیٹھ فنِ موسیقی ہندی بُنیأدی اصوٗل، سُر، لَے تہٕ تال
چھُ پورٕ پأٹھی زانان۔ از کل چھُ سیتأرؠ نوٚبن شأعرن ہُند کلامہٕ صوفیانہٕ
موسیقی منز اَنٛنچ کوٗشش کران۔ تہٕ ونیُگ تام چھُکھ رفیق راز، رشید کانسپور،
ناظم، غلام حسن مِسگر تہٕ فطرت کشمیری سُند کلامہٕ صوفیانس منز اوٚنمت
سیتأرؠ چھِ کینہہ شأگرد تہٕ تیار کٔرِ متی یِمن منز عبدالمجید روشی، عارف
مجید، آصف مجید، نثار احمد حجام، رضوی شوکت، مزمل شوکت، عبدالحمید
آخون، عبدالحمید گتو، شوکت جان سیتأرؠ، الطاف حسین سیتأرؠ قأبلِ
ذِکر چھِ۔ غرض موسیقی ہندِس مأدانس منز چھُ محمد عبداللہ سیتأرؠ بحیثیتِ
صوٗفیانہٕ گلوکار سنطور نواز، سیتار نواز، تہٕ طبلہٕ نواز سیٹھاہ جان تھٲکنی لایق
کأم کرٕمژ۔ محمد عبداللہ سیتأرِیس چھُ 15 / اگست 2007ء یومِ آزادی
ہندِس موقعس پیٹھ دلہٕ ہندِس وزیرِ اعلیٰ شیلا دکھشتھ ہندی طرفہٕ ینامہٕ تہٕ
سند تہِ میج مژ۔

سیتأرؠ صأبنہِ پرٕ متی کینہہ مقبوٗل عام نعت چھِ یتھٕ کنی:

| | |
|---|---|
| چھُس دوٗر بیومُت گرٕھتھ روٗدُم یار مدینس | کلامِ ناظم |
| غم تفریق کا ستم وُنی کمن میٖہ کاستم یا رسولؐ | غلام حسن مِسگر |

محمد عبداللہ سیتأرؠ کوٚر صوٗفیانہٕ موسیقی منز رباب تہٕ سارنگ تہٕ
متعأرف یُس اَکھ نوٚو تہٕ رُت تجربہٕ چھُ۔ ستیأرؠ صأب چھِ وُنی کبس
آیڈیشن بورڈکی ممبر تہٕ۔

# عبدالرحیم لوسوٗنی

ناو : عبدالرحیم وانی المعروف رحیم لوسوٗنی

ولدیت : عبدالصمد وانی



سکونت : لوسونی ضلعہٕ پلووم

تأریخ پیدائش : 1928ء

تألیم : اَن پڑھ

وفات : 31 اگست 1994ء

فن تہٕ زندگی

عبدالرحیم لوسوٗنی چھُ صوفیانہٕ چھکرِ ہُند تہٕ دوگنٕ چھکرِ علاوٕ باقٕے چھکرِ ہٕندی قسم گیوٗنُک معروف گلوکار اوسمُت۔ اگر أسی پتھ کُن نظر تراوو تہٕ یہِ کتھ چھِ ماننٕی پیوان زِ رحیم لوسوٗنی چھ بے شک اَکھ بہلہِ پایہِ گلوکار۔ یہُند اُستاد چھُ یہُند مول عبدالصمد، یُس پننہِ وقتُک اَکھ باگہِ بوٚرُت فنکار چھُ اوسمُت۔ یہِ چھُ بچپنٕ پیٹھے گیوٗن بوزنُک تہٕ گیوٗن ہیٚچھنُک شوقین اوسمُت۔ لوسوٗنی اوس خاندرن کھندرُن، صوفی محفلن علاوٕ ریڈیو، کشمیر پٮ۪ٹھ گیوان، تہٕ اوس مقبولِ عام گیوٗن وول، یہنٛز آواز أس سبٹھاہ پُرکٔشش تہٕ اثر دار۔ یہِ روٗد واریاہس کالس دوٗردرشن، کلچرل اکاڈمی، انفارمیشن تہٕ باقٕے سٹیج پروگرامن منٛز حصہٕ نوان۔ لوسوٗنی صأبنٕ ووتھ بیٚٹھ چھِ کٔشیرِ ہٕندٕن بہلہِ پایہِ گلوکارن ستی روٗزمُت یمن منٛز غفار لوجری، احد نیامہ، غنی

ترٲلی، محی الدین بلہٕ پۆرۍ قابل ذِکر چھِ۔

فن موسیقی ہٕندۍ بنیٲدی اصوٗل، سُر، لَے تہٕ تال اُسی پۆرٕ پٲٹھۍ زانان۔ یمن چھِ واریاہس کالس مہجور صٲبس ستۍ تہِ صحبت روزمٕژ۔ پرانین ہُنٛد گُف چھُ زِ رحیم صٲب چھُ اکہِ وٕرۍ یہ ژورن رٮ۪تن مہجور صٲبس ستۍ لگاتار روٗدمُت یٮ۪لہِ زَن اَچھ خبر تہنٛد بن گھرٕ کٮ۪ن تہِ اُس نہٕ۔ رحیم صٲب اوس ہارمونیم، سارنگ تہٕ نوٚٹ وایان۔ یم اُسی عام پٲٹھۍ صوفی شاعرن ہُنٛد کلامہِ گٮ۪وان، تہٕ یہنٛد تلفظ چھُ سٮ۪ٹھاہ رُت اوسمُت۔ فنِ موسیقیِ ہٕنٛدِس مادٲنس منٛز چھُ یہنٛد ناو عزتہٕ سان ہٮ۪نہٕ یوان۔ لوسوٕنی صٲنٮ۪ دہرِ بٲج چھِ رسول ملک، عبدالاحد شیخ، نواب شاہ، ہوی بہلہِ پایہِ گلوکار اُسی مٕتۍ۔ دپان یمن چھُ احد صٲب ڈھلون مرشد اوسمُت۔ غرض فنِ موسیقیِ ہٕندِس مادٲنس منٛز چھِ رحیم لوسوٕنی تھٮ۪کنٕی لایق کٲم کرمٕژ۔





# غلام احمد راتھر

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | غلام احمد راتھر |
| ولدیت | : | عبدالعزیز راتھر |
| سکونت | : | شالہٕ ٹینگ ایچ ایم ٹی سرینگر |
| تأریخِ پیدأیش | : | 16 اکتوبر 1949ء |
| تألیم | : | انڈر میٹرک |
| پیشہٕ | : | جے کے انڈسٹریز بحیثیتِ ٹائم کیپر رسپشنسٹ |
| تأریخ وفات | : | 19 جنوری 2009ء (اَمہِ وِزِ اوس أمِس متعلق مواد مے تیار کوٚرمُت) |

## فن تہٕ زندگی

غلام احمد راتھر چھُ کٔشیرِ ہُند اکھ بہلہِ پایہِ گلوکار یُس چھکر تہٕ رؤف چھُ زانان۔ راتھرن چھُ پننہِ فنُک آغاز نژنہٕ پیٹھ شروع کوٚرمُت، یہٕ اوس ابتدأیی دورس منز اکھ معروف ڈانسر۔ غلام احمد راتھر چھُ فنِ موسیقی ہٕندی بنیأدی اصوٗل زانان۔ سُر، لے تہٕ تال چھُ رٕتی پأٹھی زانان۔ غلام احمد راتھرس چھُ لوکچارٕ پیٹھے، گیوٚن بوزنُک تہٕ گیوٚنُک شوق اوسمُت۔ ییلہِ راتھر سکوٗل اوس گژھان ییم أسی اَتہِ سکوٗل کِین کلچرل پروگرامن منز حِصہٕ نِوان۔ پتہٕ کوٚر راتھر صأبن باضابطہٕ پأٹھی پنُن اُستاد مقرر۔ گوڈٕ چھُ ییمو گیوٚن پننِس مألِس تہٕ پیٹرس نِش ہیوٚچھمُت۔ ییم دوشوٕے أسی گیوٚنکی

ماہر۔ امائو زپتہٕ چھُ راتھر صائبن وادی ہندِس بہلہِ پایہٕ فنکار عبدالرحیم بٹ صائبس نِش پورٕ پأٹھی گیون ہیوٚچھمُت۔ غلام احمد راتھر اوس گوڈٕ گوڈٕ خاندر کھُندرن منز گیوان تہٕ پتہٕ صوٗفی مجلسن منز تہٕ۔ ووٗنی گوٚو تمہِ وِزِ کوٚڈ راتھر صائبن پورٕ پأٹھی کاڈ ییلہِ أمی ریڈیو کشمیر پیٹھ گیون شروع کوٚر۔ یمو چھُ 1964ء منز ریڈیو کشمیر پیٹھ آڈیشن پاس کوٚرمُت۔ تہٕ اَمہِ وِزِ میوٚل یمن بی گریڈ حیثیتِ کیجول آرٹسٹ، یم سپدی ریڈیو پیٹھ گیونہٕ کِنی سبٹھاہ مقبول تہٕ یمو کوٚر 1980ء منز بی ہائی گریڈ تہٕ حأصل۔ سازو اندر چھُ راتھر ہارمونیم تہٕ نوٚٹ وایُن زانان۔ تہٕ وُنیک تام چھُ ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗر درشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہندبن پروگرامن منز برابر حصہٕ اوسمُت نوان۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یمو باقِیَن محکمن ہندبن مختلف پروگرامن منز تہٕ حصہٕ نیوٚمُت۔

غلام احمد راتھر صأب أسی دوٚیمن سٹیج پروگرامن منز تہٕ حصہٕ نوان۔ یمن چھِ کینہہ ینامہٕ تہٕ سَندٕ تہٕ ترٚمِہٕ۔ یمن چھُ رولر ڈیولپمنٹ محکمہٕ کہِ طرفہٕ تہِ ینامہٕ ترٕ ٕتی۔ یتھ پروگرامس منز ڈاکٹر فاروق عبداللہ مہمانِ خصوٗصی اوس۔ راتھر صائبس چھُ سکول پروگرامس منز تہٕ بہترین ڈانسر ینامہٕ تہِ میوٚلمُت۔ اتھ پروگرامس منز اوس مہمانِ خصوٗصی پنڈت جواہر لعل نہرو پرایم منسٹر آف انڈیا تہٕ پرایم منسٹر جموں و کشمیر بخشی غلام محمد۔

راتھر صائبن چھِ کٔشیرِ ہندبن واریاہن سیاحتی مقامن پیٹھ تہٕ پروگرام کٔری ٕتی۔ یم سبٹھاہ مقبوٗل سپدی۔ راتھر صائبن چھُ کٔشیرِ نبر تہٕ

پننہِ فنٕک مظاہرٕ کوٚرمُت ۔ ییٚلہِ پوٗرٕ پاٹھی یہندٕ ن کارنامن سام ہیمو ۔ یمو
چھ وٕنیک تام فنِ موسیقی ہٕندِس ماٗدانس منٛز سیٚٹھاہ تھٲکنی لایق کاٗم کٔرمٕژ۔
راتھر اوس 1968ء منٛز محکمہ انڈسٹریز س منٛز ملاٗزم لوٚگمُت ۔ اماپوٚز
1980ء منٛز چھِ یمو رضا کارانہٕ طور ملازمت نِش سبکدوشی اختیار
کٔرمٕژ ۔ یہُنٛد گیومُت مقبولِ عام بأتھ چھُ

مے لوسم اُچھ وُچھان تس بالہٕ یارس

فارق بڈگامی

راتھر صأبنی آواز چھِ سیٚٹھاہ مٔدرٕ تہٕ اثر دار۔



# عبدالصمد صوٗفی



ناو : عبدالصمد صوٗفی

ولدیت : ثناءاللہ صوٗفی

سکونت : لِتر پلوامہ

تأریخ پیدٲیش : 13 مٔی 1944ء

تٲلیم : انڈر میٹرک

ملازم : گوڈٕ ٹھۆ رِ ازم محکمس منٛز تہٕ پتہٕ سروِس سلیکشن بورڈس منٛز (کلاس فورتھ)

ملازمتہٕ نِش سبکدوشی ہُندٕ وٕری: 13 مٔی 2002ء

## فن تہٕ زندگی

صمد صوفی چھُ کٲشیرِ ہُنٛد بہلہِ پایہِ گلوکار۔ یہِ چھُ غزل تہٕ گیوان چھکر تہٕ چلنت تہِ۔ اما پوٚز یِمو دِژ چلنت گیوٗنس کُن خاص دلچسپی۔ صوٗفی صاب چھُ لوکچار پیٹھے گیوٗنگ تہٕ گیوٗن بوزُنگ شوقین اوسمُت۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس صمد صوٗفی خاندر گھندرن منٛز تہٕ صوٗفی مجلسن منٛز گیوان۔ لۆکن منٛز چھُ صمد صوٗفی چلنت گیوٗنہٕ سِتی زیادٕ ویوٚد۔ حالانکہِ ریڈیو کشمیر پیٹھ چھ اَمِی غزلہِ سِتی گیوٗن شروع کوٚرمت۔ مگر اَتھ منٛز سپُد نہٕ صوٗفی جادٕ کامیاب۔ اَمِی سُنٛد اُستاد چھُ مرحوٗم گلوکار غلام نبی ڈولوال اوسمُت، فنِ موسیقی ہٕنٛدی بنیٲدی اصوٗل سُر، لَے تہٕ تال چھُ صمد صوٗفی پورٕ پأٹھی زانان۔ سازو اندر

چھُ صوٗفی صاب ہارمونیم تہٕ نوٹ وایُن زانان۔ یِمو چھِ کٲشرِ ہِندٕ بن مختلف طرفاتن منز پننہٕ فنُک مظاہرٕ کوٚرمُت۔ تہٕ چھِن پننِس فنس منز تھکنٕ لایق کٲم کرٕمٕژ۔ صوٗفی صاٲبس چھِ کٲشرِ ہِندٕ بن بہلہِ پایہِ اُستادن ستی وِدتھ بیٹھ روزٕمٕژ، یِم کٲشرِ ہِندی مایہِ ناز گلوکار اَسی۔ یِمن چھِ واریاہ سَنٛدٕ تہٕ ینامہٕ ترٲمتۍ۔

صمد صوٗفی چھُ بے شک بہلہِ پایہِ اُستاد تہٕ یہنٛز آواز چھِ سبٹھاہ میٹھ مٕدٕر تہٕ اثر دار۔ صوٗفی چھُ زیادٕ پہن صوفی شاعرن ہُنٛد کلامہٕ گوان ووٚنی گو باقی شاعرن تہِ چھُنہٕ پتھ تراوان۔



# مرحوم غلام محی الدین بلہٕ پۆری



| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | غلام محی الدین ملک<br>(المعروف بلہٕ پۆری) |
| ولدیت | : | خواجہ دِلاور ملک |
| سکونت | : | بلہٕ پۆرِ شُپین |
| تأریخ پیدائیش | : | 1926ء |
| تألیم | : | پأنژمہِ تام |
| ملازمت | : | ریڈیو کشمیر بحیثیتِ آرٹسٹ 1950ء تا 1986ء تام |
| وفات | : | 27 مئی 1997ء |

## فن تہٕ زندگی

یہِ چھُس پننس مأٹی سُند احوال نامہ اَمہِ کِنہِ یتھ دۆیمس حِصس منز تہِ لِکھان تہِ کیازِ یِہنزِ زندگی تہٕ فنس متعلق أسی کینہہ گوشہِ وہرٕ ھناونے رٔودی ہتی۔

غلام محی الدین بلہٕ پۆری اوس کٲشرِ ہُند اکھ بہلہِ پایہِ تہٕ باگہِ بۆرُت گلو کار یِمس فنِ موسیقی منز مختلف صِنفن پیٹھ دست رس اوس۔ گوڈنیچ کتھ چھِ یہِ زِ یِمو کٔر کٲشرِ اندر اَکھ نٔو صِنف مُتعارف یتھ قوٲلی چھِ ونان۔ یِہُند گوڈنیُک اُستاد چھُ پاکستانُک محمد علی فریدی اوسمت تہٕ پتہٕ مبارک علی فتح علی خان۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یِمو امرتسر کِس بشیر قوالس نِش تہِ

قوٲلی ہُنٛد فن حاصِل کوٚرمُت۔ غلام محی الدین بلہٕ پوٚری چھُنہٕ پیشہٕ ورانہٕ فنکار اوسمُت کینٛہہ۔ یمن چھُ قوٲلی ہُنٛد فن ہیٚچھنُک وجہ یتھٕ پاٹھۍ گوٚمُت۔ دیان بلہٕ پوٚری صابنۍ بزرگ یعنی پێترتہٕ مول اوس تقسیم ہِنٛد برونٛہہ ژوٚنٛٹھۍ باپارٕ کران تہٕ اَتھۍ سلسلس منٛز اَسۍ لاہور پاکستان مال ہێتھ گژھان۔ دیان اَتہٕ چھِ اَکھ بٔڑ بارٕ درگاہ یتھ داتا گنج بخش ؒچھِ ونان۔ بلہٕ پوٚری صاب تہٕ یہنٛدی باۓقٕے بزرگ اَسۍ اور قوٲلی بوزنہٕ گژھان، سُہ تہٕ پزٕ ہێتھ دوہہ۔ تہٕ یہنٛدِس مألِس تہٕ باۓقٕے بزرگن گوٚو دِلس منٛز شوق پأدٕ زِ یہٕ ہیٚچھناوکھ پنٕنۍ شُری قوٲلی لحاظہٕ آو غلام احمد ملک، وزیر علی ملک تہٕ غلام محی الدین بلہٕ پوٚری قوٲلی ہیٚچھناونہٕ خاطرٕ محمد علی فریدی ہوٚس بہلہِ پایہِ اُستادس نِش تراونہٕ۔ تہٕ امہِ پتہٕ مبارک علی فتح علی خانس نِش۔ ییٚتہٕ یمو یہِ فن ہیوٚچھ۔ اما پوٚز اَتھۍ ستۍ سپُد تقسیم ہُنٛد تہٕ بلہٕ پوٚر روت کٔشیرِ واپس۔ کٔشیرِ منٛز کوٚڈ بلہٕ پوٚری صابن گوڈٕ گوڈٕ اُردوہس تہٕ فارسیس منٛز قوٲلی گیوٚن شروع۔ مگر کینٛہہ وقت گژھتھ سپُد بلہٕ پوٚری صابنس ذٕہنس منٛز یہِ خیال زِ یہٕ گیوٚقوٲلی کأشرِس منٛز تہٕ، تہٕ کیازِ ییٚتہٕ لُکھ تہٕ شاعر چھِ عام پاٹھۍ کأشر بوٗلن وٲلۍ۔ یہِ تجربہٕ سپُد سٕہتاہ کامیاب تہٕ بلہٕ پوٚری صابن لاج قوٲلی کأشرِس منٛز گیوٚنۍ۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس غلام محی الدین بلہٕ پوٚری کٔشیرِ ہنٛدٕ ہن ڈلگجل گھرن منٛز گیوانتہٕ پتہٕ سپُد یہِ سٕہتاہ مقبول تہٕ لوٗکن صوٗفی مجلسن تہٕ گھریلو محفلن منٛز تہٕ گیوٚنہٕ گژھُن۔ بییہِ طرفہٕ آو کٔشیرِ منٛز کلچرل محاذُک وجود تہٕ بلہٕ پوٚری صاب ژاو پارٹی ہێتھ اَتھ کلچرل محاذس منٛز۔ اَتھ

محاذس منز اَسی کٲشرِ ہِندی بہلہِ پایہِ اَدیب ، شاعر تہٕ گلوکار یمن منز دنیاناتھ نادم ، پران کشور ، سوم ناتھ سادھو ، پشکر بھان ، عبدالغنی نمتہ ہالی ، عبدالاحد نیامہٕ ، تہٕ عبدالغنی ترالی خاص پٲٹھی قابلِ ذِکر چھِ ۔ اَمہِ علاوٕ تہٕ اَسی گلوکار ، ادا کار تہٕ اَدیب ، شاعر تہٕ دانشور ، مگر میٚہ چھُنہٕ تہند ناو ژٕنتس ۔ بیٚیہِ طرفہٕ اوس بخشی غلام محمد صاب کٲشرِ ہِندی وزیر اعظم تہٕ سُہ اوس گیوٚنک سبٹھاہ دِلداد ۔ لہٰذا اسیُٚد ییٚتہٕ جشنِ کشمیرُک اہتمام ۔ تہٕ یم گلو کار ، ادا کار تہٕ شاعر آیہ گامہِ گوم پننہٕ فنُک مظاہر کرنہٕ خاطرٕ نِنہٕ ۔ یمن منز غلام محی الدین بلہٕ پٲری کاشُر قوالی گیوٚنس منز تھیکنہٕ لایق کام کر ۔ بیٚیہ طرفہٕ اوس ریڈیو کشمیر وٕ جودس منز آمُت تہٕ غلام محی الدین بلہٕ پٲری آو پارٹی ہیتھ کینژھس کالس بحیثیتِ کیجول آرٹسٹ پروگرام دِنہٕ خاطرٕ تیار کرنہٕ ۔ اماپوٚز 1950ء منز آو غلام محی الدین بلہٕ پٲری صاب باضابطہٕ پٲٹھی مستقل ملازم لاگنہٕ ۔

غلام محی الدین بلہٕ پٲری سپُد تمہِ وِزِ سبٹھاہ مقبوٗل ییٚلہِ اَمی ریڈیو کشمیر پیٹھ فارسی ، اُردو تہٕ کاشرِ قوالی گیوٚنہِ ہیوٚر ۔ وونی گوٚو ریڈیو کشمیرس منز اَژِتھ نیٚو بلہٕ پٲری صابن ، چھکر ، رؤف ، داستان ، غزل ، گروٗپ سانگ ، عید فیچر ، یومِ آزادی تہٕ یوم جمہوریہ کین فیچرن منز رِتی پٲٹھی حصہٕ ۔ اَمہِ علاوٕ اوس بلہٕ پٲری صاب باقی فیچرن منز تہِ حصہٕ نوان ۔ یمو صنفو علاوٕ اوس بلہٕ پٲری صاب نعت ، سلام ، دُوگانہٕ تہٕ گیوان تہٕ پران ۔ یم اَسی سازو اَندرٕ ہارمونیم ، رباب ، طبلہٕ ، تُمبک ناٗر تہٕ نوٚٹ وایُن

زانان۔ رباب اُستاد اوسکھ مرحوم ثناء اللہ بٹ یُس ریڈیو کشمیرس منز بحیثیتِ رباب نواز کأم اوس کران تہٕ کرپری پٹنگ اوس روزن وول تہٕ طبلہٕ اوسُن جھنڈے خانس نِش ہیوٚ چھمُت، یُس ریڈیو کشمیرُک معروف طبلہٕ نواز اوس۔ ووٚنی گوٚ ویہُنڈ من پسند اوس ہارمونیم۔ تہِ کیازِ قوألی ہُنڈ اہم ساز چھُ ہارمونیم۔

بلہٕ پۄری صأبس اوس تلفظ بلکل صاف تہٕ شُد۔ فنِ موسیقی ہٕندی بُنیأدی اصوٗل سُر، لَے تہٕ تالہِ ہُند اوس بلہٕ پۄری صأب سبٹھاہ مأہر۔ یمن اوس صوٗفی شأعرن ہُند کلامہٕ زیادٕ خوش گیوٚن کران۔ احد زرگر، شمس فقیر تہٕ سوچھِ کرال اوسکھ زیادٕ پسند تہٕ نوبو منز اوس بلہٕ پۄری صأبس عبدالاحد آزاد، ٹاک زینہ گیری، مظفر عازم، مرزا عارف، رُسل میر تہٕ مہجور زیادٕ پسند کران۔ یمن اوس وادی ہٕندبن بہلہِ پایہِ تہٕ باگہِ بٔری تمن شأعرن، أدیبن ہٕتی ووٚتھُن بہن۔ گلوٚ کارو اندر اوسکھ عبدالغفار خان لوجری، عبدالاحد نیامہ، عبدالغنی ترالی، عبدالغنی نمتہ ہألی صأبس ہٕتی زیادٕ ووٚتھُن بہُن تہٕ شأعرو اندر اوسکھ ٹاک زینہ گیری، غلام نبی خیال، غلام نبی گوہر، رحمان راہی، مرزا عارف، فاضل کشمیری صأبس ہٕتی خاص ووٚتھُن بہُن۔ غلام محی الدین بلہٕ پۄری اوس ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗردرشن، کلچرل اکیڈیمی تہٕ انفارمیشن پروگرامن منز تہٕ حصہٕ نوان۔ یمو چھِ واریاہ سٹیج پروگرامن منز تہٕ شرکت کٔرمٕژ۔

غلام محی الدین بلہٕ پۄری آو کأشرِ قوألی ہُند بأنی کار یا موجد مانٕنہٕ۔

ہندوستانس منز چھِ قوٲلی فقط دون یا ترٛین زبانین منز گیونہٕ یوان۔ یمن منز کاشر زبان تہٕ شامل چھِ۔ییلہِ زن یہِ سوٚ بلہٕ پۆری صابس ہس گنڈنہٕ یوان چھُ۔ بلہٕ پۆری صابس چھِ مختلف سرکٲری کیو غٲر سرکٲر ادارو طرفہٕ کیٛنہہ ینامہٕ تہٕ سَنٛدٕ تہٕ ترٕمٕژ، 1980-81ء منز آیہِ یمن ایرٲنی حکوٗمتہٕ کہِ طرفہٕ قوٲلی گیونٕچ دعوت دِنہٕ۔ اَتہِ اوس بلہٕ پۆری صابس پارٹی ہیتھ غنی کشمیری سُنٛد کلامہٕ گیوٚن۔ اَتہِ اوس شاہ بانوہٕ سنٛدِس یادس منز اکھ دوہ مناونہٕ یوان۔ ییتہٕ دُنیاکین گلوکارن شرکت اُس کرٕنی۔اماپوٚز ییلہِ اَتھ پروگرامس منعقد کرنس منز صرف اکھ ہفتہٕ اوس تہٕ اُتھی دوران آو رضا شاہ پہلوی سُنٛد تختہٕ اُلٹاونہٕ تہٕ بلہٕ پۆری صابن دورٕ سپُد منسوخ۔ یپٲری چھُ بلہٕ پۆری صابن کلچرل اکاڈمی ہنٛدِس اَکِس مقابلس منز دوٚیم پوزیشن حاصل کرٕمٕژ۔ ییلہِ زن گوڈنچ پوزیشن گلشن تھیٹر بلہٕ پۆری حاصل کر۔ اَمہِ تھیٹرُک سرپرست تہٕ ڈائریکٹر تہٕ اوس بلہٕ پۆری صابے، یہِ مقابلہٕ اوس اُردو زبٲنی منز۔ تِمن چھُ کشیرِ نیبرٕ دہلی، جالندھر تہٕ بمبیٔ گرٕ ہنگ موقعہٕ میوٗلمُت ییتہِ اَمی پنٕنہِ فنُک مظاہر جان تہٕ زبر پاٹھی انجام دیُت۔ اَمہِ دورُک سٕنز اوس ریڈیو کشمیرن کوٚرمُت۔

بلہٕ پۆری صابٕنی کیٛنہہ مقبوٗلِ عام بٲتھ یم ریڈیو کشمیر پیٹھ مقبول سپدی، چھ یتھ پاٹھی۔

ازوٗ چھ مےٚ جانانہٕ رُبی ربی برٛمس زٕ مے خانہٕ ربی ربی

فاضل کشمیری

کھوٚت عرشکِس سائِلس نبیؑ

توٚت ووت یوٚت کُس واتہِ ہی

تتھ جایہِ ناو منتہیٰ

پرٛتھ زبوٚ پیٚٹھ اوس کلام یوہے

مرزا عارفؔ

ژِ اوسکھ گاٹہٕ جارُک نوٗر

ژےٚ لوٗگتھ نار انسانو

عبدالاحد آزادؔ

غرض فنِ موسیقی ہندِس مأدانس منٛز یوس کأم بلہ پوٗری صأبن کٔر سو روزِ ہمیشہِ ہمیشہِ خأطرٕ ژٕتس۔

بلہٕ پوٗری صأبس أس أکھ خوٗبی یتہٕ زِ أمس اوس قرآن وحدیثُک گہرٕ مطالہٕ۔ کُنہِ کُنہِ أسی مختلف مشیدن منٛز واعظ تہِ پران۔ بییہِ طرفہٕ اوس بلہٕ پوٗری صأب اکثر بیمار روزان تہٕ یمن اوس (Gout) گوٹک تکلیف۔ مزاز اوسُکھ رلہٕ وُن تہٕ دِل اوسُکھ سبٹھاہ نرم۔ دوٚیمین لوٗکن ہندین دوکھن منٛز اوس شریک روزان تہٕ تمن ہمت دِوان۔



# سریندر سپرو

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | سریندر سپرو |
| ولدیت | : | ہری ناتھ سپرو |
| سکونت | : | زیندار محلہٕ حبہ کدل سرینگر |
| زاہ دوہ | : | 4 اپریل 1959ء |
| تألیم | : | ٹی۔ ڈی۔ سی |
| پیشہ ورانہ تألیم | : | بی۔ اے میوزک تہٕ ساز، ستار۔ |
| | | ایم اے میوزک |
| ملازمت | | گوڈٕ لیکچرار پتہٕ ستار نواز ریڈیو کشمیر 1992ء |

فن تہٕ زندگی

سریندر سپرو چھُ اکھ بہلہِ پایہِ ستار نواز ۔ یہِ چھُ اکھ پیشہِ ورانہٕ فنکار ۔ یہندی خاص وٕستاد چھِ امکار ناتھ رینہ۔ یمو چھِ مرحوم نصراللہ خانس ، اشرف صائبس تہٕ بھجن سوپوری صائبس نِش تہِ فیض حأصل کوٗرمُت ۔ یم ترِیشوٚے تھدِ پایکی موسیقار چھِ ۔ موسیقی منز چھ سپرو اکھ اہم ناو۔ یم چھِ غزلن ، فیچرن ، کورسن منز ستار وایان ۔ وأنسہِ کنہِ لوکٹ آسنہٕ باوٚجودتہِ چھ یمو ستار وائنس منز اہم مقام حأصل کوٚرمُت ۔ ریڈیو علاوٕ چھِ دٗور درشن کلچرل اکادمی تہٕ ریاستی انفارمیشن کین پروگرامن منز برابر شریک آسان ۔ یم چھِ سٹیج پروگرامن منز تھکنہٕ لایق کردار نبھاوان ۔ امہِ

علاوٕ چھُکھ تھدِ پایہِ ستار نوازن ہِنٛز سنگت کٔرِتھ پٔنُن ناو نیشہٕ نو وُمت۔ امریکہ ہس منٛز تہٕ چھُکھ پنٕنہِ فنٕک مظاہرٕ کوٚرمُت۔ تہٕ ہندوستانس منٛز بیوٚن بیوٚن جاین پروگرام دِتھ چھکھ شوہرتھ پرٲوِمٕژ۔ اَسہِ چھ پٔزٕ پنٕنہِ مجنتہٕ تہٕ شوقہٕ ہِنٛز پنٕنس فنس منٛز مسلسل کوشِشوٕ ہِنٛز کرن یِم ساز کس دُنیاہس منٛز لافأنی مقام حأصل





# محمد اکبر شاہ

ناو : محمد اکبر شاہ

ولدیت : عبدالکبیر شاہ

سکونت : آرٕبل شاہ آباد ڈور، اننت ناگ

تأریخ پیدائش : 1922ء

تألیم : اَن پڑھ

فن تہٕ زندگی

محمد اکبر شاہ چھُ کشیرِ ہٕندِ بن بہلہِ پایہِ رباب واین والین منٛز گنزرنہٕ یوان۔ یہِ چھُ اَکھ پیشہِ وَر سازندر تہٕ گلوکار۔ یِم چھِ اکثر ربابس ستی زیادٕ پہن لوے کھوے تھاوان۔ تہٕ چھکھ مختلف گیوٚن جمأژن ستی بحیثیتِ دہرِ بأج گیوومُت۔ یِمو چھنہٕ کانٛہہ پیش کأری کٔرمِژ بلکہِ چھ سازندرٕ ے مشہور۔ یہُند اُستاد اوس گوڑٕ یہُند مام غلام رسول شاہ تہٕ پتہٕ پیٚتر ثناء اللہ شاہ۔ یِم دوشوے أسی معروف رباب نواز۔ محمد اکبر شاہ چھُ رباب علاوٕ سارنگ تہٕ سورنے تہِ زانان۔ یِم أسی خاص پأٹھی عبدالسلام بائے ہأسی لیس ستی ریڈیو کشمیر پٮ۪ٹھ پروگرام دِوان۔ اَمہِ علاوٕ اوس خاندرن کھندرن تہٕ صوٗفی محفلن منٛز تہِ سلام بائے ہأمس ستی گیوٚنہِ گژھان۔ یِمو چھِ واریاہ

شاگردتہٕ تیار کٔرۍ مٕتۍ۔ یِم وُنۍ کٕمن بہلہِ پایہِ سازندر یا گلوکار مانٕنہٕ چھِہ یوان۔ فنِ موسیقی منٛز چھِہ یِموٚ تھٔکٕنۍ لایق کٲم کٔرمٕژ۔ یہند ہٕن شاگردن منٛز چھِہ معروف رباب نواز عبدالمجید شاہ یِم ریاستی کلچرل اکاڈمی منٛز کٲم چھِ کران قابلِ ذِکر۔ اَمہِ علاوٕ چھُہ بہلہِ پایہِ گلوکار غلام محی الدین شاہ تہٕ یہُند شاگرد۔





# علی محمد گنائی

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | علی محمد گنائی |
| | | المعروف جنۂ وأ لی |
| ولدیت | : | عبدالعزیز گنائی |
| سکونت | : | جنۂ وال پلووم |
| تأریخ پیدأیش | : | اکہِ انداز مطأبق 1944ء |

## فن تہٕ زندگی

علی محمد گنائی چھُ کٲشرِ ہُند اکھ بہلہِ پایہِ نژن وول تہٕ گیوٚن وول۔ گوڈٕ اوس علی جنۂ وأ لی اکھ سُہ ڈانسر یُس کٲشرِ ہٕند بن صفِ اولہٕ کین نژن والین منز گنزراونہٕ اوس یوان۔ اماپوٚز واریاہس کالس نژنہٕ پتہٕ چھُ ووٚنی صرف گیوٚنس ٕستی کران۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس لوکچین محفلن منز نژان تہٕ گیوان، اماپوٚز پتہٕ سپد علی سبٹھاہ مقبوٗل۔ أمی سٕنز ووتھ بیٹھ رۄز عبدالاحد نیامہ، غفار خان لوجری ، غنی ترأ لی ، محمد سلطان صوٗفی منگہ ہأمس ٕستی تہٕ بییہِ تہِ واریاہن گیوٚن والین ٕستی یمن ہٕنز بہٕ پوٗرٕ پأٹھی ذِکر ہیکہِ نہٕ کٔرتھ۔ یم نٕے بہلہِ پایہِ گلوکارن تہٕ نژن والین نِش چھ علی جنۂ وأ لی گیوٚن ہیوٚ چھمُت۔ علی جنۂ وأ لی سپد تمہِ وِزِ سبٹھاہ مقبول ییلہِ أمی ریڈیو کشمیر پٹھ

گوٚن ہیوٚت۔ فن موسیقی ہٕندی بُنیأدی اصوٗل سُر ،لَے تہٕ تال اوس اصل پأٹھی زانان۔ سازو اندر چھُ علی جندٕ وأنکی ہارمونیم، نوٚٹ تہٕ تمبک نأر خاص پأٹھی وایان۔ یہند تلفظ اوس سبٹھاہ جان گوڑٕ تہٕ از تہٕ۔ یمن چھُ کٔشیرِ ہند بن مختلف علاقن منز پننہٕ فنک مظأہر کرنک موقہٕ میوٗلمُت۔ فنِ موسیقی ہٕندِ مأدانک اکھ بہلہِ پایہِ اُستاد چھُ علی۔ صوٗفی درویشن ہٕنز مجلسن تہٕ خاندر کھُندِرن منز تہِ چھُ گوٚوان۔ از کل چھُ کمے پہن گوٚوان تہٕ ییلہِ زَن وأنسہِ ہُند تقاظہٕ تہِ لی چھُ۔ یمو چھِ کینٛہہ شاگرد تہِ تیار کٔری متی۔

فنِ موسیقی منز روزِ یہند ناو ہمیشہِ ہمیشہِ خأطرٕ زِندٕ۔ علی جندٕ وأنکی چھُ چھکر تہٕ داستان گوٚونک سبٹھاہ مأہر۔





# غلام محمد شلوتھ

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | غلام محمد ملہ |
| ولدیت | : | عبدالغنی ملہ |
| سکونت | : | شلوتھ سمبل بارہ مولا |
| زاہ دوہ | : | 1942ء |
| تألیم | : | پأنژمہِ پاس |
| پیشہِ | : | جیالوجی اینڈ مائینگ محکمس منز بحیثیتِ چپرأسی |
| سبکدوشی | : | 2000ء |

## فن تہٕ زندگی

غلام محمد شلوتھ چھُ چھکرِ ہُند اکھ بہلہِ پایہِ گلوکار۔ یمن چھُ پنُن اکھ منفرد انداز۔ یم چھِ تمو کینژ ومقبول گلوکارو منز یمو کمہے کالس منز شوہرتھ پرأو۔ یہُند ووستاد اوس عبدالعزیز ملہ یُس تھدِ پایک گلوکار اوس۔ یم بنے یہ تمہِ ساتہٕ عوأمی گلوکار ییلہِ یمو آڈیشن پاس کٔرتھ ریڈیو کشمیر پیٹھ گیون ہیوٚت۔ ریڈیو کشمیر علاوٕ چھ یمو دوٗردرشن تہٕ کلچرل اکادمی ہند بن پروگرامن منز تھٲکنی لایق کأم کٔرمڑ۔ تہٕ یہُند گیون چھُ پسند یوان کرنہٕ۔ گوڑ گوڑ أسی لوکچن لوکچن محفلن منز گیوان تہٕ خاندرن کھنُدرن منز تہٕ

أسۍ گبوٚنہِ گرٛھان تہٕ چھ پانہٕ ہارمونیم وایُن زانان۔ یہندبو
گبوٚ ہتوٚ مقبولِ عام بٲتومنٛز چھُ اکھ مشہوٗر بٲتھ یتھ پٲٹھی ۔

چھِہ رٲونس أمۍ کلہٕ والن چاؤنس معرفت مۍ

غلام محمد شلوتھ چھُ صوٗفی شاعرن ہُنٛد کلامہٕ زیادٕ پہن گبوان۔ یہِ چھُ
سُر، لَے تہٕ تال پوٗرٕ پٲٹھی زانان۔





# حاجی عبدالغنی راتھر

ناو : عبدالغنی راتھر المعروف غنی بوزشھو

ولدیت : عبدالرحیم راتھر

سکونت : بوچھوترال

تأریخ پیدائیش : 14 اپریل 1944ء

تألیم : انڈر میٹرک

پیشہٕ : ملازم شعبۂ تمدن محکمۂ اطلاعات جموں وکشمیر

سبکدوشی سپدنک وٕری: 2001ء

<u>فن تہٕ زندگی</u>

عبدالغنی چھُ کشیٖرِ ہُند اکھ بہلہِ پایہِ گلوکار تہٕ سازندر۔ یِم چھِ کشیٖرِ ہِندین تِمن گلوکارن منٛز شأمِل یِموفنِ موسیقی ہِندِس مأدانس منٛز تھٲکِنی لایق کأم کٔر۔ یِہند استاد چھُ کشیٖرِ ہُند معروف گلوکار گوپی ناتھ اوسُمت۔ یُس کشیٖرِ ہُند نامور تہٕ باگہِ بوٗرُت گلوکار اوس۔ یِمو چھُ گوڈٕ خاندر کھُنٛدرن تہٕ گھریلو محفلن منٛز گیوٚن ہیوٚتمُت، یِم روٗدی کینٛژن وٕری ین ریڈیو کشمیر پٮ۪ٹھ چھکر تہٕ روٗف گیوٚان۔ امہِ علاوٕ آسی یِم غزل تہِ گیوٚان۔ کم کاسہٕ آسی قوالی تہِ زانان۔ راتھر صابن کوٚڈ تمہِ وِزِ پوٚرٕ کاڈتہٕ سپدی مقبولِ عام یِیلہِ یِمو محکمہ اطلاعات کِس شعبۂ تمدنس منٛز ملازمت اختیار کٔر۔ یِمن سپز اَتہِ دوٚیمین معروف گلوکارن سٍتی تہِ زان یِمن منٛز عبدالاحد نیامہ، غنی ترالی،

غلام احمد صوٗفی، محمد خلیل ، غلام نبی بُلبُل ، تہٕ عبدالرحیم بٹ قابلِ ذِکر چھ۔
مشترکہٕ گروٗپس منٛز کر یمو گامن ، گٔژھن منٛز گرٛھتھ فنِ موسیقی ہنٛدِس
مأدانس منٛز تھٔکنۍ لایق کام۔ یم چھ ہندوستانکین مختلف شہرن منٛز پننہٕ فنک
مُظاہرٕ کرنہٕ خأطرٕ گامٕتۍ ۔ یم چھِ رباب ، سارنگ ، ہارمونیم واین زانان۔
یمن چھِ کینٛہہ توصیفی سَندٕ تہٕ ینامہٕ تہِ مختلف سرکأری کیو غأر سرکأری ادارن
ہنٛدِ طرفہٕ ترٛاۓمتۍ ۔ یمو کر فنِ موسیقی ہنٛز وار یاہ خدمت ، دور درشن ، کلچرل
اکاڈمی تہٕ نمائیشی پروگرامن منٛز تہِ اُسۍ شرکت کران۔





# عبدالخالق کاوٕ

ناو : عبدالخالق کاوٕ

ولدیت : محمد صدیق کاوٕ

سکونت : گوڑ چنار باغ ڈلگیٹ، سرینگر

تہٕ وُنی کین بمنہ بوٹ کالونی

تأریخ پیدائش : 1947ء

تألیم : اَن پڑھ

تأریخ وفات : 19 جولائی 1994ء

## فن تہٕ زندگی

عبدالخالق کاوٕ اوس اَکھ نابینا گلوکار۔ یہِ اوس بے شک کٲشرِ ہُند اَکھ باگہِ بوٗرُت ، گیوٚن وول، یہِ اوس خاص پأٹھۍ چھکرِ تہٕ رۄف گیوٚان، أمۍ سنٛز آواز أس سبٹھاہ مدٕرتہٕ پُرکٔشش۔ یہِ اوس سُہ فنکار ییٚمۍ أخرس تام چھکر تہٕ رۄف پرانیو روایتو مطأبق یعنی پوٗرٕ لٔگہٕ طرزس پیٹھ گیوٚ۔ چھکرِ ہِنٛدٕن پرانین طرزن کٔر أمۍ پوٗرٕ پأٹھۍ آبیأری۔ أمۍ سُنٛد اُستاد چھُ کٲشرِ ہُند معروف گلوکار غلام حسن صوٗفی اوسمُت۔ فن موسیقی ہِنٛدی بنیأدی اصول یعنی سُر، لَے تہٕ تال ہیٚچھن أمۍ ہے فنکارس نشہِ۔ خالق کاوٕ اوس بالکل اَن پڑھ تہِ اماپوٚز اَمہِ باوجود تہٕ اوس أمِس تلفظ سبٹھاہ رُت۔ یہِ اوس عام پأٹھۍ صوٗفی شاعرن ہُند کلامہٕ گیوٚان۔ أمۍ سُنٛد دوٗیِم اُستاد چھُ غلام محمد

کلواوسمت یُس کٲشرِ ہُنٛد بہلہِ پایہِ گلوکار اوس ۔ گوڑ ہیوٚت خالق کاوِن خاندرن کھُندرن تہٕ لوکچن محفلن منٛز گیوٚن تہٕ پتہٕ بزرگن تہٕ دوٚیمن مجلسن منٛز۔ اماپوٚز 1966 ءمنٛز ییلہِ کاوِن ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوٚن ہیوٚت تہٕ یہ سپُد صفِ اولہٕ کِس فنکارن منٛز شامِل ۔ یہ بہلہِ پایہِ فنکار اوس سازو أندرٕ ہرمونیم ،سارنگ ،سنطور تہٕ سارنگ وایان۔ اماپوٚز أمِی سُنٛد من پسند ساز اوس سارنگ ۔عبدالخالق کاوٕ اوس ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗردرشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہِنٛدین پروگرامن منٛز تہٕ حِصہٕ نوان۔ أمِس چھُ کٲشرِ نٮ۪بر دہلی تہٕ جمہِ پننہِ فنُک مظاہرٕ کرنُک موقعہٕ میوٗلمُت اَتہٕ کوٗرلٕوکو أمِی سُنٛد گیوٚن سیٹھاہ پسند۔ أخرس پیٹھ ونہٕ بو یہ زِ خالق کاوا اوس فنِ موسیقی ہُنٛد مأدانُک اکھ پربزلوٗن تارُک ۔ تہٕ أمِی چھُ اَتھ مأدانس منٛز تھٕکنی لایق کأم کٔرمٕژ یوسہٕ أسی کُنہِ تہٕ لحاظہٕ مشرأوِتھ ہیکو نہٕ۔

یہِنٛدِس گیوٚنہٕ کِس وقتس منٛز گویہُنٛد اکھ بأتھ سیٹھاہ مشہوریُس وُنتہِ ریڈیو کشمیر پیٹھ چھُ منٛزی منٛزی چلان۔ أمیُک گوڑ مصرعہ چھُ

ہوش دارٕ گوش تھاو آلو گو
شولہٕ ماران رو آلو گو

وہاب کھار

☆☆☆



# عبدالعزیز صوفی

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | عبدالعزیز صوٗفی |
| ولدیت | : | گلہٕ جو صوٗفی |
| سکونت | : | ریشی بازار اننت ناگ کشمیر |
| | | (حال محلہ حضرتبل اننت ناگ |
| تأریخ پیدائیش | : | 1936ء |
| تألیم | : | پانژھ جمأژ |
| تأریخ وفات | : | 1988ء |
| ملازم | : | آرٹسٹ انفارمیشن ڈِپارٹمنٹ اننت ناگ |

## فن تہٕ زندگی

عبدالعزیز صوٗفی اوس کٲشرِ ہُنٛد معروف گلوکار۔ یہِ کتھ تہٕ ہیکو مانٛتھ زِ صوٗفی اوس صفِ اولہٕ کین گیوٗن والین منٛز شمار یوان کرنہٕ۔ یمن اوس چھکرِ تہٕ رؤف گیوٗنک اَکھ روأیتی اندازٕ۔ یتھ منٛز پوٗرٕ فوک لے آسان اُس۔ فنِ موسیقی ہنٛد بنیأدی اصول یعنی سُر، لے تہٕ تال اوس پوٗرٕ پأٹھی زانان۔ مراز علاقس منٛز یاوٕنی توس جنوبی کشمیرس منٛز اوس عزیز صوفی سُنٛد سبٹھاہ دَبہٕ دَبہٕ فنِ موسیقی ہنٛدِ لحاظہٕ یہُنٛد اُستاد چھُ لسہٕ خان فدا اوسمت یُس گیوٗن زانہٕ علاوٕ بہلہِ پایہِ شأیرتہٕ اوس۔ صوفی چھُ گوڈٕ گوڈٕ لوکچین لوکچین گھریلو محفلن منٛز گیوان اوسمت تہٕ لُکھ اُمی سُنٛد گیوٗن سبٹھاہ پسند

اُسۍ متۍ کران۔

عزیز صوفی سپُد تمہٕ وزِ بے حد مقبول ییلہِ اَمۍ اکہِ طرفہٕ انفارمیشنٕچ ملازمت اختیار کرٕ۔ تہٕ بییہِ طرفہٕ لوگن ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوٚن۔ انفارمیشن پروگرامن ہنٛدِ ذریعہٕ ووت عزیز صوٗفی کٲشرِ ہنٛدٕ بن کوٗنن کوٗنن منٛز پننہٕ فنُک مظاہرٕ کرنہِ۔ یمن روزاَتہِ بہلہِ پایہِ گیوٚن والیٖن تہٕ نژن والیٖن ستۍ ووتھ بیٹھ۔ یمن منٛز عبدلغنی ترالی، عبدالاحد نیامہٕ، غلام نبی بُلبُل، غلام احمد صوٗفی، حبیب اللہ بمبو خاص پأٹھۍ ذِکرٕ لایق چھِ۔

عبدالعزیز صوٗفی چھُ ہرمونیم اوسمُت وایان۔ یمن چھُ ریاستہٕ نیبر چنڈی گڈھ، دہلی، کشتواڑ تہٕ جموٚم گرٕ ھنُگ موقعہٕ میوٗلمُت ییتہٕ اَمۍ پننہِ فنُک مظاہرٕ جان پأٹھۍ کوٚرمُت چھُ۔ صوٗفی چھ ریڈیو علاوٕ دوٗر درشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہنٛدٕ بن پروگرامن منٛز تہِ شرکت اوسمُت کران۔ عبدالعزیز صوٗفی چھِ کینٛہہ ژاٹھ تہِ تیار کٔرۍ متۍ۔ اَخرس پیٹھ ہیٚکہ بوٚ ذاتی طور یہ وٕنتھ زِ عبدالعزیز صوٗفی چھ فنِ موسیقی ہنٛدِس مٲدانس منٛز تھٔکنۍ لایق کأم کٔرمٕژ، عزیز صوٗفی سُنٛد گیوٚن چھُ مےٚ پانہٕ تہِ بوزمُت۔ یہ اوس فنِ موسیقی ہنٛز اَکھ تأریخ۔ یہ اوس صوٗفی شأعرن ہُنٛد کلامہٕ تہِ گوٚان تہٕ باقی شأعرن ہُنٛد تہِ۔ یہ اوس کٲشرِ ہنٛدٕ بن بہلہِ پایہِ فنکارن ہُنٛد گیوٚن بوزان تہٕ پسند کران۔





# موج دین

ناو : موج دین خان

ولدیت : حبیب اللہ خان

سکونت : ناگہٕ بل ہاپت نار
پہلگام اننت ناگ

تأریخ پیدائش : 1950ء

تألیم : سَتھ جمأژ پاس

یوم وفات : 21اپریل 2000ء

## فن تہٕ زندگی

موج دین اوس اَکھ باگہِ بۆرُت تہٕ مأرِی مۆند گلوکار۔ یہِ اوس کٔشیرِ ہنٛد بن بہلہِ پایہِ چھکر تہٕ رۆف گیوٚن والین فنکارن منٛز گنٛز راونہٕ یوان۔ أمی سنٛز آواز اُس سبٹھاہ میٹھ تہٕ مدٕر۔ دِلکش تہٕ اثر دار روایتی چھکر تہِ اوس گیوان تہٕ جدیدتہِ۔ گوڈٕ اوس موج دین خاندرن کھندرُن تہٕ گھریلو محفلن منٛز گیوان تہٕ پتہٕ کوٚڈ أمی پوٚرٕ کاڈیلہِ أمی پوٚرٕ پأٹھی کأنٛسہِ اُستادس نِشہٕ تربیت حأصل کٔر۔ یہنٛد اُستاد اوس أمی سُنٛد مول یُس اکھ بہلہِ پایہِ اُستاد اوس فوک میوزکُک۔ موج دین اوس پوٚرٕ پأٹھی گیوٚنکی بنیادی اصوٗل زانان یعنی سُر، لَے تہٕ تال أمی سُنٛد تلفظ چھُ سبٹھاہ جان اوسمت۔ یہِ چھُ عام پأٹھی صوٗفی شأیرن ہُنٛد کلامہٕ اوسمت گیوان تہٕ لُکھ

أسی أمی ہنٛز زبأنی صوٗفی شأیرن ہُنٛد کلامہٕ زیادٕ پسند کران۔

موج دین چھُ واریاہ بروٗنہہ ریڈیو اَپروڈ اوسمُت۔ ریڈیوس پیٹھ گوٚنہ کَنٛز سپُد موج دین زیادٕ مقبولِ عام۔ موج دین اوس ریڈیو، دوٗر درشن تہٕ کلچرل اکاڈمی پروگرامن منٛز حِصہٕ نوان۔ یہِ اوس سازو أندر رباب، ہرمونیم تہٕ بینجو زانان وایُن۔ یَمن چھُ کٔشیرِ نیبر جوٚم، دہلی تہٕ اجمیر شریف گرٛھنگ موقعہٕ میوٗلمُت یِیتہٕ أمی پننہٕ فنک مُظأہر جان پأٹھی کوٚر۔ یَمن چھِ کینٛہہ ژاٹھ تہِ أسۍمتۍ، یَمن منٛز سدرالدین خان، بہرام خان، فیروز احمد بٹ قأبلِ ذِکر چھِ۔ بہر حال یہِ کتھ چھ ژیتس تھاوٕنۍ لایق زِ فنِ موسیقی ہنٛدِس مأدانس منٛز چھ موج دینن تھٔکنۍ لایق کأم کٔرمٕژ یوس نہٕ کُنہِ تہِ لحاظہٕ مُشرِتھ ہیکو۔ موج دین چھُ کم کاسہٕ شأیری تہِ کران اوسمُت۔





# غلام حسن کاڈو

ناو : غلام حسن کاڈو

ولدیت : عبدالقدوس کاڈو

سکونت : قاضی محلہٕ انت ناگ

تأریخ پیدأیش : 27 جنوری 1947ء

تألیم : بی۔اے۔ بی ایڈ

ملأزم : محکمہ تألیم بحیثیتِ اُستاد

ملازمتہٕ نِش سبکدوشی ہُندٕ وری: 2005ء

## فن تہٕ زندگی

غلام حسن کاڈو چھُ پیشہِ لحاظہِ اَکھ سکوٗل اُستاد رُو دمُت۔ مگر فنِ موسیقی منز تہِ چھ أمِس فوک میوزِکٕک بہلہِ پایہِ اُستاد عام لُکھ مانان۔ کاڈو چھُ چھکر تہٕ رؤف گیوٚنٕک ماہر تہٕ أمِس چھُ بچپنہٕ پٔٹھے گیوٚن بوزنُک تہٕ گیوٚنُک شوق اوسمُت۔ غلام حسن کاڈو سُند وُنُن چھُ "بو اوسُس لگ بھگ پرٛتھ گیوٚن محفلہِ منز گژھان یوسہٕ سأنس علاقس منز خاندرن کھُندرن یا گھریلو مجلسن ہنٛدِس اندازس منز لگان أس تہٕ مےٚ اوس پرٛتھ کأنسہِ گیوٚن وألی سُند گیوٚن پسند"

غلام حسن کاڈوس چھُ سکولس منز تہِ پرٛنس دوران فنِ موسیقی ہنٛدین پروگرامن منز شرکت کرنٕک موقہٕ میوٗلمُت۔ غلام حسن کاڈو سُند اُستاد چھُ

رحیم وارثی اوسمُت یُس رتھ پورِ صفا کدل سرینگرِ روزان اوس یہِ اوس سبٹھاہ رُت بُزرگ تہٕ تہٕ نیک تہٕ۔ اٲمی چھِ پرٛتھ لحاظہٕ کاڈو صٲبنٕز رہبری کرٕمٕژ۔ غلام حسن کاڈون چھُ گوڑٕ گوڑٕ خاندرن کھندرُن تہٕ بُزرگ مجلسن منٛز گیوٚن ہیوٚتمُت۔ تہٕ پتہٕ دیُت اٲمی ریڈیو کشمیر پیٹھ آڈشن 1973ء منٛز تہٕ اَتہِ کرِن کامیٲبی حاصل تہٕ لوٚگُن اَتہِ گیوٚن تہٕ اَمہِ وِزِ اوس کاڈون ووٚنی پورٕ کاڈ کوٚڈمُت۔ ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوٚنہٕ سٟتؠ سپُد غلام حسن کاڈو سبٹھاہ مقبول تہٕ یہِ چھُ ووٚنی صفِ اولہٕ کِمن چھکرٕ تہٕ رؤف گیوٚن والٮ۪ن منٛز شُمار یوان کرنہٕ۔ ازتام چھُ غلام حسن کاڈو ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗردرشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہنٛدٮ۪ن پروگرامن منٛز تہِ حصہٕ نوان۔ کاڈو چھُ سُر، لَے تہٕ تال پورٕ پٲٹھی زانان، یہِ کتھ چھِ صاف زِ غلام حسن کاڈون چھ مروجہ تاٲلیم رٕتؠ پٲٹھی حاصل کرٕمٕژ لحاظہ چھُ اٲمی سُنٛد تلفظ سبٹھاہ جان۔ یہِ چھُ عام پٲٹھی صوٗفی شاعرن ہُنٛد کلامہٕ روٗدمُت گیوان تہٕ ووٚنی کٲبس تہِ چھُ گیوان۔ اماپوٚز کم کاسہٕ چھُ نوٚبن شاعرنہٕ ہُنٛد کلامہٕ تہِ گیوان۔ غلام حسن کاڈو چھُ سازو اَندر ہرمونیم، بانسری، بینجو تہٕ بگ پائپ وایان۔

غلام حسن چھُ غار سرکاری طور ریاستہٕ نبر تہٕ پنٕنہِ فنُک مُظاہرٕ کرنہِ گومُت، یِمن منٛزِ لکھنو، دہلی، اجمیر، جموٗم، کشتواڑ تہٕ دیوہ شریف (بارابنکی لکھنو)۔ یِمن چھِ کیٚنہہ ینامہٕ تہٕ سَنٛدٕ تہِ میٚجہٕ مٕژٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ غلام حسن کاڈو صاٲبس محکمہ تاٲلیم طرفہٕ بحیثیت اُستاد 1983ء منٛز نیشنل ایوارڈ تہِ میوٗلمُت خاص پٲٹھی تہٕ کیازِ یِمو چھُ محکمے تاٲلیمس منٛز تہِ تھٲکنؠ لایق

کأم کرٕمژ تہٕ فنِ موسیقی ہٕندِس مأدانس منز تہٕ۔
غلام حسن کاڈو ہٕندی کینہہ بأتھ گیہِ عوامس منز سبٹھاہ مقبول۔

سُکھٕ ماہ رو ہاوتم موکھ لولو

شمس فقیرؔ

وَلعٕ فجر پھوٚل حق سبحانہٕ لولو

شبِ قدرے وُچھُم نورانہٕ لولو

کلامِ رحیم وآرثی

غلام حسن کاڈون چھ کینہہ ژاٹھ تہٕ تیار کٔری مٔتی یِمن منز مشتاق احمد گنائی، بشیر احمد پرے، بلال احمد پرے، منظور احمد ملک قأبل ذِکر چھ۔ غلام حسن کاڈو چھُ بے شک چھکر تہٕ رؤف بالکل روایتی تہٕ اصل فوک ہیتس منز گوان۔ یہُند ناوروزِ فنِ موسیقی ہٕندس مأدانس منز ہمیشہِ زِندٕ۔





# عبدالعزیز ملک

ناو : عبدالعزیز ملک

ولدیت : عبدالرحمان ملک

سکونت : ددرین کھانڈے پور
ہاپتھ نار پہلگام اننت ناگ

تأریخ پیدائیش : اَکہِ اندازٕ مطابق 1938ء

تألیم : اَن پڑھ

فن تہٕ زندگی

عزیز ملک چھُ کٲشرِ ہِندٕن بہلہِ پایہِ گیوٚن والیٚن منٛز گنزراونہٕ یوان۔ اٚمی ہٕنٛز آواز چھ سٕبٹھاہ میٹھ تہٕ مٕدٕر اٚسِرٛ۔ اٚمِس چھُ لوکچار پانٕہ پیٹھٕ گیوٚن بوزنُک تہٕ گیوٚنُک شوق اوسمُت۔ یہِ چھُ اکثر ریڈیو بوزان روٗدمُت لوکٹہِ پانے۔ یہِ اوس ریڈیو پیٹھ بہلہِ پایہِ گلوکارن ہُند گیوٚن بوزان۔ دپان ییٚلہ تہٕ اٚندی پٔکی گامن منٛز کانٛہہ گیوٚن وول اوس کُنہِ خاندرس پیٹھ گیوان تہٕ عزیز اوس ژٕورِ پٲٹھی اور واتان تہٕ گیوٚن بوزان۔ عزیزٕن اُستاد چھُ اٚمی سُنٛد مول عبدالرحمان ملک یُس اَکھ معروف گلوکار چھُ اوسمُت، عزیز چھُ چھکرٕ تہٕ روٗف بالکل اصلی لٔگہٕ اندازس منٛز گیوان۔ یہِ چھُ عام پٲٹھی صوٗفی شاعرن ہُنٛد کلامہٕ گیوان۔ وونی گوازکل چھُ جدید شاعرن ہُنٛد کلامہٕ تہٕ گیوان جان پٲٹھی۔ اَن پڑھ آسنہٕ باوٗجود چھُ

عزیزن تلفظ سیٹھاہ جان ۔ یہ چھُ دوٗر درشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہندین پروگرامن منز تہِ شرکت کران ۔ یہِ سپُد تمہِ وِزِ زیادٕ مقبوٗل یێلہِ أمی ریڈیو کشمیر پیٹھ بحیثیتِ کیجول آرٹسٹ گوٗن ہیوٚت ۔ سازو أندرٕ چھُ عزیز ہرمونیم تہٕ سارنگ وایان، سارنگ وایہِ نُک چھُ أمِس اکھ مخصوص اندازٕ ۔ سُر، لَے تہٕ تال چھُ جان پأٹھی زانان ۔ یہِ چھُ بے شک ہرزُک معروف گلوکار مانٕنہٕ یوان ۔ أمی چھِ کینٛہہ ژاٹھ تہٕ تیار کرِیٕمتۍ ۔ یمن منز غلام نبی گنائی فیاض احمد بٹ، محمد رمضان مغلو قابلِ ذِکر چھِ ۔

یہُنٛد گیوومُت مقبولِ عام بأتھ چھُ ۔

الست بربکم گوم ندا کمہِ تام شیے

احد زرگر

فنِ موسیقی ہندِس مأدانس منز چھے وننٛیگ تام عزیزن تھٕکنٕی لایق کأم کرٕمژ ۔





# محمد سرفراز حاجی

ناو : محمد سرفراز حاجی

ولدیت : عبدالکبیر حاجی

سکونت : ژارِ شریف بڈگوم

تأریخ پیدائش : 1937ء

تألیم : نوجماژ پاس

## فن تہٕ زندگی

سرفراز چھُنہٕ کانٛہہ پیشہِ ورانہٕ گیوٗن وول۔ اَمی چھُ شوقہٕ ستی گیوٗن ہیوٚ چھمُت۔ تہٕ کیازِ یہنٛدِس گھرس منٛز آسہٕ مختلف قسمچہ گیوٗن محفلہٕ لگان، یتھ منٛز خاص پأٹھی صوفیانہٕ موسیقی، صوفیانہٕ چھکر تہٕ قوالی گیونہٕ اَس یوان یہنٛد گھرٕ چھُ اکھ ڈِگی جل گھرٕ گوڈٕ پیٹھے اوسمُت یہنٛد سورٕ ے خاندان چھُ گیوٗن بوزنُک شوقین اوسمُت۔ سرفراز صأبن وَنُن چھُ مےٚ چھُنہٕ گیوٗن اوزکہٕ غرضہٕ ہیوٚ چھمُت بلکہِ چھُ مےٚ شوقہٕ باپتھ اورگن کوٚرمُت۔ سرفراز چھُ عام پأٹھی گھریلو محفلن تہٕ بزرگن ہٕنزن مجلسن منٛز گیوان اوسمُت۔ اَمی سُنٛد گیوٗن اَسی لگھ سبٹھاہ پسند کران۔ یہٕ چھُ فقط صوفیانہٕ موسیقی، صوفیانہٕ چھکرٕ گیوان اوسمُت۔ سرفراز صأبُن وَنُن چھُ میون اُستاد اوس صوفیانس منٛز وادی ہُنٛد معروف صوفیانہٕ موسیقی ہُنٛد اُستاد تبت بقال صأب تہٕ چھکرِ منٛز صفِ اولک تہٕ جدید چھکرِ ہُنٛد بأنی غلام احمد صوٗفی صأب۔ یِم

دوشوٕ ے اُستاد چھِ رحمتِ حق سپدی مِتی ۔ سرفراز صأبن تلفظ چھُ سبٹھاہ رُت اوسمُت تہٕ یہِ اوس عام پأٹھی صوٗفی شأیرن ہُند کلامہٕ گوان۔ سُر، لَے تہٕ تال چھُ پورٕ پأٹھی زانان۔ سازو أندرٕ چھُ سرفراز صأب ہرمونیم، سِتار، نوٗٹ، بینجو تہٕ بانسری زانان۔ یمو چھِ کینٛہہ ژاٹھ تہِ تیار کٔری مِتی، یمن منٛز، گلہٕ ووٗنی، محمد یوسف ژاری تہٕ غلام نبی شأمل چھِ۔ یمو چھُنہٕ ریڈیو، دوٗر درشن یا کلچرل اکاڈمی پروگرامن منٛز کانٛہہ خاص شرکت کٔرمٕژ۔ فنِ موسیقی ہِندِس مأدانس منٛز چھِ یمو تھٔکنٕس لایق کأم کٔرمٕژ۔ سرفراز صأب چھِ وٕنہٕ بالکل حیات اماپوٗز یمن چھ کینٛہہ وٕری برونٛہہ فالج گأمٕژ یمہِ کِنی یم فنِ موسیقی نِشہِ ہنادوٗر گیہِ۔





# غلام حسن بٹ

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | غلام حسن بٹ<br>المعروف گۆنڈ پۆری |
| ولدیت | : | عبدالغنی بٹ |
| سکونت | : | گۆنڈ پور دیوسر کولگوم |
| تأریخ پیدأیش | : | 26 فروری 1932ء |
| تأریخ وفات | : | مارچ 2008ء |
| تألیم | : | پرائمری |

## فن تہٕ زندگی

حسن گۆنڈ پۆری اوس جنوبی کٔشیرِ ہُند اکھ بہلہِ پایہٕ فنکار۔ یِم آسی اکھ پیشہٕ ورانہٕ فنکار تہٕ آسی چھکر، صوفیانہٕ موسیقی ہٕندی تھدِ پایکی فنکار تہٕ اَمہِ علاوٕ آسی سورنٔے (شنہائی) تہِ زانان تہٕ یہُند گھرٕ اوس بانڈٕ پأتھرس ستی تہِ تولُق تھاوان تہٕ اَتھ منز تہِ اوسُکھ سبٹھاہ تھوٚد مقام حأصِل کوٚرمُت۔ حسن گۆنڈ پۆری اوس سازو أندرٕ ہرمونیم تہٕ ستار زانان وایِن۔ یِمو چھُ مذکورٕ فن پننِس مألِس عبدالغنی بٹس نِشہِ ہیوٚ چھمُت۔ گوڑ گوڑ اوس گۆنڈ پۆری لوکچِن لوکچِن محفلن، پأتھرن تہٕ خاندرن کھُندرن منز گِوان۔ تہٕ اَمہِ پتہٕ کوٚڈ یِمو فنِ موسیقی ہٕندِس مأدانس منز پۆرٕ کاڈ ۔ یِم سپدی سبٹھاہ مقبولِ عام فنکارن ہٕندِس صفَس منز شأمِل۔ اَمہِ پتہٕ

روزگوٚنڈپۄری ہنٛز وابستگی ریڈیو کشمیرس ستی بحیثیتِ کیجول گلوکار، یِم اُسی اَتہِ چھکرِ تہٕ رؤف گبوان۔ یِم اُسی عام پأٹھی زیادٕ پہن صوٗفی شأیرن ہُند کلامہٕ گبوان، سُر، لے تہٕ تال اُسی پوٗرٕ پأٹھی زانان۔ یہنٛز آواز اُس سبٹھاہ دِلکش تہٕ مأری مُنز۔ گوٚنڈپۄری ہنٛد بن رشتہٕ دارن تہٕ دوستن ہُند وَنُن چھُ اُمی سُنٛد وہتھُن بہُن، اوس معروف صوفی بزرگ عبدالسلام المعروف سلام کھارس ستی اوسمت۔ سُے چھُ یہنٛد شأیری منٛز اُستاد اوسمت۔ گوٚنڈپۄری ہنٛدِ کلامہٕ تلہٕ چھُ نَنان زِ گوٚنڈپۄری چھُ اَکھ جان شأیر تہٕ اوسمت۔ کینٛہہ شار چھِ تبرکن توہہِ بروٚنٛہہ کنہٕ۔

ذاتَس منٛگی منٛگی سالہٕ انیوم راتس رؤ دیکجا
راتَس کتھہٕ کرِ اَکھ لچھ اکھ ہتھ کتھ روز باقی



دم زندگی ہنٛدی ضایہِ کُرِم ہائے غلط گوم
ہے ہے پنٕنی ترأوِم رَچھم بیگانہٕ غلط گوم



وُچھ حسینا ہ مہ جبینا ہ ناز کیا
سورمہٕ چھُس ٹاربن تہٕ چشمن ساز کیا

( کلامِ حسن گوٚنڈپۄری )

دپان کشیرِ ہنٛد بن سابقہٕ دون وزیراعلیٰ مرحوم غلام محمد صادق تہٕ سید میر قاسم صابس ستی اوسکھ سیاسی وہتھُن بہُن۔ تمہِ وقتہٕ ییلہٕ یِم اَکھ

سیأسی تحریک چلاوان اَسی ۔یتھ عام پأٹھۍ ڈی۔این۔سی (D.N.C) ونان اَسی ۔اَمہِ تلہٕ چھُ نان زِ یمٕن چھِ سیاستس ستۍ تہٕ دلچسپی اَسمٕژ۔ مےٚ چھُ گوٚنڈپوٗرۍ صأبس ستۍ اکہِ دوہہٕ ریڈیو کشمیرس نبرٕ کنہِ ملاقات سپُد مُت۔ یہُنٛد مزاج اوس سٮ۪ٹھاہ نرم تہٕ یہندۍ اخلاق اَسی سٮ۪ٹھاہ رٕتۍ۔ بہر حال فنِ موسیقیَ ہنٛدِس مأدانس منٛز یوسہٕ کأم گرمٕژ چھےٚ سُہ چھ تھکنٕ لایق۔



# غلام حسن سنگتراش



ناو : غلام حسن سنگتراش

ولدیت : عبدالرحمان صوٗفی

سکونت : پانتہ چھوکھ سرینگر

تأریخ پیدأیش : 1949ء

تألیم : اَن پڑھ

فن تہٕ زندگی

غلام حسن سنگتراش چھُ دُکاندأری تہٕ کران تہٕ سنگتراش تہِ۔ یہِ چھُ کٲشیرِ ہُنٛد اَکھ بہترین گیوٚن وول۔ أمی چھُ گوڈٕ نژن ہیوٚتمُت تہٕ پتہٕ گیوٚن، أمی سٕنٛز آواز چھ سیٹھاہ دِلکش۔ یہِ چھُ معروف گلوکار عبدالخالق کاوٕ سٕنٛز پارٹی ہٕتی نژان اوسمُت۔ أمی سُنٛد اُستاد چھُ عبدالخالق کاوٕ اوسمُت۔ یُس اکھ معروف گلوکار اوس۔ فنِ موسیقی ہٕنٛدی یِم بُنیأدی اصوٗل چھِ تِم چھِ سنگتراشس منٛز پوٗرٕ پأٹھۍ موجود یعنی سُر، لَے تہٕ تال۔ غلام حسن چھُ سازو أندرٕ ہرمونیم زانان واین۔ یہِ چھُ ریڈیو کشمیر پیٹھ وارِیاہ کالہٕ پیٹھ گیوان، امہِ علاوٕ چھُ سنگتراش دوٗردرشن تہٕ کلچرل اکاڈمی پروگرامن منٛز تہٕ حصہ نِوان۔ یہِ چھ عام پأٹھۍ نوٚبن شأیرن ہُنٛد کلامہٕ تہِ گیوان تہٕ پرأنین شأیرن ہُنٛد تہِ۔ أمِس چھ کینہہ ژاٹھ تہِ۔ یِمن منٛز عبدالغنی بٹ سمربُگ، غلام محمد شیخ اتھواجن تہٕ عبدالرشید شیخ اتھواجن قأبلِ ذِکر چھِ۔



# عبدالعزیز پرواز

ناو : عبدالعزیز پرواز

ولدیت : محمد سلطان پرواز

سکونت : بچھوورڈلگیٹ سرینگر

تأریخ پیدائش : اپریل 1940ء

تألیم : اَن پڑھ

## فن تہٕ زندگی

عبدالعزیز پرواز چھُ اَکھ ناپٕنا گیوٚن وول۔ یہِ چھُ چھکرٕ تہٕ رؤف گیوٚنس منٛز مہارتھ تھاوان۔ کٲشیرِ ہٕندٮ۪ن معروف چھکرٮ۪ن منٛز چھُ پرواز تہِ شأمِل۔ أمی سُنٛز آواز چھِ سٕٹھاہ مدرٕ تہٕ اثردار۔ فن موسیقی سٟتی چھُ یمن لوکچار پانٕہ پیٹھے لوے، کھوے اوسمُت۔ پرواز صأبٕن وَنُن چھُ مےٚ چھُ ازداہ وُہر پانٕہ پیٹھ مکمل پأٹھی گیوٚن ہیوٚچھمُت۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس پرواز خاندرن کھُنٛدرن تہٕ لوکچٮ۪ن لوکچٮ۪ن گھریلو محفلن منٛز گیوان تہٕ پتہٕ یِیلہِ أمی پورٕ پأٹھی کاڈ کوٚڈ تہٕ یہِ سپُد مقبوٗلِ عام گلوکارن منٛز شریک۔ پرواز چھُ سُر، لَے تہٕ تال پورٕ پأٹھی زانان۔ عبدالعزیز پروازن چھُ 1965ء منٛز ریڈیو آڈِشن پاس کوٚرمُت تہٕ لوٚگُن ریڈیو پیٹھ گیوٚن۔ پرواز چھُ دوٗر درشن، ریڈیو کشمیر کٮ۪ن پروگرامن منٛز تہِ حصہٕ نوان بحیثیتِ کیجول آرٹسٹ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یہِ انفارمیشن تہٕ کلچرل اکاڈمی پروگرامن منٛز تہِ حصہٕ نوان۔

پرواز صأبن اُستاد چھُ معروف گلوکار غلام قادر ووٗنی اوسمُت ۔ پرواز چھُ ہرمونیم ، سارنگ ، رباب تہٕ نوٗٹ زانان وایُن ۔ عبدالعزیز پرواز چھُ ریاستہٕ نبر تہٕ گومُت یتہِ اٲمی پننہِ فنُک مظاہرٕ جان پأٹھی کوٗرمُت چھُ تہٕ لوٗکو چھُ یہُنٛد پروگرام سبٹھاہ پسند کوٗرمُت ۔ یمہٕ جایہِ چھِ ، دہلی ، کلکتہٕ ، کنیا کمأری ، بمبئی تہٕ جوٗم ۔ یمن چھ کینہہ سَنٛدٕ تہٕ نیامہٕ تہِ مِلیمٕتۍ ۔

یہُنٛد اَکھ گیوومُت مقبوٗلِ عام بأتھ چھُ ۔

پس گوس دست رٲئی توم توہی

اے شاہ رسولِؐ عربی

کلامِ صمد میرؔ

یمو چھ کینہہ شأگرد تہِ تیار کری مٕتۍ ۔





# محمد اکبر ڈار

ناو : محمد اکبر ڈار

ولدیت : غلام احمد ڈار

سکونت : آرِ بل ِنکس پلووم

تأریخ پیدائش : 1935ء

تألیم : اَن پڑھ

## فن تہٕ زندگی

محمد اکبر ڈار چھُ چھکرِ ہُند اکھ بہلہِ پایہِ گیوٚن وول۔ اُمی سٕنٛز آواز چھِ سیٹھاہ جان تہٕ اثر دار۔ اُمِس چھُ لوکچارٕ پیٹھہٕ گیوٚنک تہٕ گیوٚن بوزنُک شوق اوسمُت۔ اُمی سُند اُستاد چھُ کشیٖرِ ہُند معروف گلوکار مرحوم محمد سلطان صوٗفی مُنگہِ ہأمی اوسمُت۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس اکبر خاندرن کھُندرن تہٕ لوکچہن لوکچہن محفلن منٛز گیوان، اماپوٚز یَیلہِ اُمی ریڈیو کشمیر پیٹھٕ گیوٚن ہیوٚت یہِ گو سیٹھاہ مقبوٗل۔ اُمی چھُ 1982ء منٛز ریڈیو آڈِشن پاس کوٚرمُت۔ سُر ،لَے تہٕ تال چھُ جان پأٹھی زانان۔ یہِ چھُ صوٗفی شأعرن ہُند کلامہٕ زیادٕ گیوان۔ اکبر چھُ ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗر درشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہٕندِبن پروگرامن منٛز تہٕ شرکت کران۔ یہِ چھُ اکثر ریڈیو کشمیر پیٹھٕ بہلہِ پایہِ گلوکارن ہُند گیوٚن بوزان روٗدمُت یمہِ سٟتی اُمی واریاہ کینٛہہ ہیوٚچھمُت چھُ۔ اکبرن تلفظ چھُ جان تہٕ لُکھ چھِ اَتھ ہُند گیوٚن لوکچارس منٛز سیٹھاہ پسند

أسۍ مَتی کران۔ سازو أندرِ چھُ اکبر ہرمونیم زانان وایُن۔ یمن چھُ دۄر درشنہٕ طرفہٕ جۆم گژھنک تہٕ موقہٕ میۆلمُت ییٚتہٕ أمۍ پننہٕ فنُک مُظاہرٕ کوٚر۔

یہُنٛد گیومُت اَکھ مقبوٗلِ عام بأتھ چھُ ۔

کتہٕ کوٚرتھم عشقَن ژھلو

ولو متہٕ معشوقہٕ دیدار ہاو

أمۍ چھ کینٛہہ شاگرد تہٕ تیار کرۍ مَتی یمن منز محمد اشرف ڈار نِکس ، غلام حسن کُمار راجپور تہٕ پنُن لڑکہٕ قأبلِ ذِکر چھِ۔





# محمد جبار صوفی

ناو : محمد جبار صوفی

المعروف جبار کوٚٹ

ولدیت : غلام محمد صوفی

سکونت : آنگ مٹی پور اننت ناگ

حال سکونت مٔنی گام سائلی اننت ناگ

تأریخ پیدائیش : 1924ء

تأریخ وفات : 8 نومبر 1999ء

تألیم : اَن پڑھ

فن تہٕ زندگی

جبار صوفی چھ کٔشیرِ ہندٕ بن بہلہِ پایہِ نژن تہٕ گیوٚن والین منز گنزراونہٕ یوان ۔ کٔشیرِ ہندی یم صف اوٚلکی نژن وألی (ڈانسر) چھِ تمو منز چھُ جبار تہِ اکھ تارُک ۔ یہند بن دوستن ،رشتہٕ دارن تہٕ کینٛژن بہلہِ پایہِ گیوٚن والین ہُند وَنُن چھُ جبار صوفی اوس بے شک اَکھ مأری موٚندٕ تہٕ باگہِ بوٚرُت گلوکار ۔ اَمی سنٛز آواز چھِ یہندِ مرنہٕ پتہٕ تہِ لُکن ہندٕ بن کنن منز گربزان ۔ یہِ آواز چھِ سٹھاہ مٔدُر ،دِلکش تہٕ متأثر کرن وانجینی آواز آسمٕژ ۔ مرازعلاقس منز خاص پأٹھی تہٕ کٔشیرِ منز عام پأٹھی اوس جبار صوفی سٹھاہ مشہور ۔ اَمی سُند اُستاد چھُ معروف فنکار غلام محمد اوسمت یُس کنڈی پورِ وُفزن

یِجہِ برارِ انت ناگ روزان اوس یہِ اُستاد چھُ بہلہِ پایہِ گیوٚن والین منٛز
گنز راونہٕ اوسمُت یوان۔ جبار صوفی سپُد تمہِ وِزِ سٮ۪ٹھاه مقبوٗل یلہِ أمی
فنِ موسیقی منٛز پوٗرٕ کاڈ کوٚڈ تہٕ لوگن 1953ء منٛز ریڈیو کشمیر پیٚٹھ گیوٚن تہٕ
لُکھ گیہِ یہُند گیوٚن بوٗزِتھ سٮ۪ٹھاه متأثر۔ جبار چھُ سازو أندرٕ ہرمونیم تہٕ
نوٚٹ اوسمُت وایان۔ فنِ موسیقی ہٕندی بُنیٲدی اصول یا طور طریقہٕ اوس
پوٗرٕ پأٹھی زانان۔ سہٕ گوٚسُر، لَے تہٕ تالہِ ہُند اوس ماہر۔ أمِس اوس صوفی
شأیرن ہُند کلامہٕ زیادٕ پسند یوان۔ فنِ موسیقی ہٕندِس مأدانس منٛز یوسہٕ کأم
جبار صوٗفی کٔرسو چھِ تھٔکٕنۍ لایق تہٕ لُکن منٛز چھُ وُنہِ تہِ یہِ مقبوٗل گلوکارن
منٛز گنز راونہٕ یوان۔

یہُند گیومُت مقبوٗلِ عام بأتھ اوس۔

سالہٕ اوس آمُت ژیرِ گوس گرشہِ کوٚت

از یِیہِ مارِ موٚت سونیے

شاہ کبیرؔ





# عبدالغنی چوپان

ناو : عبدالغنی چوپان

ولدیت : غلام احمد چوپان

سکونت : کھریو پلوامہ

تأریخ پیدائش : 9 دسمبر 1972ء

تألیم : اَن پڑھ

## فن تہٕ زندگی

عبدالغنی چوپان چھُ چھکر تہٕ رؤف گیوان۔ یہِ چھُ بہلہِ پایہِ گلوکار۔ یمن چھُ گیونٛک اکھ الگ انداز۔ یہِ چھُ روأیتی فوک طرزن رأچھ کرِتھ اَتھ زِندٕ تھاونچ کوٗشش کران۔ اماپوٚز نوبرٕ دِنٕچ کوٗشش تہِ چھُ کران۔ أمی سٕنز آواز چھِ دِلکش تہٕ مئدر۔ چوپانس چھُ لوکٕٹہِ پانے گیونٛک شوق اوسمُت ۔ یہُند گوڈنیک اُستاد چھُ عبدالرحمان اوسمت تہٕ یہِ چھُ جان اُستاد اوسمُت تہٕ روزن وول چھُ کھریو شارُک اوسمُت۔ یہُند دوٚیم اُستاد چھُ عبدالرشید ڈار۔

عبدالغنی چوپان اوس گوڈٕ گوڈٕ خاندرن کھُندرن پٹھ گیوان تہٕ پتہٕ لوگ أمی ریڈیو کشمیر پٹھ 1992ء پٹھ گیوٚن تہٕ یہِ سپُد مقبولِ عام۔ غنی چھُ سارن تہٕ نوٚٹ وایان۔

یوٚ تام زن پروگرامن ہُند تولق چھُ غنی چوپان چھُ ریڈیو کشمیر علاوٕ

دوٗردرشن تہٕ کلچرل اکادمی ہٕندین پروگرامن منٛز تہِ چھےٚ نوان تہٕ لُکھ چھِ
اَمی سُند گیوٗن سبٹھاہ پسند کران۔ اَمی سٕندین ژاٹن منٛز چھ محمد افضل گنائی
،علی محمد میر قابلِ ذِکر۔غنی چوپان چھُ بروٗنٛہہ پکن وول گلوکار۔

عبدالغنی چوپان سُند اکھ بأتھ یُس اَمی گیوومُت چھُ ریڈیو کشمیر پیٹھ
سپُد سبٹھاہ مقبول چھُ یتھٕ کٔنی۔

از بوز سأنی مدعا چھُکھ ژٕ صاحبو بخشن ہارو

کلامِ احمد بٹوأری

اَمی چھُ کٔشیرِ نبر از تام جوٗم تہٕ دہلی منٛز پننہِ فنک مُظاہرٕ کوٗرمُت رِتی پأٹھی۔



# لسی محمد حجام



ناو : لسی محمد حجام (المعروف لسی حجام)

ولدیت : عبدالستار حجام

سکونت : أڈۍ گوٗم دیوسر کولگوم

تأریخ پیدأیش : 1933ء

تألیم : ان پڑھ

فن تہٕ زندگی

لسی حجام چھُ کٲشیرِ ہُنٛد اکھ بہلہِ پایہِ گیوٚن وول۔ فن موسیقی ہنٛدِس مأدانس منٛز چھُ مراز علاقس (جنوبی کشمیرس) منٛز أمِس سٮ۪ٹھاہ مقبوٗلیتھ۔ یہِ چھُنہٕ کانٛہہ پیشہ ورانہٕ گلوکار البتہٕ چھُ أمِ سُنٛد موروٗثی کارنأید کأم۔ ووٚنی گوأمِس چھُ لوکچارِ پانے گیوٚنک تہٕ گیوٚن بوزنُک شوق اوسمُت، یہِ چھُ بالکل روأیتی اندازس منٛز پورِ لگہٕ لیہِ منٛز چھکرٕ تہٕ رؤف گیوان۔ أمِ سنٛز آواز چھِ سٮ۪ٹھاہ جان تہٕ دِلکش۔ لسی حجام چھُ گوڈٕ گوڈٕ نژان تہٕ اوسمُت اماپوٚز ازکل چھُ فقط گیوٚنس ستی کران۔ أمِ سُنٛد گوڈنیُک اُستاد چھُ اوٚہُنٛد مول عبدالستار حجام اوسمُت تہٕ أمِ سُنٛد دوٚیم اُستاد چھُ کٲشیرِ ہُنٛد معروف گیوٚن تہٕ نژن وول عبدالرحمان دیوسری اوسمُت۔ سازو أندرِ چھُ لسی حجام ہرمونیم وایان۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس لسی حجام خاندرن گھندرن تہٕ لوکچین لوکچین گھریلو محفلن منٛز گیوان، پورٕ کاڈکڈنہٕ پتہٕ دیُت أمِ 1970ء منٛز

ریڈیو کشمیر پیٹھ آڈِشن تہٕ اَتہٕ سپز اٲمس کامیابی حاصل تہٕ لوٚگن ریڈیو
کشمیرِ پیٹھ گیوٚن۔ اَمہِ ستی سپُد لسی حجام لوٗکن منز زیادے پہن مقبوٗل۔ لسی
حجامس چھُ اَن پڑھ آسنہٕ باوجود تلفظ سٮ۪ٹھاہ رُت۔ یہ چھُ صوفی شاعرن
ہُند کلامہٕ تہِ گیوان تہٕ باقی شاعرن ہُند تہِ۔ ریڈیو کشمیر علاوہ چھُ لسی حجام
دوٗردرشن تہٕ کلچرن اکاڈمی پروگرامن منز تہِ حِصہٕ نوان۔ فنِ موسیقی ہندی
بُنیادی اصوٗل یعنی سُر، لَے تہٕ تال چھُ پوٗرٕ پاٹھی زانان۔ فنِ موسیقی
ہِندس ماداس منز چھِ اَمی جان کام کرمژ۔ اَمی چھِ کینٛہہ ژاٹھ تہِ تیار
کٔری متی یمن منز گلزار احمد حجام (نچوٗ) بشیر احمد ریشی تہٕ محمد رمضان ہوی
گلوکار قابلِ ذِکر چھِ۔ اَمی سُند گیوومُت رجب حامد صابن یہِ بأتھ گو
سٮ۪ٹھاہ مقبوٗل۔

اَسہٕ ونیو بادام چشموٕ ستی کرتم اَکھ نظر





# محمد اکبر تیل بلی

ناو : محمد اکبر کوٗٹھو
المعروف اکبر تیل بلی

ولدیت : محمد اسماعیل کوٗٹھو

سکونت : تیل بل خوجہِ باغ سرینگر

تأریخ پیدائیش : 1956ء

تألیم : اَن پڑھ

ملازم : کلاس فورتھ آر اینڈ بی

<u>فن تہٕ زندگی</u>

اکبر تیل بلی چھُ اَکھ معروف گلوکار یُس چھکر تہٕ روٗف گیوٚنس منٛز سبٹھاہ ماہر چھُ۔ کشیٖرِ ہِندین رِتیٚن گیوٚن والین منٛز چھُ اکبر تہِ شأمِل۔ اکبر چھُ ازکل گیوٚنس کُن کمے پٲٹھ دلچسپی دِوان تہٕ کیازِ یہِ چھُ وُنی کبس درویشی ہنٛز زندگی گُذاران۔

یوٚتام زَن یہندِ گوڈٕ کالچہِ زندگی ہُند تعلق چھُ یمن چھُ بچپن پیٹھے گیوٚنک شوق اوسمُت۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس لوکچین لوکچین گھریلو محفلن منٛز گیوان تہٕ پتہٕ ہیوٚتُن عام محفلن تہٕ خاندرن کھُندرن منٛز تہِ گیوٚن تہٕ پتہٕ کوٚڈأی تمہِ وِزِ پوٚرٕ کاڈتہٕ سپدٕ پوٚرٕ پأٹھی مقبولِ عام ییٚلہِ أمی ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوٚن لوگ، ریڈیو علاوٕ اوس اکبر دوٗرٕ درشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہِندین پروگرامن

منز تہٕ حِصہٕ نوان ، یِمن چھُ سرکٲری تہٕ غٲر سرکٲری طور تہٕ ریاستہٕ نبر گرٛھنگ تہٕ موقہٕ میوٚلمُت یُتہٕ أمی پننہٕ فنک مُظاہر جان پأٹھی کوٚر۔ گوٚڈنکی بُنیٲدی اصوٗل سُر ، لَے تہٕ تال چھُ اکبر رِتی پأٹھی زانان۔ أمی چھُ عام پأٹھی صوٗفی شاعرن ہُند کلامہٕ گیوومُت تہٕ صوٗفی شاعری چھکھ سٮ۪ٹھاہ پسند۔

محمد اکبر تیل بلی ہِندی اُستاد چھ عبدالرشید ڈار کھریوتہٕ غلام احمد صوٗفی أسۍمتۍ۔ سازو أندرٕ چھُ اکبر تیل بلی ہرمونیم زانان وایُن۔ اکبرن چھُ 1983 ءمنز بی کلاس خاطرٕ ریڈیو آڈِشن دیُت مُت یتھ منز أمِس کامیٲبی میج تہٕ لوٗگن ریڈیو کشمیر پیٹھٕ گیوٚن تہٕ یٮ۪لہٕ أمی پوٗر کاڈ کوٚڈ تہٕ مقبوٗلیتھ کُرٕن حاصل تہٕ أمی دیُت پتہٕ 1998 ءمنز بی ہائی خاطرٕ آڈِشن تہٕ أمی کُر رِتی پأٹھی اَتھ آڈِشنس منز کامیٲبی حاصل۔ أمِس چھُ چھکر تہٕ روٗف گیوٚنک روأیتی انداز تہٕ وُنہٕ تہٕ چھُ یہِ بروٚنہہ کال کٔمن لُکہٕ طرزن رأچھ کُرِتھ۔ اکبر تیلٕ بلس چھُ تلفظ سٮ۪ٹھاہ رُت فنِ موسیقی ہِندِس مأدانس منز چھ أمی وُنیُک تام تھٕکنٕ لایق کأم کُرمُت۔ اکبر چھُ وُنی کٔمبس صفِ اولہٕ کٔمن گیوٚن والٮ۪ن منز گنزراونہٕ یِوان۔ أمی چھ کیٚنہہ ژاٹھ تہٕ تیار کُری متۍ یِمن منز بشیر احمد تیل بلی ، غلام نبی بٹ ، بشیر احمد بٹ تہٕ محمد مقبوٗل قأبلِ ذِکر چھِ۔

☆☆☆

# گُلہٕ بٹ

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | غلام محمد بٹ المعروف گلہٕ بٹ |
| ولدیت | : | محمد رمضان بٹ |
| سکونت | : | وَہہِ بُگ پلووم |
| تأریخ پیدأیش | : | اکہِ اندازٕ مطأبق 1947ء |
| تألیم | : | پانژھ جمأژ |



فن تہٕ زندگی

گلہٕ بٹ چھُ کٲشرِ ہُنٛد اَکھ باگہِ بۆرُت، بہلہِ پایہٕ تہٕ مأری مۆند فنکار۔ گوڈٕ گوڈٕ چھُ گلہٕ بٹ اکھ معروف ڈانسر اوسمُت تہٕ پتہٕ چھُ ووٚنی چھکر تہٕ روٚف گَوان۔ یمو چھُ لوکٕٹہِ پانٕے گَون ہیوٚتمُت تہِ کیازِ یہُنٛد گھرٕ اوس فنِ موسیقی ہُندِ لحاظٕ اکھ پیشہِ ورانہٕ۔ یہُنٛد اُستاد اوس یہُنٛد مول محمد رمضان بٹ یُس پننہِ وقتُک سرکردٕ گلوکار اوس، گوڈٕ گوڈٕ اوس گلہٕ بٹ لوکچن لوکچن محفلن تہٕ صوٗفی درویشن ہٕنزن مجلسن منٛز گَوان تہٕ پتہٕ لوٚگ خاندرن کھُندرن منٛز تہِ گَونہٕ۔ یہٕ سپُد مقبوٗل تمہِ وِزِ حٲثیتِ اکھ گلوکار یِلہِ أمی ریڈیو کشمیر پٮ۪ٹھ گَون شروع کوٚر۔ یہٕ گو 1972ء منٛز حٲثیتِ کیجول آرٹسٹ بی، ہائی گریڈ منتخب۔ اَمہِ پتہٕ لوٚگ أمی دوٗر درشن انفارمیشن، سانگ اینڈ ڈرامہ ڈویژن تہٕ سٹیج پروگرامن منٛز تہِ حصہٕ نِیُن۔ اَمہِ ہِتی سپُد گلہٕ بٹ لوٗکن منٛز سٮ۪ٹھاہے مقبوٗل۔ یہٕ چھُ ہارمونیم، سارنگ،

رباب تہٕ نوٚٹ رِتی پأٹھی وایُن زانان۔ گُلہٕ بٹ چھُ مردانہٕ آوازِ علاوٕ نِسوأنی آوازتہِ رِتی پأٹھی کران یِمہِ سِتی یِہُند گیوٚن دِلکش تہٕ اثر دار چھُ بنان۔ وُنی کینٛہہ چھِ یِم سبٹھاہ کم گیوان، البتہٕ از تام یوٚس کأم یِمو فنِ موسیقی خأطرٕ کٔر سو ییٚہ نہٕ ہرگز تہِ مٔشراونہٕ۔ فنِ موسیقی ہٕنٛدِ بنیأدی رموٗزن ہٕنٛز چھِ گُلہٕ بٹس پوٗرٕ زان کأری۔ یِم چھِ سُر، لَے تہٕ تال پوٗرٕ پأٹھی زانان۔ یِمو چھِ واریاہ شاگرد تیار کٔری مِتی یِم پننہِ پننہِ آیہِ کأشرِ موسیقی لول چھِ بران۔ گُلہٕ بٹ روٗد صوٗفی شأیرن سِتی سِتی باقے شأیرن ہُنٛد کلامہٕ تہِ گیوان۔





# محمد عبداللہ گنائی

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | محمد عبداللہ گنائی |
| ولدیت | : | غلام قادر گنائی |
| سکونت | : | سرائے ڈانگر پورہ سمبل<br>بارہ مولا |
| تألیم | : | اَن پڑھ |
| تأریخ پیدأیش | : | 1947ء |

## فن تہٕ زندگی

محمد عبداللہ چھ اکھ معروف گلوکار۔ أمِس چھ گیوٚنک پٔنُن منفرد انداز۔ چھکر تہٕ رؤف گیوٚنس منز چھِ ماہر۔ لوکچارٕ پیٹھے گیوٚن بوزنٕکی تہٕ گیوٚنٕکی شوقین أسۍ متۍ۔ فن موسیقی ہٕندۍ اصوٗل زانٔنس ستۍ ستۍ چھِ دٔین یمن مٔدر آواز دِژٕہٕژ۔ پٔتہٕ دوٗرک ووستاد غلام رسوٗل شاہ چھ یِہُند ووستاد اوسمت۔ تربیت پرٛاوِنہٕ پتہٕ لوٗگ خاندر محفلن تہٕ پیر محفلن منز گیوٚنہِ، تہٕ سپُد سیٹھاہ مقبوٗل ریڈیو کشمیرس منز گیوٚن شروع کرنہٕ پتہٕ گٔیہِ سیٹھاہ مشہور۔ 1971ء منز کوٚر کھ آڈِیشن پاس۔ دوٗر درشن تہٕ کلچرل اکادمی ہٕندٕ ہن پروگرامن منز چھِ حِصہٕ نوان۔ ہارمونیم تہٕ سارنگ چھِ جان پأٹھی وایان۔

پننہِ فنک مُظاہر چھُکھ جوٗمہِ تہٕ کوٚرمُت ۔ گھرٕ محفلن تہٕ درویشہٕ مجلسن منٛز چھِ یِم اکثر گوٚان ۔ یِہُنٛد مقبوٗلِ عام بأتھ چھِ۔

روٗنہِ مُژ رِتھ شروٗنی کوٚتےٚ گوم

محمد عبداللہ گنائی چھُ موسیقی ہٕندی بُنیأدی اصول سُر، لَے تہٕ تال پوٗرٕ پأٹھی زانان ۔ یہِ چھُ عام پأٹھی صوفی شأیرن ہُنٛد کلامہٕ گوٚان یُس لُکھ سبٹھاہ پسند چھِ کران ۔ أمی سٕنٛز آواز چھِ سبٹھاہ دمدار، دِلکش تہٕ مدٕر۔





# حبیب اللہ نشاطی

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | حبیب اللہ ڈار المعروف نشاطی |
| ولدیت | : | عبدالغنی ڈار |
| سکونت | : | لام نشاط سرینگر |
| زاہ دوہ | : | یکم ستمبر 1944ء |
| تألیم | : | میٹرک پاس |
| پیشہ | : | محکمہ آر اینڈ بی بحیثیتِ آڈرلی |

## فن تہٕ زندگی

حبیب اللہ نشاطی چھُ اکھ بہلہِ پایہِ گلوکار۔ کشیٖرِ ہنٛدیو بہلہِ پایہِ تہٕ باگہِ بُرتی چھکر گیوٚن والیو منٛز یمو چھکر تہٕ رۄف پننس اصلی ہیتس منٛز بروٚنہہ پکہٕ ناو۔ یم رۄدی ہمیشہِ رواَیتی لُکہٕ گیوٚنس گوڑٕ بران۔ چھکر تہ رۄف گیوٚنہٕ علاوٕ چھِ یم داستان تہِ زانان۔ نشاط صاٖئنٕ آواز چھِ مٔدرتہٕ دِلکش۔ صحرأیی چھکر گیوٚنس منٛز چھِ سبٹھاہ ماہر۔ عام طور چھِ یم صوٗفی شاعرن ہُند کلامہٕ گیوان۔ یم چھِ سُر، لَے تہٕ تال رِتی پأٹھی زانان۔ یمن چھُ بچپن پیٹھے گیوٚنک تہٕ گیوٚن بوزنُک شوق اوسمُت۔ موسیقی منٛز چھُ یہند اُستاد محمد سبحان بٹ اوسمُت یُس نشاطُک روزن وول اوس۔ محمد سبحان بٹ چھُ پننہِ دورُک بہلہِ پایہِ اُستاد اوسمُت۔ نشاطی چھُ گوڑٕ گوڑٕ خاندرن کھُندرن منٛز پننہِ فنُک اِظہار کوٚرمُت اماپوٚز 1988ء منٛز ییٚلہِ ریڈیو

کشمیر پٹھ اے گریڈ حأصل کٔرِتھ گوٚو نہِ لوٚگ۔ تہٕ سپُد عامس منٛز مقبوٗل۔ اَمہِ پتہٕ لوٚگ نشاطی دوٗر درشن کلچرل اکیڈیمی پروگرامن منٛز تہِ شرکت کرنہِ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ أمی محکمہ اطلاعات تہٕ ٹوٗرِازم ڈِپارٹمنٹن ہٕنٛدِ ذریعہِ تہ پروگرام دِتی ہٕتی۔ ٹوٗرازم طرفہٕ چھِ أمِس ریاستہٕ نیبر سوٗرت، بروڈا، احمد آباد، نایڈا، دہلی تہٕ جوٚم ہِوبن بڈٕبن شہرن منٛز پننہِ فنُک مظاہرٕ کرن پیوٚمُت۔

نشأطی صأب چھِ سازو أندرٕ ہارمونیم تہٕ نوٚٹ وایان۔ یمن چھِ سرکأری تہٕ غأر سرکأری ادارو طرفہٕ تہِ کینٛہہ ینامہٕ تہٕ سَندٕ تہِ ترٛمٕژ۔ فوک میوزکس ستی تعلق تھاون والین لوٗکن منٛز روزِ نشاط صأبنۍ کأم ہمیشہِ ہمیشہِ خأطرٕ زندٕ یہُند مقبوٗلِ عام بأتھ چھُ۔

آب دژاو پتہٕ لارے بال ڈوٚزس نارے

کلام رفیق راز





# غلام حسن میر

ناو : غلام حسن میر

ولدیت : عبدالصمد میر

زٕنہ جاے : ہاکورہ بدسگام انت ناگ

تألیم : نٲوِمہٕ پاس

پیشہٕ : محکمے تألیمس منز بحیثیتِ لیبارٹری بیریر

تأرِخ پیدأیش : 15 اکتوبر 1942ء

فن تہٕ زندگی

غلام حسن میر چھُ کٲشرِ ہٕندٕ بہلہِ پایہِ چھکر گیوٚن والین منز شُمار سپدان۔ یمن چھُ بچپن پٮ۪ٹھے گیوٚنک شوق اوسمُت۔ یہُند اُستاد اوس مرازُک بہلہِ پایہِ گلوکار محمد سبحان بٹ، یُس ہاکورِ بدسگامیُک روزن وول اوس۔ گوڑ گوڑ اوس میر صاب لوکچہن لوکچہن محفلن منز گیوان تہٕ پتہٕ ووت وارٕ وارٕ ریڈیو کشمیر بحیثیتِ کیجول آرٹسٹ پننہٕ فنُک مُظاہرٕ کرنہٕ۔ یمو چھُ 1967ء منز ریڈیو آڈیشن پاس کوٚرمُت۔ یم چھِ بی گریڈس منز پاس گامٕتۍ۔ یمو کوٚر تمہٕ وِزِ پٲرٕ کاڈ یٮ۪لہٕ أمۍ ریڈیو کشمیر پٮ۪ٹھ گیوٚن ہیوٚت۔ یمہٕ سٕندۍ یہ سبٹھاہ مقبوٗل سپد۔ ریڈیو کشمیر علاوٕ چھُ میر دوٗردرشن ہٕنٛدٮ۪ن پروگرامن منز تہٕ حصہٕ ہیوان۔

اکر چہ میر صأب محکمے تألیمس منز بحیثیتِ لیبارٹری بیریر کأم اُسی کران تمہِ باوجوٗد چھِ یمو فنِ موسیقی منز واریاہ شأگرد تیار کٔری متی تہٕ چھکھ ازتام اَتھ مأدانس منز تھٕکنٔی لایق کأم کٔرمٕژ۔

یِہنٛدی واریاہ بأتھ چھِ ریڈیو کشمیر پیٹھٕ سبٹھاہ مقبول یم لوٗکھ بار بار پسند چھِ کران۔



# غلام نبی شیخ

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | غلام نبی شیخ (المعروف نور باغی) |
| ولدیت | : | غلام رسول شیخ |
| سکونت | : | گوڈ مخدوم منڈو نائد کدل سرینگر<br>تہٕ حال نور باغ دانہٕ مزار سرینگر |
| تاریخ پیدائش | : | اکہِ اندازٕ مطابق 1943ء |
| تالیم | : | اَن پڑھ |

فن تہٕ زندگی

غلام نبی شیخ چھُ کشیرِ ہُندا کھ بہلہِ پایہِ گیوٚن ووٚل۔ یہِ چھِ فن موسیقی ہنٛز میٹھ تہٕ پُرکشش آوازٕ۔ یہِ چھُ چھکر تہٕ رۄف گیوان۔ أمِس چھُ یہ تھزر تہٕ بجر فنِ موسیقی ہٕندِس ماٗدانس منٛز زِ یہِ چھُ نۆی طرز تہِ گیوان تہِ پرأنی تہِ۔ ووٚنۍ گولکہٕ لَے کُنِ چھُ ژوٚرپہن زون دِوان۔ شیخ چھ اکھ باگہِ بوٚرُت سازندر تہِ تہٕ زِ زتہِ (ساز تیار کران ووٚل)۔ مختلف قسمکی ساز یعنی رباب، سارنگ، سِتار تہٕ سنطور بناونس منٛز تھدِ پایک اُستاد۔ یہِ چھُ پانہٕ سازو أندرِ سارنگ ہرمونیم تہٕ نوٚٹ وایان، أمی سُند اُستاد چھُ أمی سُند (ماسٹر بوے) غلام احمد شیخ اوسمُت۔ فنِ موسیقی ہندی بنیاٗدی اصول یعنی سُر، لَے تہٕ تال ہیچھنہٕ پتہٕ سپُد غلام نبی شیخ معروف گلوکار محمد سلطان بٹ ہنٛزِ پارٹی منٛز بحیثیتِ سارنگ ووٚل شاٗمل بیہٕ اوس أمِس ستی گیوان

تہِ۔ اماپوز کینٛہہ کال گژھتھ بناو غلام نبی شیٚخن پننٛز پارٹی تہٕ دِتُن ریڈیو
کشمیر پیٹھ 1980ء منز آڈِشن تہٕ کرن کامیابی حاصل تہٕ لوگُن ریڈیو
کشمیر پیٹھ الگ پاٹھی گیون لوٚکو کوٚر أمی سُند گیون سبٹھاہ پسند۔ اَمہِ علاوٕ
چھُ غلام نبی شیٚخ الگ پاٹھی سارنگ منز اپروڈ (Aproved) تہٕ بحیثیتِ
سارنگی نواز چھُ ریڈیو کشمیرس منز غزل گیون والین تہٕ گروٗپ سانگن تہٕ
فیچرن منز تہِ حِصہٕ نوان۔ غلام نبی شیٚخ چھُ ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗردرشن تہٕ کلچرل
اکاڈمی ہندین پروگرامن منز تہِ حِصہٕ نوان۔ یہٕ چھُ صوٗفی شاعرن ہُند
کلامہٕ تہِ گیوان تہٕ باقی شاعرن ہُند تہِ۔ أمی سُند تلفظ چھُ سبٹھاہ رُت۔
أمِس چھُ غیر سرکاری طور کشیر نبر جوٚم تہٕ دِلی گژھنُک تہِ موقہٕ میوٚلمُت
ییتہِ أمی پننہِ فنُک مظاہر جان پاٹھی کوٚر۔ یمو چھِ کینٛہہ ژاٹھ تہِ تیار کری متی
یمن منز یِہنٛد نٲو محمد الطاف شیٚخ، شبیر احمد آہنگر قابلِ ذِکر چھِ۔

یِہنٛد گیومُت اَکھ مقبوٗل عام بٲتھ چھُ۔

گوڈٕ پر بسم اللہ اِسمِ ربأنی
حورِ دژایہِ نورس ونہٕ وأنی

کلامِ احمد بٹ





# حبیب اللہ گنائی

ناو : حبیب اللہ گنائی

المعروف حبہٕ لأڑی یأری

ولدیت : مرحوم عبدالخالق گنائی

سکونت : لأڑی یار ترال پلووم

تأریخ پیدأیش : یکم اپریل 1951ء

تألیم : انڈر میٹرک

فن تہٕ زندگی

حبیب اللہ گنائی چھُ کٔشیرِ ہُند اکھ بہلہِ پایہِ گیوٚن وول۔ أمِ سُنٛز آواز چھ مۆدر تہٕ پُر اثر، یہِ چھُ چھکرٕ تہٕ رؤف روأیتی اندازس منٛز تہٕ گیوان تہٕ جدید اندازس منٛز تہٕ۔ أمِس چھُ بچپنہٕ پیٹھے گیونٛک تہٕ گیوٚن بوزنٛک شوق اوسمت۔ یہِ چھُ سکولس منٛز تہٕ پرنس دوران سکولچن تقریبن منٛز باقی بچن ہِتی حِصہٕ اوسمت نِوان۔ حبن اُستاد چھُ یہُند پیٚتر عبدالغنی گنائی اوسمت یُس سبٹھاہ زانن وول چھُ اوسمت، یہِ اُستاد چھُ معروف سارنگی نواز تہِ اوسمت۔ حبہٕ چھُ سازو أندرٕ ہرمونیم، سارنگ، رباب، نوٚٹ تہٕ تمبک نأر زانان وایُن۔ یہِ چھُ بے شک اَکھ مقبوٗلِ عام سازندر۔ یہِ کتھ چھِ صاف زِ حبہٕ چھُ مرازُک (جنوبی کشمیر) صفِ اولُک گلوکار تہٕ سازندر یوان مانٛنہٕ۔

حبیب اللہ گنائی سُند وَنُن چھُ زِ سائنس گھرس منز اَسی اکثر گیوٗن محفلہٕ لگان تہٕ کیازِ یہنٛد مول خالق لاڑی یارٕ چھُ سبٹھاہ یار باش اوسمُت، یِمن بہلہٕ پایہٕ گلوکارن یہنٛدِس گھرس ستی یُن گژھن اوس تِمن منز چھِ ،مرحوم عبدالاحد نیامہ، مرحوم غلام محی الدین بلہٕ پوٗری، عبدالغنی ترالی، مرحوم غلام احمد صوفی، عبدالغفار خان لوجری ۔ غرض حبیب اللہ لاڑی یارٕ سنٛدِس گھرس منز چھُ گوڈے گیوٗنک ماحول اوسمُت یُمہ کِنہٕ سُہ اثر چھُ جبس تہٕ پیوٗمُت۔

حبہٕ اوس گوڈٕ گوڈٕ خاندرن کھنٛدرن تہٕ گھریلو مجلسن منز گیوان یوٗ تام یہ مقبولِ عام سپُد۔ اَتھی دوران دیُت اَمی ریڈیو کشمیر چہ یواوانی سروسہٕ پٮ۪ٹھ گیوٗن آڈِیشن تہٕ اَمی کَر اَتہِ کامیابی حاصل۔ تہٕ لوٗگن اتہِ گیوٗن۔ اما پوٗز کینٛہہ کالا گوٗھتھ دیُت حبن ریڈیو کشمیر چہ جنرل سروسہٕ پٮ۪ٹھ آڈیشن تہٕ کرن کامیابی حاصل تہٕ لوٗگن جنرل سروسہٕ پٮ۪ٹھ گیوٗن تہٕ اَمہٕ وِزِ اوس اَمی پوٗر کاڈ کوٚڈمُت ۔ جنرل سروسہٕ پٮ۪ٹھ چھُ اَمی 1980ء پٮ۪ٹھٕ گیوٗن ہیوٚتمُت۔ حبہٕ چھُ نژن تہٕ زانان مگر پیش واز (جامہ) بغیر۔ یہ چھُ بچہٕ نغمس دوران بچس ستی تھوٚد وٕتھتھ نژان۔ مختلف قسمکی نژٕ نکی رنگ روٗپ ہاوان یعنی ایکشن سانگ کِس صورتس منز چھُ حبہٕ نژان، اَمی سُند تلفظ چھُ سبٹھاہ جان تہٕ یہ چھُ عام طور صوٗفی شاعرن ہُنٛد کلامہٕ گیوان۔ فنِ موسیقی ہنٛدی بنیادی اصول سُر، لَے تہٕ تال چھُ پوٗرٕ پاٹھی زانان۔

حبہٕ چھُ سُہ گلوکار یمس سرکاری تہٕ غار سرکاری طور کشیرِ نمبر گوٚڈنیک

موقہٕ چھُ میوٗلُمت یِیتہٕ اَمی پنٕنہٕ فنٕک مُظاہرٕ رٔتِس اندازس منٛز کوٚرمُت چھُ تہٕ اَمی ہِنٛدِ بن پروگرامن چھ تَتہٕ لوٗکو سٮ۪ٹھاہ تعریف کٔرِمٕژ۔ یِمن شہرن تہٕ ریاستن ہُنٛد اَمی دورٕ کوٚرمُت چھُ تِمن منٛز چھِ دہلی، ہریانہ، کلکتہ، شملہ ،جے پور تہٕ جوٚم ہوی شہر قابلِ ذِکر۔ ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗر درشن کلچرل اکاڈمی تہٕ انفارمیشن پروگرامن منٛز تہٕ حصہٕ نوان۔ اَمی چھُ کٔشیرِ اندر اکثر گامن تہٕ قصبن منٛز تہٕ پنٕنہٕ فنٕک مظاہرٕ کوٚرمُت۔ لُکھ چھِ اَمی سُنٛد گیوٗن بے شک سٮ۪ٹھاہ پسند کران۔ جبس چھ یہِ خصوصیتھ تہٕ زِ یہِ چھُ عام پٲٹھی بٹہٕ خاندرن گیوٚنہٕ گژھان تہٕ کیازِ یِم چھِ اَمی سُنٛد گیوٚن زیادٕ پسند کران۔ پیر فقیری حسابس منٛز چھِ اَمِس علی صأبہٕ پیر نارٕ تہٕ غنی صأبہٕ مونگہٕ ہأمی ترالس ہِتی وۄتھُن بہُن روٗدمُت۔ فنِ موسیقی ہِنٛدِس مأدانس منٛز چھ اَمی ونیٚک تام تھیٚکنی لایق کأم کٔرمٕژ۔ اَمی سُنٛد اکھ گیومُت مقبوٗلِ عام بأتھ چھُ

ستن سٕدرن مِلہٕ وَن گیی
پیر چھُم خواجہ معین الدین چشتیؔ



# غلام نبی شاہ



ناو : غلام نبی شاہ

ولدیت : محمد عبداللہ شاہ

سکونت : سیر ہمدان انت ناگ

تأریخ پیدائیش : 1957ء

تألیم : مڈل پاس

فن تہٕ زندگی

غلام نبی شاہ چھُ کٲشرِ ہُند معروف گلوکار۔ یِم چھِ چھکرِ منز بہلہِ پایہِ گیوٗن والین منز گنزرنہٕ یِوان۔ یِمن چھُ لوکچار پیٹھے گیوٗن بوزنُک تہٕ گیوٗنُک شوق اوسمُت۔ یِہُند استاد چھُ کٲشرِ ہُند معروف گلوکار تہٕ سازندر عبدالعزیز شاہ اوسمُت۔ غلام نبی شاہ چھُ سازو منز رباب، سارنگ، نوٗٹ تہٕ تمبک نٲروایُن زانان۔ یِم اٚسی گوڈٕ گوڈٕ لوکچین محفلن منز گیوان تہٕ پتہٕ ہیوٚت یِمو خاندرن کھُندرن منز تہِ پننہِ فنُک مُظاہرٕ کرن۔ مگر لۄکن منز سپدی تمہِ وِزِ مقبوٗل ییلہِ یِمو ریڈیو پیٹھ گیوٗن ہیوٚت۔ اٚمی چھُ 1970ء منز ریڈیو کشمیر پیٹھ آڈیشن پاس کوٚرمُت۔ یِم چھِ ریڈیو علاوٕ کلچرل اکاڈمی تہٕ دوٗردرشن کین پروگرامن منز تہِ حصہٕ نِوان۔ یِمو چھِ کشمیر بھگت تھیٹر اکنگأمس سٟتی تہٕ واریاہس کالس کأم کٔرمٕژ۔ یِمن چھُ گوا، بمبئی، کلکتہ، راجستھان، کشتواڑ، گُریز، پنجاب، ہریانہ، ہماچل

پرٛدیش، جۆم ،لداخ ہوِبن ریاستن تہٕ علاقن منٛز پننہِ فنٕک مُظاہرٕ کرنٕک موقعہٕ میوٚلُمت ۔یمن چھُ مہاراشٹرس منٛز أکِس پروگرامس مبڈل تہِ توٚرمُت ۔ امہِ علاوٕ چھُ غلام نبی شاہس واریاہ ینامہٕ تہٕ سَنٛدٕ تہِ عطا کرنہٕ آمٕتۍ ۔ گوٚنکۍ بُنیأدی اصول لَے ،سُر تہٕ تال چھِ یِم پوٗرٕ پأٹھۍ زانان۔ یِم چھِ سبٹھاہ خوش لہن۔ فنِ موسیقی ہٕنٛدِس مأدانس منٛز یِمو فنکارو جان کأم چھِ کٔرمٕژ تِمن منٛز چھُ غلام نبی شاہ تہِ شأمِل۔

یہُنٛد گیومُت مقبوٗلِ عام بأتھ چھُ

عشق چھُم ابتدا عشق میون انتہا
عشق میون امام أخری أخری





# عبدالغنی شیخ

ناو : عبدالغنی شیخ

ولدیت : محمد رمضان شیخ

سکونت : وچی شوپین

تأریخ پیدآیش : 26 نومبر 1948ء

تألیم : انڈر میٹرک

پیشہِ : ملازم ارگیشن

سبکدوشی ملازمتہٕ نِش : نومبر 2004ء

## فن تہٕ زندگی

غنی شیخ چھُ چھکرِ ہُند اکھ بہلہِ پایہِ گلوکار۔ یمن چھُ لوکچارٕ پٮ۪ٹھے گیوٚنک شوق اوسمُت، کیوٚنکہِ لحاظہِ چھُ یہُند گھرٕ اکھ پیشہِ ورانہٕ گھرٕ اوسمُت۔ یہُند اُستاد چھُ یہُند مول محمد رمضان شیخ اوسمُت، یُس پننہِ وقتُک اکھ پایہِ بوڑ گلوکار اوس۔ غنی شیخ اوس گوڈٕ گوڈٕ گھریلو محفلن، خاندرن کھُندرن منز گیوان تہٕ یتھٕ پأٹھی سپُد یہِ سبٹھاہ مقبوٗل، مگر 1980ءمنز سپُد یہِ تمہِ ساعتہٕ زیادے مقبوٗل ییلہِ أمی ریڈیو پٮ۪ٹھ گیوٚن لوگ۔ غنی شیخ چھُ عام پأٹھی چھکر روٗف تہٕ داستان تہٕ گیوٚن زانان۔ یِہ تام زَن یہُند سازن ہُند تعلق چھُ غنی شیخ چھُ ہارمونیم، رباب، سارنگ تہٕ نوٗٹ تہٕ وایان۔ أمِس چھُ یمن تمام سازن پٮ۪ٹھ قدرتھ حأصل۔ شیخ صأب چھُ

گوٚنکہِ تمام بُنیٲدی اصوٗل رٕتی پٲٹھۍ زانان مثلاً سُر ، لَے تہٕ تال ۔ یِمن چھُ رُت یاداشت ، عام پٲٹھۍ چھِ صوٗفی شاعرن ہُند کلامہٕ گوٚوان تہٕ چھُکھ کشیرِ ہِندۍ بن اکثر علاقن منز پننہِ فنک مظاہر کوٚرمُت ۔ یِمن چھُ بہلہِ پایہٕ گوٚون والین ستۍ تہِ ووتھُن بہُن اوسمُت ۔ غنی شیخ چھُ ریڈیو علاوٕ دوٗردرشن ، کلچرل اکاڈمی ، انفارمیشن تہٕ باقٕے سٹیج پروگرامن منز تہِ شرکت کران ۔ یہٕ چھُ روٲیتی اندازس منز وُنہِ تہِ گوٚوان ۔ تہٕ چھُن فنِ موسیقی منز تھٔکنٛی لایق کٲم کٔرمٕژ ۔ یُہند گیومُت مقبولِ عام بٲتھ چھُ ۔

ہتہِ سامانہٕ سون آکھ بٲلۍ یے
یێتہِ ناگے روزن کٲلۍ یے





# محمد اسماعیل بٹ

ناو : محمد اسماعیل بٹ

ولدیت : محمد امیر بٹ

سکونت : ہانز گۆنڈ واتھورہ

تأریخ پیدائش : اکہِ اندازٕ مطأبق 1952ء

تألیم : ژور جمأژ

فن تہٕ زندگی

محمد اسماعیل بٹ چھُ بُنیأدی طور اکہِ پیشہٕ ورانہٕ گھرٕ منز پأدٕ گۆمُت۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس یہ چھکر گیوان تہٕ ستی ہیوٚت أمی نژُن تہِ۔ کینژس کالس رؤدیہِ بھانڈٕ پأتھرس ستی تہِ وابستہٕ۔ اماپوٚز أخرس پیٹھ ترٚوو أمی نژُن تہٕ چھکر گیوٗنی، تہٕ لوٚگ صوفیانہٕ موسیقی کُن تہٕ اَتہِ بنوٚو کھ مرحوم کمال بٹ، مرحوم عبداللہ تبت بقال، مرحوم غلام محمد قالین باف تہٕ مرحوم عبدالخالق سیتأری تہٕ شیخ عبدالعزیز پنُن اُستاد۔ ووٚنی گۆو یہِ کتھ چھ عیان زِ یہُند گوڈنیُک اُستاد چھُ مرحوم کمال بٹ۔ مذکورٕ سأری اُستاد چھ کٔشیرِ ہندی بہلہِ پایہِ اُستاد مانہٕ یوان۔ محمد اسماعیل بٹس اوس لوکچارٕ پانہٕ پیٹھے گیوٚنک شوق، گوڈٕ گوڈٕ اوس کھاندرن کھُنٛدرن تہٕ باقی عام مجلسن منز نژان تہٕ

چھکر گبوان ، یم چھ دۄر درشن ، ریڈیو کشمیر تہٕ کلچرل اکاڈمی پروگرامن منز تہِ شرکت کران ۔ ساز و اندر چھُ سنطور ، سیتار ، طبلہٕ ،نوٹ ، سازِ کشمیر تہٕ ہارمونیم وایُن رتی پأٹھی زانان ۔ یمو چھُ کٔشیرِ نبر ونیُگ تام بمبئی ، دہلی ، اُتر پردیش تہٕ امرتسرس منز پننہِ فنٕک مُظاہرٕ کوٚرمُت ۔ سُر ، لَے تہٕ تال چھِ رتی پأٹھی زانان ۔ یمن چھ کینٛہہ سَندٕ تہٕ ینامہٕ تہِ ترٛٲمتۍ ۔ یمن چھِ واریاہ شاگرد ، یم پننہِ فنٕک مُظاہرٕ رتی پأٹھی چھِ کران ۔ یہُند تلفظ چھُ سبٕھاہ جان تہٕ آواز چھکھ مۄدٕر میٹھ ، دِلکش تہٕ اثردار ۔



# غلام احمد شیخ

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | غلام احمد شیخ |
| ولدیت | : | غلام رسول شیخ |
| سکونت | : | ہوکھر بدس گام۔ تحصیل اننت ناگ<br>موجوٗد سکونت ہارون نیوتھید سرینگر |
| تأریخ پیدأیش | : | جون 1968ء |
| تألیم | : | مڈل |
| ملازمت | : | میونسپلٹی سرینگر |

فن تہٕ زندگی

غلام احمد شیخ چھُ چھکرِ ہُند گلوکار۔ تہٕ یمن چھُ چھکر گیوٚنک اکھ خاص اندازٕ۔ یمن چھ سٹھاہ مٔدر آواز۔ یمو چھُ پننہِ فنُک آغاز لوکٕٹہِ پانہٕ پیٹھے کوٚرمُت۔ یم چھِ کٲشرِ ہٕندی اکھ جان گلوکار۔ یہُند اُستاد چھُ کٲشرِ ہُند بہلہِ پایہِ فنکار غلام حسن میر، یُس بدس گامیُک روزن وول چھُ۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس غلام احمد شیخ خاندرن تہٕ گھریلو محفلن منز گیوان۔ اما پوٚز اَمی سٕنز شہرت سپٕز شہرو گام تہٕ ووت وارٕ وارٕ ریڈیو کشمیر تہٕ لوگُن آڈیشن پاس کرنہٕ پتے صحی گیوٚن تہٕ سپدی مقبوٗلِ عام فنکارن منز شأمِل۔ یمن چھُ

ریڈیو کشمیر پٮ۪ٹھ بی ہائی گریڈ میوٗلمُت۔ یِم چھِ ریڈیو کشمیر پٮ۪ٹھ بحیثیتِ کیجول گلوکار پارٹی ہیٚتھ گیوان۔ یِم چھِ سارنگ، رباب تہٕ ہارمونیم وایُن زانان۔ دوٗردرشن، تہٕ کلچرل اکاڈمی ہندِ ہن پروگرامن منٛز تہِ چھِ کُنہِ کُنہِ شرکت کران۔ یمو چھُ پننہِ فنُک مُظاہرٕ جموں و کشمیرعلاوٕ دِلہِ شُملہ تہِ کوٚرمُت۔ موسیقی ہندی بُنیأدی جُز سُر، لَے تہٕ تال چھِ رٕتی پأٹھی زانان۔





# حبیب اللہ ڈار

ناو : حبیب اللہ ڈار

ولدیت : مختہٕ ڈار

سکونت : وُسن کُنگن سرینگر

تأریخِ پیدائش : 1962ء

تألیم : اَن پڑھ

## فن تہٕ زندگی

حبیب اللہ ڈار چھُ کٲشرِ ہٕنٛدٕ بہلہِ پایہِ چھکربن منٛز گنٛز راونہٕ یوان۔ یہنٛز آواز چھِ اثر دار تہٕ مٕدٕر۔ لُکھ چھِ یہنٛد گیوٚن سبٹھاہ پسند کران۔ اَکھ گلوکار بننہٕ خٲطرٕ چھِ حبیب اللہ صابن سبٹھاہ محنت کٔرمٕژ۔ سُر، لَے تہٕ تالہِ ہٕنٛدی چھِ پوٚرٕ ماہر۔ یہُنٛد گوڈنیُک اُستاد چھُ غلام نبی ٹُل مولی اوسمُت۔ دوٚیم اُستاد چھُکھ حبیب اللہ بمبو اوسمُت۔ اَمہِ علاوٕ چھُکھ بیاکھ اُستاد علی محمد شیخ تہِ اوسمُت یُس خانیارُک روزن وول چھُ اوسمُت۔ یمن اُستادن ہنٛزٕ مے ذِکر کٔریم ترٛیشوَے چھِ کٲشرِ ہٕنٛدی معروف فنکار یِوان مانٛنہٕ۔ گیوٚنہٕ وِزِ چھُ حبیب اللہ ڈارِ لفظن ہُنٛد خاص خیال تھاوان۔ حبیب اللہ صاٮ۪ب چھِ نوٚٹ، ہارمونیم تہٕ رباب زانان وٲنۍ گوٚیہُنٛد من پسند ساز چھُ رباب۔ رباب وایہِ نَس منٛز چھُکھ سبٹھاہ مہارت۔

حبیب اللہ ڈارن چھُ 1988ء منز ریڈیو کشمیر پیٹھ آڈِیشن پاس کوٚرمُت۔ آڈیشنہِ پتہٕ ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوٚنہٕ ستی سپُد ڈار صاب سبٹھاہ مشہور تہٕ پوٚرِ پاٚٹھی کوٚڈُن کاڈ۔ ریڈیو کشمیر علاوٕ چھُ ڈار دوٗردرشن تہٕ کلچرل اکیڈیمی ہندِ بن پروگرامن منز تہِ حِصہٕ نوان۔ یِم چھِ دُبے تہِ گاٚمتی یِیتہِ یِمو پننہِ فنک مُظاہرٕ جان پاٚٹھی کوٚرمُت چھُ۔ حبیب اللہ ڈارس چھُ وُنہِ وارِیاہ موقہٕ بروٗنہہ پکنُک تہٕ ناو کماونُک حبیب اللہ ڈارس چھِ وارِیاہ شاگرد، یِمن منز غلام محمد راتھر، محمد افضل شیخ، محمد مقبول شیخ قابلِ ذِکر چھِ۔ غرض ڈار چھُ بے شک اکھ باگہِ بوٚرُت فنکار۔





# غلام حسن شاہ

ناو : غلام حسن شاہ

ولدیت : غلام قادر شاہ

سکونت : علمدار کالونی ژوڈر بڈگام

تأریخ پیدأیش : 1950ء

## فن تہٕ زندگی

غلام حسن شاہ چھُ کٲشرِ ہُنٛد اکھ بہلہِ پایہِ پھکری۔ کٲشرِ ہٕنٛدٮ۪ن معروف گلوکارن منٛز چھُ أمۍ سُنٛد ناو عزتہٕ سان ہیٚنہٕ یوان۔ یِمن چھُ بچپن پیٹھے گیوٚنُک شوق اوسمُت۔ بڈگامی ضلعس منٛز چھُ غلام حسن شاہ اکھ پایہِ بوٚڈ گلوکار مانہٕ یوان۔ چھکرٕ روٗف تہٕ داستان تہٕ چھُ زانان۔ یہُنٛد اُستاد چھُ کٲشرِ ہُنٛد معروف گیوٚن وول عبدالاحد نیامہٕ اوسمُت۔ امہِ علاوٕ چھُن کینٛہہ تربیت عبدالغنی ترألس نِش تہٕ حأصل کرمٕژ۔ مذکورٕ اُستادن سٟتۍ چھِ حسن شاہ صأبن بحیثیتِ دہرِ بأج تہٕ کأم کرمٕژ۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس یہِ کھاندرن کھُندرن منٛز گیوان تہٕ پتہٕ ہیوٚت أمۍ عام مجلسن منٛز گیوٚن۔ شاہ روٗد واریاہس کالس ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوان۔ اَمِیُک نتیجہ دزاوٕ زِ حسن شاہ سپُد لوٗکن منٛز سٮ۪ٹھاہ مقبول۔ حسن شاہ روٗد سانگ اینڈ ڈرامہ ڈویژن، دوردرشن، کلچرل اکیڈیمی ہٕنٛدٮ۪ن پروگرامن منٛز تہٕ شرکت کران، تہٕ ازکل تہٕ چھُ کران۔ حسن شاہن کٔر انفارمیشن سنٹر پلوامس منٛز تہٕ کینٛژس کالس

کأم۔ کیوٚنکہ بنیأدی اصول مثلاً لے ، سُر تہٕ تال چھُ زبر پأٹھی زانان۔ سازو أندر چھُ شاہ ہارمونیم تہٕ نوٚٹ وایان۔ یِمن چھُ کشیٖرِ نمبر جوٚم ، بمبئی تہٕ دِلہِ تہٕ گرٛھنک موقہٕ میوٗلمُت یِیتہٕ أمی پننہِ فنُک مظأہرٕ جان پأٹھی کوٚر۔ یِمن چھِہٕ ترٛے لڑکہٕ یِمن منٛز اکھ گلوکار چھُ دوٚیم صحافی تہٕ ترٛیم چھُ کشمیر یونیورسٹی منٛز زیرِ تألیم۔

غرض فنِ موسیقی ہِندِس مأدانس منٛز چھُ ونیُک تام غلام حسن شاہ صأبنہِ تھٔکنہِ لایق کأم گرٛمٕژ





# عبدالغنی بٹ

ناو : عبدالغنی بٹ المعروف غنی بچہ

ولدیت : محمد رمضان بٹ

سکونت : املر نو پورہ ترال

تأریخ پیدأیش : 5 مارچ 1942ء

تألیم : اَن پڑھ

تأریخِ وفات : 24 جنوری 2005ء

فن تہٕ زندگی

عبدالغنی بٹ اوس چھکرِ ہُند اکھ معروف گلوکار۔ کٲشیرِ ہندٕ بن تمن گلوکارن منز چھُ یہُند شُمار یمو فنِ موسیقی منز سبٹھاہ کینٛہہ حأصل کوٗرمُت چھُ۔ یِم أسی تمو گلوکارو اندر یمو چھکرِ أخری وقتس تام پننِس اصلی رنگ رٗپس منز پیش کٔر۔ یمن چھُ بچپن پیٹھے گیوٚنس سِتی لوے کھوے اوسمُت۔ گوڑٕ گوڑٕ ہیوٚت أمی وِدرسن، خاندرن کھُندرن تہٕ صوٗفی محفلن منز گیوٚن۔ یِم سپدی تمہِ وِزِ سبٹھاہ مقبول ییلہِ یمو ریڈیو کشمیر پیٹھ 1965ء پیٹھ گیوٚن ہیوٚت، یِم أسی سبٹھاہ مقبولِ عام گلوکار۔ الہٕ پلہٕ رٗدی یِم 35 ؤری ین ریڈیو کشمیر پیٹھ بحیثیتِ کیجول گلوکار چھکر تہٕ رٗوف گیوان۔

یھندی ساتھی أسی محمد اسماعیل کھانڈے ، محمد صادق کھانڈے، عبدالرحیم کھانڈے ، تہٕ محمد اکبر کھانڈے۔ عبدالغنی اوس پانہٕ ہارمونیم تہٕ نوٹ وایُن زانان۔ وادی ہندٮ۪ن مختلف علاقن منز چھُ یمو پننہِ فنک مُظاہرٕ کوٚرمُت۔

بٹ صأب اوس اکھ نیک سیرت گلوکار تہٕ یہُند مرشد چھُ اسد اللہ کانٹرو اوسمُت یُس خاص ترالُک روزن وول اوس تہٕ یُس تھدِ پایک بزرگ چھُ اوسمُت۔ أمی سُند یہِ ریڈیو پیٹھ گیونہٕ آمُت بأتھ چھُ سبٹھاہ مقبول۔

اَسہٕ وِنوٚ بادام چشمو ساقی کرتم اکھ نظر
کھسہٕ وِنوٚ سبزٕ پوش ٹوٗربو ساقی شیٚہلاوتم جگر





# غلام نبی بٹ

ناو : غلام نبی بٹ

ولدیت : عبدالخالق بٹ

سکونت : فرصل اننت ناگ

تأریخ پیدأیش : 1960ء

تألیم : پانژھ جماژ

فن تہٕ زندگی

غلام نبی بٹ چھُ جدید چھکرِ منز اکھ ووتھ وُن فنکار۔ نوجوان پُیہِ ہندین گلوکارن منز چھُ یہِ اکھ باگہِ بۆرُت گلوکار۔ أمی سُند اُستاد چھُ عبدالرزاق ڈار اوسمُت ، یُس ریڈیٔوئی اسلام آبادُک روزن وول چھُ۔ غلام نبی بٹ اوس بچپن پیٹھے گیوان تہٕ گیوُن بوزنک تہٕ گیوٚنک شوق اوسُس سبٹھاہ ۔ یہِ چھُ چھکر تہٕ رؤف گیوان۔ صوفیانہٕ لَیہِ منز تہِ چھُ چھکر گیوان تہٕ جدید رنگس منز تہِ ۔ گوڑٕ گوڑٕ اوس خاندرن گُھندرن منز گیوان تہٕ پتہٕ کوٚڈ أمی پۆرٕ کاڈ تمہِ وِزِ ییلہِ أمی 1983ء منز ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوُن ہیوٚت ۔ گیوٚنکی بُنیأدی اصوٗل سُر ، لَے تہٕ تال چھُ اصل پأٹھی زانان۔ یہِ چھُ نوین شاعرن ہُند کلامہٕ زیادٕ پٔہن گیوان۔ یہِ چھُ اکھ

مقبول عام گلوکارٕ وٕنی کبس ۔ سازِ واندر چھُ غلام بنی ہارمونیم ، سارنگ ، رباب، بینجو تہٕ نوٚٹ وایان۔ اماپوٚز عام پأٹھی چھُ پیش اندأزی کرنہٕ وِزِ پانہٕ ہارمونیم وایان۔ ریڈیو کشمیر علاوٕ چھُ یہِ دوٗر درشن تہٕ کلچرل اکیڈمی پروگرامن منٛز حصہٕ نوان ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ کُنہِ کُنہِ انفارمیشن پروگرامن منٛز تہِ شرکت کران۔ أمِ سُند تلفظ چھُ سٮ۪ٹھاہ جان۔ غلام نبی بٹ صأبٕنۍ آواز چھِ اثر دار تہٕ دِلکش یمن کٔشیرِ نبر ، دِلہِ ، پنجاب تہٕ جٔمِہ ہوٚن بڈٕ ن شہرن منٛز پننہِ فنٕک مُظأہر کرنٕک موقہٕ میوٚلمُت چھُ ۔ ونیُک تام چھِ غلام نبی بٹن فنِ موسیقی ہندِس مأدانس منٛز تھٔکنٕۍ لایق کأم کرٕمٕژ ۔





# غلام حسن آہنگر

3

ناو : غلام حسن آہنگر

ولدیت : مرحوم غلام احمد آہنگر

سکونت : جبلی پورہ، ویٚجہِ بیور اننت ناگ

تأریخ پیدأیِش : 17 دسمبر 1963ء

تألیم : میٹرک پاس

پیشہِ : گیوٗن

فن تہٕ زندگی

غلام حسن آہنگر چھُ اکھ ووتھِ وُن گلوکار۔ یہِ چھُ چھکر تہٕ رؤف گیوان۔ کٲشیرِ ہندِ بن نوجوان گلوکارن منٛز چھُ غلام حسن سبٹھاہ رُت گیوان۔ یہِ چھُ جدید چھکرِ گُن تہِ خاص توجہ دِوان۔ یمو چھُ بچپن پٹھے گیونس ستی روٗن ظوٗن کوٚرمُت۔ غلام حسن آہنگر سٔندی اُستاد چھِ عبدالسلام تہٕ غلام نبی بٹ فرصل یِم فنِ موسیقی منٛز اکھ رُت مرتبہٕ چھُ تھاوان۔ غلام حسن روٗد گوڈٕ گوڈٕ گھریلو مجلسن تہٕ خاندر کھندرن منٛز گیوان۔ اما پوٗز اَمی کوٚڈ تمہِ وِزِ ہُرٕ پاٹھی کاڈیلہِ 1997ء منٛز اَمی ریڈیو کشمیر پٹھ گیوٗن ہیوٚت۔ سازو اندر چھُ آہنگر صأب ہارمونیم تہٕ سارنگ وایان۔ یہِ چھُ

ریڈیو کشمیر علاوٕ کلچرل اکاڈمی تہٕ دوٗر درشن پروگرامن منز تہِ حِصہٕ نوان۔ اَمہِ علاوٕ چھُ انفارمیشن تہٕ دوٗیمین سٹیج پروگرامن منز تہِ حِصہٕ نوان۔ یمن چھُ کٔشیرِ نبر، دِلہِ تہٕ جیٚمہِ تہِ پٔننہِ فنٕک مُظاہرٕ کرنٕک موقہٕ میوٗلمُت۔ غرض غلام حسن آہنگرن چھےٚ ونیٚک تام فنِ موسیقی ہندِس مٲدانس منز سبٹھاہ تھٔدِکنی لایق کاٗم کٔرمٕژ۔





# عبدالرشید وانی

۱۵۹

ناو : عبدالرشید وانی

ولدیت : غلام محی الدین وانی

سکونت : ہیل جاگیر بارہ مولا

تأریخ پیدأیش : 1952ء

تألیم : أنڈر میٹرک

## فن تہٕ زندگی

عبدالرشید وانی چھُ اَکھ بہترین گلوکار۔ رشید چھُ چھکر تہٕ رؤف گیوان۔ أمِس چھُ لوکچار پانہٕ پیٹھے گیوٚنُک تہٕ گیوٚن بوزنُک شوق اوسمُت۔ رشیدن اُستاد چھُ غلام نبی ڈار اوسمُت یُس ہیل جاگیرٕ ورمُلیک روزن وول اوس۔ یہ چھُ معروف گلوکار اوسمُت۔ رشیدُن دوٚیم اُستاد چھُ غلام قادر بٹ اوسمُت یُس کریری پٹن اوس روزان تہٕ ریڈیو کشمیرک معروف رباب نواز اوس۔ گوڈٕ گوڈٕ لوگ رشیدن خاندرن کھنُدرن تہٕ لوکچَن لوکچَن محفلن تہٕ مجلسن منٛز گیوٚن۔ اماپوٚز تمہٕ وِزِ گو رشید وانی سیٹھاہ مقبول ییلہِ أمؠ ریڈیو کشمیر پیٹھ 1988ء منٛز ریڈیو آڈیشن پاس کٔرِتھ گیوٚن لوگ۔ سازو أندر چھُ عبدالرشید وانی ہرمونیم تہٕ نوٚٹ وایان۔ رشید وانی چھُ

ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗردرشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہِندٕ بن پروگرامن منزٕ تہِ حصہٕ نِوان۔ رشید وانی چھُ گیوٚنکی بُنیٲدی اصول سُر، لَے تہٕ تال رِتی پٲٹھی زانان۔

عبدالرشید ووٚنی چھُ صوٗفی شاعرن ہُند کلامہِ تہِ گیوان تہٕ باقی شاعرن ہُند کلامہٕ تہِ۔ نوِ پُیہٕ ہِندٕ بن گیوٚن والین منز چھُ رشید سبٹھاہ بروٚنہہ پکان۔ یمن چھُ سرکٲری تہٕ غاٗر سرکٲری تنظیمو طرفہٕ جوٚم، دہلی تہٕ اجمیر شریف گرشٕنگ موقہٕ میوٗلُمت یتہِ اَمی پننہٕ فنُک مُظاہرٕ جان پٲٹھی کوٚر۔ غرض رشید چھُ فنِ موسیقی ہِندِ مٲدانُک اَکھ باگہٕ بوٚرُت فنکار تہٕ وُنہٕ چھُ اَمِس واریاہ کرُن باقی۔





# غلام احمد بٹ

ناو : غلام احمد بٹ

ولدیت : عبدالصمد بٹ

سکونت : محلّہ ملہٕ پور گوگو بڈگوم

تارٕیخ پیدائش : 1954ء

تألیم : پانژھ جماژ

<u>فن تہٕ زندگی</u>

غلام احمد بٹ چھُ سیٹھاہ بروٚنہہ پکن وول گیوٚن وول۔ وُنی کینہہ یوسہٕ پےٚ فنِ موسیقی منز بروٚنہہ پکان چھِ جان پاٹھی تِمو منزٕ چھُ غلام احمد بٹ تہٕ۔ یہٕ چھُ چھکر تہٕ روٗف گیوان تہٕ أمی ہنز آواز چھ سیٹھاہ جان۔ أمِس چھُ بچپنہٕ پیٹھے گیوٚن بوزنک تہٕ گیوٚنک شوق اوسمُت۔ أمی سُند اُستاد چھُ عبدالسلام گنائی اوسمُت۔ یُس اَکھ معروف گلوکار اوس۔ گوڈٕ گوڈٕ لوگ غلام احمد بٹن لوکچین محفلن منز گیوٚن تہٕ پننہٕ پان کوٚڈن ژھٹہٕ بٹہٕ۔ ییلہٕ أمی فنِ موسیقی منز پوٗرٕ کاڈ کوٚڈ تہٕ أمی لوگ پتہٕ ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوٚن۔ أمی چھُ 2006ء منز ریڈیو آڈِیشن پاس کوٚرمُت۔ ریڈیو پیٹھ گیوٚنہٕ ستی سپُد یہٕ گلوکار مقبولِ عام۔ تہٕ بہلہٕ پایہٕ گیوٚن والین ہٕنٛدِس صفس منز سپُد شأمِل۔

غلام احمد چھُ سازو أندرٕ ہرمونیم تہٕ رباب وایان۔ یہٕ چھُ سُر، لے

تہٕ تال اصل پأٹھۍ زانان۔ ریڈیو کشمیر علاوٕ چھُ یہِ دور درشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہنٛدٮ۪ن پروگرامن منٛز تہِ حِصہٕ نوان۔ احمد چھُ نوٮ۪ن شأیرن ہنٛد کلامہٕ تہٕ گوٚوان تہٕ پرانین ہنٛد تہِ۔ أمۍ سنٛد تلفظ تہِ چھُ جان، أمِس چھُ کٔشیرِ نبر جوٚم تہٕ دلہِ گرٛھنک موقہٕ میوٚلمُت ییٚتہِ أمۍ پننہِ فنک مُظأہر جان پأٹھۍ کوٚر۔ وٕنۍک تام چھُ غلام احمد بٹن فنِ موسیقی ہنٛدِس مأدانس منٛز ژھیکنٕ لایق کأم کٔرمٕژ۔

یہُند گیومُت اکھ مقبولِ عام بأتھ چھُ ۔

یُس چھُکھ سُہ دلبر گو دِپتھ

افگار تمہِ نِشہِ بے خبر



کلامِ محی الدین نواز
رتنی پورہ پلووم

☆☆☆



# دِلبر غلام حسن راتھر

ناو : دِلبر غلام حسن راتھر

ولدیت : عبدالاحد راتھر

سکونت : مہند وُفزن یجہِ بیور اننت ناگ

تأریخ پیدأیش : 1959ء

تألیم : شۍمن جمأژن تام

## فن تہٕ زندگی

دِلبر غلام حسن چھُ اَکھ جان گیوٚن وول ۔یہِ چھُ چھکر تہٕ رؤف گیوٚان۔ أمی سُنز آواز چھِ پُرکشش تہٕ مۄدر۔ یِتہِ چھُ کٲشیرِ ہِندٕہن بہلہِ پایہِ فنکارن منز شمار یوان کرنہٕ ۔ أمی چھُ خاندرن کھُندرن منز گیوٚتھ پننہِ گیوٚنک آغاز کوٚرمُت۔ دِلبر سُند اُستاد چھُ غلام محمد درزی اوسمُت یُس شالہٕ گامُک روزن وول اوس۔ دِلبر چھُ سازو أندرٕ ہرمونیم زانان وایُن۔ أمی چھُ 1988ء منز ریڈیو آڈیشن پاس کوٚرمُت تہٕ لوگمُت چھُن گیوٚن اَتہِ ۔ دِلبر چھُ ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗر درشن تہٕ کلچرل اکاڈمی پروگرامن منز شرکت کران ۔سُر ،لے تہٕ تال چھُ پوٗرٕ پأٹھۍ زانان۔ جنوبی کٲشیرِ منز چھُ أمِس گلوکارس سٮ۪ٹھاہ عزت یوان کرنہٕ۔

أمی چھُ کٲشیرِ ہِندٕہن اکثر گامن منز پننہِ فنُک مُظاہرٕ کوٚرمُت ۔ اَمہِ

علاوٕ چھُ أمۍ گول گلاب گڈھ تہٕ جمہِ تہِ پننہِ فنک مُظاہرٕ جان پأٹھۍ کوٚرمُت۔ لۄکو چھُ أمۍ سُند گیوٚن اَتہِ سٲبٹھاہ پسند کوٚرمُت۔ یہِ چھُ صوٗفی شاعرن ہُند کلامہٕ تہِ گیوان تہٕ نوٚون شاعرن ہُند تہِ۔ أمِس چھُ بروٚنہہ پکہٕ ژُک کأفی موقہٕ وُنہِ۔ یہِ چھُ باقی بہلہِ پایہِ فنکارن ہُند گیوٚن تہِ اکثر بوزان روزان تہٕ واریاہ گیوٚن والین ہُند گیوٚن چھُ أمِس پسند۔ أمۍ چھُ کم کاسہٕ پوٚرمُت تہٕ لحاظہ چھُ أمِس تلفظ جان۔





# عبدالغنی مالونی

ناو : عبدالغنی ملک
المعروف غنی مالونی

ولدیت : محمد جمال ملک

سکونت : مالوَن کولگوم

تأریخ پیدائیش : یکم جنوری 1956ء

تألیم : أٹھمہِ پاس

ملازمت : سٹیٹ روڈ ٹرانسپورٹ کارپوریشن

ملازمت اختیار کرنک وٲری: 12 جولائی 1985ء

<u>فن تہٕ زندگی</u>

عبدالغنی مالونی چھُنہٕ کانٛہہ پیشہِ ور گلوکار ۔ أمِس چھُ گیوٗن بوزنُک تہٕ گیوٗنُک شوق تہٕ ذوق لوکٕٹہِ پانے اوسمُت ۔ مالونی چھُ اکھ رُت چھکرِ ہُنٛد گلوکار تہٕ أمی سٕنٛز آواز چھ سبٹھاہ مأری مٕنٛز تہٕ دِلکش ۔ یمن ہُنٛد اُستاد چھُ غلام محمد ملک اوسمُت یُس پننہِ وقتُک بہلہِ پایہِ گلوکار اوس ۔ مالونی گرُسُر، لَے تہٕ تالِ ہٕنٛز پٕوٚر زان أمی ہے اُستادس نِشہِ حأصل ۔

گوڈٕ گوڈٕ چھُ مالونی ین خاندر کھُندرن منٛز گیوٗن ہیوٚتمُت تہٕ پتہٕ ییلہِ أمی پٕوٚرٕ پأٹھی فنِ موسیقی ہٕنٛدس مأدانس منٛز کاڈ کوٚڈ تہٕ أمی دیُت ریڈیو کشمیر پیٛٹھ 1975ء منٛز آڈِیشن تہٕ کٔرن کامیابی حأصل ۔ ییلہِ أمی

ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوٚن ہیوٚت تہٕ یہ سپُد رٔتبن گیوٚن والین ہنٛدِس صفس منٛز شامِل۔ اَمہِ پتہٕ چھُ یہ ریڈیو علاوٕ دوٗر درشن تہٕ کلچرل اکاڈمی پروگرامن منٛز تہٕ حِصہٕ نِوان جان پأٹھی۔لوٗکھ چھِ مالونی سُنٛد گیوٚن سیٹھاہ پسند کران خاص کر جنوبی کشمیرس منٛز ۔ یمن آیہِ لوٗکن ہنٛدِ طرفہٕ وار یاہن محفلن منٛز سیٹھاہ عزت افزأیی کرنہٕ۔ أمی سُنٛد تلفظ چھُ سیٹھاہ رُت۔ یہ چھُ سازو أندرٕ ہرمونیم وایان۔ یمن چھُ سرکأری کیو غأر سرکأری طور مختلف شہرن منٛز گرٛھنُک موقہٕ میوٗلمُت یتہٕ أمی سیٹھاہ جان پأٹھی پروگرام پیش کٔری تہٕ لوٗکو کٔری یم اتہِ سیٹھاہ پسند ۔ یمن شہرن منٛز چھ دہلی، شملہ تہٕ جموٚں قابلِ ذِکر۔ یمن چھےٚ اتہِ عزت افزأیی تہٕ کرنہٕ آمٕژ ۔ بہرحال ونٛنیُگ تام یوس کأم أمی فوک میوزکس منٛز کٔرسو چھےٚ قابلِ داد۔ یمن چھےٚ وار یاہ گنجأیش بروٚنہہ پکنٕچ ۔ یم چھِ پرٛتھ کأنٛسہِ شاعرٕ سُنٛد کلامہٕ گیوان تہٕ یہنٛدی وار یاہ بأتھ سپدی مقبوٗلِ عام۔





# علی محمد گابرو

ناو : علی محمد گابرو

ولدیت : غلام محمد گابرو

سکونت : گوڑ صفا کدل ملک صاٮ۪بن

تہٕ حال فروٹ منڈی شاہ کالونی سرینگر

تأریخِ پیدائش : 1961ء

تألیم : اَن پڑھ

<u>فن تہٕ زندگی</u>

علی محمد گابرو چھُ اَکھ بہلہِ پایہ چھکرٕ تہٕ رف گیوٚن وول۔ أمِس چھُ گیوٚنُک اَکھ منفرد انداز، أمی سنٛز آواز چھےٚ سیٹھاہ میٹھ تہٕ پُر اثر۔ علی محمد چھُ لوکچارٕ پٮ۪ٹھے گیوٚنس سٟتؠ دلچسپی تھاوان اوسمُت۔ یعنی گیوٚن بوزنُک تہٕ گیوٚنُک چھُس سیٹھاہ شوق اوسمُت۔ یہ چھُ لوکٕٹہِ پانے ریڈیو کشمیر پٮ۪ٹھٕ بہلہِ پایہِ فنکارن ہُنٛد گیوٚن بوزان اوسمُت یٮ۪مہِ کِنؠ یہ وَنیٚگ تام تہٕ بہلہِ پایہِ اُستادن قدر چھُ کران۔

علی محمد صاٮ۪بن اُستاد چھُ معروف فنکار گلہٕ بٹ اوسمُت یُس صفا کدلہٕ روزان چھُ اوسمُت۔ فن موسیقی ہٕنٛدی بنیأدی اصول ہیٚچھنہٕ پتہٕ کوٚڑ علی محمدن فن موسیقی ہٕنٛدس مأدانس منٛز پورٕ کاڈ تہٕ یہ سپُد لۄکن منٛز سیٹھاہ مقبوٗل۔ أتھی دوران دیُت أمی ریڈیو کشمیر پٮ۪ٹھ 1988ءمنٛز آڈیشن تہٕ

کٔرن اَتہِ کامیٲبی حاصِل تہٕ لوگن ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوٚن تہٕ کٔرن مزید مقبوٗلیتھ حاصِل۔

علی محمد چھُ سازو أندرٕ ہرمونیم وایان تہٕ یوٚہے چھُ أمی سُندمن پسند ساز۔ یہِ چھُ بنیٲدی اصول موسیقی ہٕندی پوٗرٕ پأٹھی زانان یعنی سُر، لے تہٕ تال۔ یہِ چھُ نوبن شاعرن ہُند کلامہِ تہِ گیوان تہٕ پرانین شاعرن ہُند تہِ۔ ریڈیو کشمیر علاوٕ چھُ علی محمد دوٗر درشن کلچرل اکاڈمی ہٕندبن پروگرامن منز تہِ شرکت کران۔ حالانکہ اَمہِ علاوٕ چھُ علی محمد خاندرن کھُندرن تہٕ گھریلو مجلسن منز تہِ گیوٚنہِ گرٕھان گوڈٕ پیٹھے۔ اَن پرٕھ آسنہٕ باوجود تہِ چھُ أمی سُند تلفظ رُت۔ أمس گلوکارس چھُ وُنہِ واریاہ موقہٕ بروٗنہہ پکنُک تہِ کیازِ أمس چھُ چھکر گیوٚنُک اَکھ خاص اندازٕ۔

أمی چھِ کینٛہہ ژاٹھ تہِ تیار کٔری متی یمن منز فیاض احمد دھوبی سیکہِ ڈافر سرینگر، علی محمد میر نواکدل سرینگر، تہٕ مشتاق احمد گابرو۔ فنِ موسیقی ہٕندِس مأدانس منز چھِ أمی ونیُگ تام شوٗبہِ دار کأم کٔرمٕژ۔

یہُند اَکھ گیوٚمُت مقبوٗل عام بأتھ چھُ۔

یارٕ عشقنہِ نار زول تھس راوٕ روو تھم آدٕنو

شمس فقیر

☆☆☆



# غلام نبی گنائی

ناو : غلام نبی گنائی

المعروف غلام نبی تُلہٕ مُلی

ولدیت : غلام محمد گنائی

سکونت : تُلہٕ مُل گاندربل

تأریخ پیدائش : 1948ء

تألیم : اَن پڑھ

فن تہٕ زندگی

غلام نبی گنائی صابُن وَنُن چھُ زِ اَمی چھُ نژُن تہٕ گیوُن اَکی ساتہٕ شروع کوٚرمُت ، غلام نبی چھُ کشیرِ ہندٕ بن صفِ اولہٕ کِمن گیوُن والین تہٕ نژن والین منز گنزراونہٕ یوان۔ غلام نبی صابنہٕ نژنک تہٕ گیوُنک اوس اَکھ منفرد انداز۔ اماپوٚز پتہٕ پیٚلہٕ اَمی نژُن بند کوٚرتہٕ فقط لوگن گیوُن تہٕ اَمی ہندِس گیوُنس منز آیہٕ بییہٕ قسمچ تبدیلی، اَمی لوگ زیادٕ پہن صوفی شأیرن ہُند کلامہٕ گیوُن تہٕ لُگن منز سپُد سٹھاہ مقبول۔

غلام نبی صابن اُستاد چھُ معروف گلوکار علی محمد شیخ اوسُمت۔ گیوٚنکی بنیأدی اصوٗل چھِ غلام نبی صابن اَمی ہے بہلہِ پایہٕ فنکارس نشہٕ ہیچھمتی یعنی سُر ، لَے تہٕ تال۔ غلام نبی صأبنٕ آواز چھِ دِلکش ، پُر اثر تہٕ مٔدر۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس غلام نبی گھریلو مجلسن تہٕ خاندرن کھُندرن منز گیوان ،یِوٚ تام اَمی پوٗر

کاڈ کوڈ۔ اَمہِ پتہ دیُت اُمی ریڈیو کشمیر پیٹھ 1977 ءمنز آڈیشن تہٕ سپُد اَتہِ کامیاب تہٕ لوٗگن اَتہِ گیوٗن تہٕ اَمہِ ءستی سپُد یہِ زیادے پہن مقبوٗلِ عام۔ یہِ چھُ سازو اُندرٕ ہرمونیم تہٕ رباب زانان وایِن، اماپوٗز اُمی سُند من پسند ساز چھُ رباب، یہِ چھُ بے شک اَکھ مقبولِ عام رباب نواز تہٕ وائے نُک چھُس اَکھ خاص انداز۔ یہِ تہِ چھِ حقیقت زِ اَن پڑھ آسنہٕ باوجود تہِ چھُ اُمس بہترین تلفظ گوڈٕ ... اوسُمت، غلام نبی صائب چھ ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗردرشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہِندبن پروگرامن منز تہٕ حِصہٕ نِوان روٗدی ءمتی۔ اُمی چھِ کینہہ ژاٹھ تیار کٔری ءمتی یِمن منز غلام رسول پرے، عبدالاحد بٹ تہٕ فردوس احمد گنائی (نیچو) قابلِ ذِکر چھِ۔ تہٕ وُنی کیس چھِ یِم گیوٗنس ءستی کِہے پہن کران۔ یِہُند اکھ گیوومُت مقبوٗلِ عام بأتھ چھُ یتھ کٔنی۔

صاحب دِلوٗیی سرٕ کوٗر ہے وارٕ پنہٕ نُے پان

کلامِ رحمان ڈار

یِم چھِ عام پأٹھی صوٗفی شأیرن ہُند کلامہٕ زیادٕ پسند کران تہٕ فنِ موسیقی ہِندِس لُکہٕ گیوٗنس منز چھِ یِمن خاص مہارت۔





# غلام محمد میر

ناو : غلام محمد میر

ولدیت : عبدالخالق میر

سکونت : رَتن پور پلووم

تأریخ پیدأیش : اکہِ اندازٕ مطأبق - ۱۹٤۲

تألیم : پانژن جمأژن تام

فن تہٕ زندگی

غلام محمد میر چھُ کٲشرِ ہُند اکھ بہلہِ پایہٕ گیوٚن وول تہٕ کٲشرِ ہندِ بن صفِ اولہِ کین فنکارن منز چھُ گنز راونہٕ یوان۔ مراز کین گیوٚن والین منز چھُ اَمِس تھوٚد مقام۔ رٕژ آواز تھاون وول یہ گیوٚن وول چھُ فنِ موسیقی ہندی بنیأدی اصول سُر، لَے تہٕ تال اصل پأٹھی زانان۔ غلام محمد میرس چھِ زٕ اُستاد أسۍ ہتۍ۔ گوڈنیُک اُستاد اوُس عبدالکریم ڈار یُس مندنہِ پلوامہِ روزان اوس تہٕ کٲشرِ ہندِ بن معروف اُستادن منز اوس گنز راونہٕ یوان، تہٕ دوٚیم اُستاد اوُس معروف ڈانسر تہٕ گیوٚن وول عبدالاحد نیامہ یُس نیامن گنڈی باغ پلوامُک روزن وول اوس۔ غلام محمد میر چھُ لُکہِ لَیہِ ہنز چھکر تہٕ روٗف خاص پأٹھی زانان، أمۍ چھِ چھکر گیوٚنچ پرأنۍ روایت قأیم تھأوِمٕژ۔ أمِس چھُ گیوٚن بوزنُک تہٕ گیوٚنُک شوق بچپنہٕ پیٹھے اوسمُت۔ گوڈٕ گوڈٕ لوگ أمۍ خاندرن گھندرن تہٕ گھریلو

مجلسن منز گیون تہٕ امہِ پتہٕ دیُت اٚمۍ 1965 ء منز ریڈیو کشمیر پیٹھ آڈیشن ۔ اٚمۍ بہلہِ پایہِ فنکارن کوٚر یہِ آڈیشن سبٹھاہ جان اندازس منز پاس تہٕ ہیوٚتُن ریڈیو کشمیر پیٹھ گیون ، لۆکو کوٚر اٚمۍ سُنٛد گیون سبٹھاہ پسند۔ ریڈیو کشمیر علاوٕ چھِ غلام محمد میر صابن ، دوٗر درشن ، کلچرل اکاڈمی ، مرکزی فیلڈ پبلسٹی ، ریاستی محکمہِ اطلاعات ، سانگ اینڈ ڈرامہ ڈویژن کیٚن پروگرامن منزٕ تہِ شرکت کرٕمژ ۔ یِمو چھِ مذکورٕ محکمو ذٔریعہِ پنٕنۍ فن گامن گٕژھن تام واتہٕ نووُمت ۔ سازو اٚندرٕ چھُ میر ہرمونیم وایان ۔ یِم چھِ عام پاٹھۍ صوٗفی شاعرن ہُنٛد کلامہٕ تہِ گیوان تہٕ باقی شاعرن ہُنٛد تہِ ۔ یِہُنٛد تلفظ چھُ سبٹھاہ جان۔ غلام محمد میرن چھُ کشیرِ نیبر تہِ پننہِ فنک مظاہرٕ جان پاٹھۍ کوٚرمُت ۔ یِمن منز شملہ ، جموٗں ، دہلی ، ڈوڈہ ، کشتواڑ ہشہِ جایہِ قابلِ ذِکر چھےٚ ۔ میرن چھِ کینٛہہ ژاٹھ تہٕ تیار کٔرۍ مٕتۍ ۔ یِمن منز عبدالرحمان شیخ گوٗرۍ پوٗرتہٕ فاروق جان قابلِ ذِکر چھِ ۔ میر سٕنزِ گوڈ کال چہِ پارٹی منز چھِ یِم نفر اٚسۍ مٕتۍ ، غلام محمد ریشی سارنگی نواز ، محمد جبار ریشی رباب نواز ، محمد عاشور ریشی سارنگی نواز تہٕ عبدالخالق یُس نوٚٹ وایان اوس۔ اٚمۍ سنٛدۍ واریاہ باتھ سپدۍ مقبوٗلِ عام۔

☆☆☆



# عبدالرشید شاہ

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | عبدالرشید شاہ<br>المعروف رشید مأنی گأمی |
| ولدیت | : | غلام نبی شاہ |
| سکونت | : | مأنی گوم وِیُس اننت ناگ |
| تأریخ پیدأیش | : | مارچ 1957ء |
| تألیم | : | اَنڈر میٹرک |
| ملأزم | : | ایل۔ آئی۔ سی |

## فن تہٕ زندگی

رشید چھُ کٲشیرِ ہٕندبن بہلہِ پایہِ نژن والین تہٕ گیوٚن والین منٛز گنز راونہِ یوان۔ أمی چھُ سکوٗلس دوران تہٕ گیونس ہٕتی رونہٕ زونہٕ تھوومُت۔ أمی ہٕنز آواز چھےٚ مٔدرتہٕ پُرکشش۔ زنتہٕ چھس ۂُس رونہٕ وزان۔ أمی ہٕندِ نژنک تہٕ گیوٚنک چھُ اَکھ منفرد اندازٕ۔ رشیدن چھُ نژن کٲشیرِ ہٕندبن دون بہلہِ پایہِ نژن والین نِشہِ ہیوٚچھمُت یم چھِ عبدالغنی ترألی تہٕ رحمان دیوسری اَمہِ علاوٕ چھُ رشیدن مزید گیوٚن معروف گلوکار محمد ابراہیم لونس نِشہِ ہیوٚچھمُت یُس مأنی گامیُک روزن وول اوس۔ رشید مأنی گأمی چھُ گوڈٕ سکوٗلہ پٹھ تہٕ پتہٕ خاندرن کھُندرُن تہٕ گھریلو مجلسن منٛز گیوٚن ہیوٚچھمُت۔ یِیلہِ أمی فنِ موسیقی ہٕندِس مأدانس منٛز پوٗرٕ پاٗٹھی کاڈ

کوٚڈ تہٕ أمۍ لوگ ریڈیو کشمیر پێٹھ تہٕ دوٗر درشنہٕ پێٹھ گیوٗن۔ اَمہِ پتہٕ سپُد یہِ سبٹھاہ مقبوٗل۔ اَمہِ علاوٕ چھُ رشید کلچرل اکاڈمی تہٕ انفارمیشن پروگرامن منٛز تہِ شرکت کران۔ لُکھ چھِ أمۍ سُند گیوٗن سبٹھاہ پسند کران۔ رشید چھُ چھکرِ تہٕ رؤف نوِ اندازٕ تہِ گیوان تہٕ روأیتی اندازٕ تہِ۔ سازو أندرٕ چھُ یہِ ہرمونیم، رباب تہٕ نوٚٹ زانان وایُن۔ یہِ چھُ صوٗفی شأیرن ہُنٛد کلامہٕ تہِ گیوان تہٕ نوبن شأیرن ہُنٛد تہِ۔ أمۍ سُنٛد تلفظ چھُ سبٹھاہ جان۔ فنِ موسیقی ہٕنٛدی بنیأدی اصول سُر، لَے تہٕ تال چھُ پوٗرٕ پأٹھۍ زانان۔ رشیدس چھُ کُشیرِ نبر گژھنُک تہِ موقعہٕ میوٗلمُت یێتہِ أمۍ پننہِ فنُک مُظاہرٕ رٕتی پأٹھۍ کوٚر۔ یمن شہرن أمِس گژھنُک موقعہٕ میول تِمن منٛز چھُ جوٚم تہٕ دہلی قابلِ ذِکر۔ فنِ موسیقی ہٕنٛدِس مأدانس منٛز چھ أمۍ وٕنیُک تام تھکٕنۍ لایق کأم کٔرمٕژ۔

اوٗ ہُنٛد گیومُت اکھ مقبولِ عام بأتھ چھُ

دِیہِ نا درشُن یِیہِ نا سونۍ



کرِسے پوشہٕ ورشونۍ

☆☆☆



# غلام نبی میر

ناو : غلام نبی میر
المعروف غلام نبی ڈونی پاوا

ولدیت : عبدالاحد میر

سکونت : ڈونی پاوا اننت ناگ

تأریخ پیدائش : 1949ء

تأریخ وفات : 10 اگست 1997ء

## فن تہٕ زندگی

غلام نبی چھُ اکہِ زٔمیندار گھرِ منز تھنہٕ پیومُت ۔ یہِ چھُنہ کانٛہہ پیشہٕ ورانہٕ گلوکار اوسمُت ۔ البتہ چھُ اَمِس بچپنہٕ پٹھے گیوٚنُک تہٕ گیوٚن بوزنُک شوق اوسمُت ۔ ییلہِ تہٕ اَندٕ پکھٕ کُنہِ گھرس خاندرن کھُندرن ہنٛز محفل لگان آسہے یہِ اوس ژورِ پاٹھی گرٕھان گیوٚن بوزنہِ ۔ تہٕ یوہے چھُ وجہ زِ اَمِس چھُ گیوٚنُک شوق دِلس منز گنیومُت ۔ ڈوٚنی پاوا اوس بے شک صاف تہٕ شوٚ دلگہٕ گیوٚن زانان ۔ اَمی تھاوٕ چھکر بالکل قدیم طرزس پیٹھ زندٕ ۔ اَمی سنٛز آواز اَس دِلکش تہٕ پُر اثر ۔ سُر، لَے تہٕ تال اوس پوٚرٕ پاٹھی زانان ۔ یہِ اوس کٔشیرِ ہُند اَکھ بہلہِ پایہِ اُستاد ۔ فنِ موسیقی منز چھُ ڈوٚنی پاوا اَکھ خاص مقام تھاوان اوسمُت ۔ غلام نبی ڈونی پاوا اوس اَکھ خوش مزاز انسان تہٕ اَمی ہنٛدی اخلاق آسی سبٕھاہ رٕتی ۔ اَمی سُند اُستاد اوس ثناء اللہ بٹ یُس

ڈۄنی پاؤک روزن وول اوس تہٕ پننہِ وقتُک چھُ معروف گلوکار اوسمُت ۔ غلام نبی ڈونی پاوا اوس گوڑٕ گوڑٕ خاندرن کھُندرن تہٕ پتہٕ ریڈیو پیٹھ گیوان۔ أمی چھُ 1975 ءمنز ریڈیو کشمیر پیٹھ آڈِیشن پاس کۆرمُت ۔ فنِ موسیقی ہندِس مأدانس منز کۆڈ أمی تمہِ وِزِ پۆرٕ کاڈ ییٚلہِ أمی ریڈیو کشمیر پیٹھ گیون ہیۆت تہٕ لۆکن منز سپُد غلام نبی مقبول عام تہٕ صف اولہٕ کین گیون والین ہندِس صفس منز ژٕن جاے۔ سازو أندرٕ اوس ڈۄنی پاوا ہرمونیم وایان۔ غلام نبی ڈۄنی پاوا اوس ریڈیو کشمیر علاوٕ دۄردرشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہندٕ ہن پروگرامن منز تہٕ حِصہٕ نوان ۔ یہ رُد زندگی ہندٕ ہن أخری دوہن تام تہٕ گیوان۔ أمی چھِ کینٛہہ شاگرد تہٕ تیار کٔری مِتی ییمن منز ، غلام محمد بٹ ڈونی پاوا، عبدالرشید میر سائی ، غلام قادر صوٗفی سائی گلہ محمد خان تہٕ غلام رسول بٹ قابٕل ذکر چھ۔فن موسیقی ہندِس مأدانس منز چھِ غلام نبی ڈونی پاواہن بحیثیتِ اَکھ چھکری تھٕیکنی لایق کأم کٔرمٕژ۔





# بشیر احمد ژٲری

ناو : بشیر احمد ژٲری

ولدیت : عبدالسلام ڈار

سکونت : علمدار کالنی ژارِ شریف بڈ گوم

تٲریخ پیدٲیش : 25 نومبر 1968ء

تٲلیم : اَٹھ جمأژ تام

## فن تہٕ زندگی

بشیر احمد ژٲری چھُ کٲشیرِ ہُنداکھ بہلہِ پایہِ گلوکار یہ چھُ چھکر تہٕ رؤف گوٚوان۔ بشیرس چھکر گوٚونک چھُ اَکھ منفرد اندازٕ۔ یہ چھُ پرانٮ۪ن لکہٕ طرزن تہِ وُنی کیٚنہہ کیٚنہہ طرزن منٛز باگ اَکھ نٔو تجربہٕ پیش کران یُس وٕنیُک تام اکھ کامیاب تجربہٕ چھُ۔ أمی ہٕنٛز آواز چھ بے شک مٔدٕر، دِلکش تہٕ پُر اثر۔ یہنٛد اُستاد چھُ معروف گوٚون وول مرحوم عبدالستار میر اوسمت یُس گوڈٕ ژار بسان اوس تہٕ پتہٕ ناگمہِ۔ بشیر چھُ فنِ موسیقی ہٕنٛدی بنیٲدی اصول سُر، لے تہٕ تال پٔوٕر پأٹھی زانان۔ أمس چھُ بچپنہٕ پٮ۪ٹھے گوٚونس ستی لوے خوے اوسمت تہٕ گوڈٕ گوڈٕ ہیوٚت أمی لوٚکچہن مجلسن تہٕ خاندرن کھٔندرن منٛز پٔنن پان زٕھتہِ بٹہِ کڈُن۔ أمی چھُ گُلشن ڈرامہ ٹِک کلب ژارِ شریفس منٛز تہِ بحیثیتِ گلوکار تہٕ اداکار کأم کرمٕژ اَتہِ آو أمس موقہٕ سٹیج وُچھنُک۔ بہرحال یِیلہِ أمی پٔوٕر کاڈ کوٚڈ تہٕ أمی دیُت پتہٕ 1998ء منٛز

ریڈیو کشمیر پیٹھ آڈِیشن یتھ منز اُمس کامیابی میج تہٕ اَمی لوگ ریڈیو پیٹھ گیوٚن تہ یہِ گوو سیٹھاہ مقبول تہٕ صفِ اولہٕ کین فنکارن منز ژٹن جاے۔ سازو اندرٕ چھُ بشیر ہرمونیم ،نوٹ تہٕ سارنگ وایان۔ یہِ چھُ عام پأٹھی صوٗفی شأیرن ہُند کلامہٕ تہِ گیوٚان تہٕ باقی شأیرن ہُند تہِ۔ اُمس چھُ تلفظ سیٹھاہ جان۔ ریڈیو کشمیر علاوٕ چھُ بشیر ژأری دوٗر درشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہِندِ ہن پروگرامن منز تہِ حصہٕ نوان۔ اَمہِ علاوٕ چھُ کینژ وغأر سرکأری اِدارو تہٕ ریاستی نفارمیشن محکمہٕ طرفہٕ تہِ پروگرام کران۔ بشیر احمد ژأری چھُنہٕ کانہہ پیشہِ ورانہ فنکار بلکہِ چھُ یہِ اکھِ زمیندار گھرٕ منز پأدٕ گومُت۔ اُمس چھُ لوکٹہِ پیٹھے ریڈیو کشمیر تہ دوٗر درشنہٕ پیٹھ گیوٚن بوزنُک چسکہٕ اوسمُت۔ یہ چھُ ہلہِ پایہِ گلوکارن ہُند گیوٚن اوسمُت بوزان فنِ موسیقی ہِندِس مأدانس منز چھ ونیُک تام اَمی سیٹھاہ رٕژ کأم کرمٕژ۔

ریڈیو کشمیر پیٹھٕ گو اَمی سُند اکھ بأتھ سیٹھاہ مقبول ،یمکی بول یتھ کنٔ چھِ۔

چھُ سُے آباد ییمس آسہِ نگاہ محمدؐ عربی

کلامِ عبدالکریم





# الطاف حسین شیخ

ناو : الطاف حسین شیخ

ولدیت : گُل محمد شیخ

سکونت : ڈُونی پاوا اننت ناگ

تأریخ پیدأیش : 1966ء

تألیم : اَن پڑھ

ملأزم : کلاس فورتھ محکمہ صحتِ عامہ کشمیر

## فن تہٕ زندگی

الطاف حسین شیخ چھُ تمو بہلہِ پایہِ تہٕ باگہِ برتھو گیون والیو منز اَکھ یمو 1985ء پتہٕ چھکرِ ہنٛدِس مأدانس منز قدم ترٛاو۔ یہ چھُ وُنی کیٚس صفِ اولہٕ کین گلوکارن منز گنزراونہٕ یوان۔ أمی سٕنز آواز چھےٚ دِلکش، پُر اثر تہٕ مٔدر۔ زنتہٕ چھس ہٕٹس رونہِ وزان۔ یہ چھُ سُہ گلوکار ییٚمی مرحوم غلام احمد صوٗفی ہنٛدی پأٹھی چھکرِ منز جدت أنی۔ أمی سُند چھکر تہٕ روٗف گیوٚنک انداز چھُ بالکل الگ تھلگ۔ أمی ہنٛدی طرز چھےٚ کأنسہِ تہٕ دوٚیمس گلوکارٕ ہنٛدبن طرزن ستی رلان۔ وُنی کین کس دورس منز دیُت أمی چھکرِ تہٕ روٗفس اکھ خاص رنگ روٗپ یُس لُکھ چھِ سبٹھاہ پسند کران۔

الطاف چھُ مرازُک (جنوبی کشمیر) خاص پأٹھی تہٕ کٲشرِ ہُنٛد عام پأٹھی اَکھ مأری موٗند تہٕ باگہِ بوٗرت فنکار۔ یہ گوتمہِ وِزِ بے حد مقبول

ییلہِ اُمی 1987 ءمنز ریڈیو آڈِیشن پاس کوٚر تہٕ پتہٕ لوگُن اَتہٕ گیوٚن۔ اَمہِ وِزِ اوس الطافن فن موسیقی ہِندِس مأدانس منز پوٗرٕ کاڈ کوٚڈمُت تہٕ اُمِس چھُ ریڈیو پیٹھ بی ہائی گریڈ میوٗلمُت۔ الطافن اُستاد چھُ وادی ہُند معروف گلوکار غلام حسن کاڈوٗیُس قاضی محلّہ انت ناگ روزان چھُ۔ فنِ موسیقی ہِندی بُنیأدی اصول سُر، لَے تہٕ تال ہیٚچھی الطافن اُمی ہے اُستادس نِشہِ تہٕ یہِ چھُ بے شک گیوٚنکی بُنیأدی اصول اصل پأٹھی زانان۔ الطاف چھُ زیادٕ پہن صوفی شأعِرن ہُند کلامہٕ گیوان، اُمی سُند تلفظ چھُ سیٚٹھاہ رُت۔ یہ چھُ کُشیرِ ہِندِس کوٗنس کوٗنس تام واتان گیوٚنہِ تکیازِ اُمِس چھ سیٚٹھاہ مقبوٗلیتھ لُکن منز۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس یہ خاندرن کھُندرن تہٕ گھریلو مجلسن منز گیوان، اُمِس چھُ گیوٚن بوزنُک تہٕ گیوٚنُک سیٚٹھاہ شوق اوسمُت۔ تہٕ یہِ چھُ اکثر ریڈیو پیٹھ بہلہِ پایہِ گیوٚن والین ہُند گیوان بوزان اوسمُت۔ سازو أندرٕ چھُ الطاف سارنگ، ہرمونیم، نوٚٹ تہٕ کم کاسہٕ ربابہٕ تہِ وایان، ووٚنی گو اُمی سُند من پسند ساز چھُ ہارمونیم تہٕ سارنگ۔ اُمِس چھُ جوٚم تہٕ لکھنو گژھنُک موقہٕ میوٗلمُت ییٚتہٕ اُمی پننہِ فنُک مُظاہرٕ جان پأٹھی کوٚر۔ اُمِس چھِ کینہہ ینامہٕ تہٕ سَندٕ تہِ میچہِ مژٕ۔ فن موسیقی منز چھِ اُمی وننُک تام تھیکنی لایق کأم کرٕمژٕ۔

بوٚ ہُند ریڈیو بیعقہٕ گیٚوومت مقبول عام بأنھز چھُ۔

بندرُزنہٕ دربار نغمہٕ چھِ کران برسنانی۔ سوزنہٕ منصور بُچھ گرزان

رُو تُن میٚٹہ دِرٕ اُمِس گوٚس دیوانو۔



# عبدالاحد کھور

ناو : عبدالاحد کھور

ولدیت : عبدالغفار کھور

سکونت : گوڑ پانپور تہٕ وُنی کبس
شیخہٕ باغ قمرواری سرینگر

تأریخ پیدأیش : 1951ء

وفات : 6 جون 2006ء

## فن تہٕ زندگی

احد کھور اوس کٲشیرِ ہُند اکھ باگہٕ بۆرُت تہٕ مٲری مۆند گیوٚن وول یہ اوس چھکرِ ہُند صفِ اولُک گلوکار۔ مگر کأشر موسیقی ووت تمہِ وِزِ بۆڈ نقصان یُس نہٕ پُر ہیکو کٔرتھ ییٚلہِ احد کھور اَکس سکوٹر حادِثس منٛز مارٕ سپُد۔ أمی ہنٛز وأنس چھ اَمہِ وِزِ فقط 55 ؤری آسمٕژ۔ أمس معروف گلوکارٕ ہنٛز آواز چھ لۆکن وُنہٕ تہٕ کَنَن منٛز گرزان۔ أمی ہنٛز آواز أس سبٹھاہ مٔدرٕ تہٕ پُر اثر۔ احد کھورٕیٚن اُستاد چھُ کٲشیرِ ہُند تھدِ پایُک گلوکار مرحوم غلام احمد صوٗفی اوسمُت۔ گیوٚنس متعلق بنیأدی اصول چھ کھوری أمی ہیچھِ مٕتی یانی سُر، لَے تہٕ تال۔ احد کھور اوس گوڈٕ خاندرن کھُندرن تہٕ گھریلو مجلسن منٛز گیوان تہٕ اَمہِ پتہٕ لوگ أمی ریڈیو کشمیر پیٹھ 1980ء پیٹھ گیوٚن ییٚلہِ أمی گوڈٕ آڈیشنس منٛز کامیأبی حاصل کٔر۔ اَمہِ

وِزِ اوس اَمی گیوٚنکس ماٗدانس منز پوٚر کاڈ کوٚڈمُت ۔ کھور چھُ ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗر درشن تہٕ کلچرل اکاڈمی پروگرامن منز تہٕ حِصہٕ نوان اوسمُت، اَمِس چھُ گامن گٔژھن منز گرٛھتھ پننہٕ فنٕک مُظاہر کرنٕک موقہٕ میوٗلمُت۔ یہِ چھُ اصلی رواٗیتی طرزِ تہٕ گیوٚنس منز استعمال کران اوسمُت تہٕ نٔوی طرزِ تہٕ۔ یہِ چھُ صوٗفی شاعرن ہُنٛد کلام خاص پاٹھی گیوان اوسمُت اماپوٚز کینژن نوٚبن شاعرن ہُنٛد کلامہٕ تہٕ اوس گیوان۔ اَمی سُنٛد تلفظ تہٕ اوس جان۔ سازوٕ اَندرٕ چھُ احد کھور سارنگ، ہرمونیم تہٕ نوٚٹ اوسمُت وایان۔ اَمی چھ کینٛہہ ژاٹھ تہٕ تیار کٔری متی یِمن منز گلہ محمد بٹ (صفا کدل) محمد یوسف کھور بمنہ بڈگام قابلِ ذِکر چھ۔

اَمی سُنٛد اکھ مقبوٗلِ عام باٗتھ یُس اَمی گیوومُت چھُ۔

موکھٕ چانے کیا بٔنتھ آم لوٗگس در دام عشقو

کلامِ شمس فقیر

فنِ موسیقی ہنٛدِس ماٗدانس منز اَسی عبدالاحد کھورِس بروٚنٛہہ پکہٕ نچ واریاہ گنجاٗیش مگر موتن کٔرس نہٕ یاوری۔

☆☆☆



# فاروق احمد جان

ناو : فاروق احمد جان

ولدیت : غلام نبی جان

سکونت : ترال پائین پلووم

تأریخ پیدأیش : مارچ 1966ء

تألیم : مِڈل پاس (أٹھمہِ پاس)

مِڈل سکول نور پورہ ترال پلووم

فن تہٕ زندگی

فاروق جان تیمٕی بچپنہٕ پیٹھے پٹُن پان ریڈیو گرٕھتھ نۆن کۆڈ۔ یہِ چھُ سُہ فنکار یٕمٕی ہنٛز مٔدرِ آوازِ ستۍ کٔشیرِ ہٕندی لۆکٕ تہٕ بٔڈۍ محظوٗظ سپدی تمہِ ساتہٕ ییٚلہِ ریڈیو کشمیرٕچ یو واوانی سروس شروع سپنٛز تہٕ وُنی کنبس تہٕ چھِ اَلہٕ پلہٕ 35 ؤری گرٕھتھ تہِ یہ آواز دِلکش تہٕ پُر اثر۔ وارٕ ہن لۆکن چھ پتاہ زِ یو واوانی ہٕندِس وجودس ستۍ لۆگ انفرأدی تہٕ اجتمأعی گلوکار واَتہِ پیٹھ گیوٚن تہٕ أتھی ستۍ ووت ہلال یتھ کلب نور پورٕ ترال تہِ یو واوانی سروس پیٹھ گیوٚنہِ تہٕ کورسہ رٕکس رٕوپس منٛز گیوٚو أمی کلبن معروف مزاحیہ شأعر محمد سبحان شوقینن سُند اَکھ مزاحیہ بأتھ یمکی بول أسی یتھ کنہِ۔

چھس بو میٹرک پاس ہسہ پاس ہسہ ہے

تہٕ أتھی بأتھس منٛز أس اَکھ بچہ آواز سبٹھاہ دِلکش ،سو آواز أس فاروق احمد جان ہنٛز تہٕ اَتی پیٹھ سپُد یہ مقبولِ عام۔ فاروق احمد جان چھُ

پانٕہٕ ونان زِ مےٚ چھےٚ کشیٖرِ ہٕنٛدٕ بن دوٚن بہلہِ پایہِ اُستادن نِشہِ فنِ موسیقی ہنٛز تربیت حأصل کٔرمٕژ ۔ یِم زٕ اُستاد چھِ غلام محمد بٹ پدگام پوٚرۍ (اونتی پور) تہٕ غلام محمد میر رتن پور پلووم ، فاروق چھ وُنی کٔبس صفِ اولہٕ کٕبن گیوٚن والین منٛز گنزراونہٕ یوان ، تہٕ اَمی سٕنٛدِ گیوٚنک انداز چھُ منفرد۔ یہِ چھُ زیادٕ پہن نوٚبن شاعرن ہُنٛد کلامہٕ گیوان ووٚنی گو صوٗفی شاعرن ہُنٛد کلامہٕ تہِ چھِ کُنہِ کُنہِ ساتہٕ گیوان ۔ فاروق چھُ مرازُک خاص پأٹھۍ تہٕ کٔشیٖرِ ہُنٛد عام پأٹھۍ فنِ موسیقی ہٕنٛدِ مأدانُک اَکھ گاشہٕ تارُک۔

فاروق گوٚو تمہِ وِزِ بے حد مقبول ییلہِ اَمۍ 1988ءمنٛز ریڈیو کشمیر چہِ جنرل سروسہ پیٹھ آڈِیشن دِتھ گیوٚن ہیوٚت اَمہِ وِزِ اوس اَمۍ پوٚرٕ کاڈ کوٚڈمُت۔ سازوأندرٕ چھُ یہِ ہرمونیم تہٕ سارنگ وایان۔ یِم دوٚشوٚے ساز واینُک چھُ اَمِس اَکھ منفرد مقام۔ فاروق چھُ وُنی کٔبس ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗردرشن، کلچرل اکاڈمی تہٕ انفارمیشن پروگرامن منٛز برابر حِصہٕ نوان۔ یِمن چھُ گامن گُٹھن منٛز گژھتھ سرکأرۍ طور پنٕنہِ فنُک مظاہرٕ کرنُک جان موقہٕ میلان۔ فن موسیقی ہٕنٛدۍ بُنیأدی اصول سُر، لَے تہٕ تال چھُ فاروق اصل پأٹھۍ زانان۔ یِمن چھُ کٔشیٖرِ نٕبر دہلی، اجمیر، تہٕ جموٗ گژھنُک موقہٕ تہِ میوٗلمُت ییتہِ اَمۍ پنٕنہِ فنُک مُظاہرٕ رٕتی پأٹھۍ کوٚر۔ وٕنیُک تام چھُ اَمۍ فن موسیقی منٛز ٹھیکنی لایق کأم کٔرمٕژ۔ یہُنٛد اَکھ گیوٚمُت مقبولِ عام بأتھ چھُ۔

روزِ تھےسوز ونے بوز تےسُنٛد رماکہِ یے
نعمہ صأب



# محمد سلیم ٹھوکر

ناو : محمد سلیم ٹھوکر

ولدیت : غلام محمد ٹھوکر

سکونت : واگہٕ ہوم یجہِ بیور انت ناگ

تأریخ پیدٲیش : 1972ء

تألیم : اَنڈر میٹرک

فن تہٕ زندگی

محمد سلیم ٹھوکر چھُ چھکر تہٕ رٔوف گیوان۔ أمِس چھُ چھکر گیونُک اَکھ الگ انداز۔ أمی سنٛز آواز چھ سبٹھاہ جان۔ لُکھ چھ أمی سُنٛد گیون سبٹھاہ پسند کران۔ أمی سُنٛد اُستاد چھُ غلام محمد ڈار اوسمُت یُس تُلہٕ کھُن یجہِ بیار ریٛگ روزن وول اوس تہٕ چھ فن موسیقی خاص پأٹھی چھکرِ ہُنٛد بہلہِ پایہِ اُستاد اوسمُت۔ محمد سلیم ٹھوکرن چھُ گوڑ گوڑٕ خاندرن کھُندرن منٛز گیون ہیوٚتمُت تہٕ پتہٕ لوگ أمی ریڈیو کشمیر پیٹھٕ تہِ گیوٚن۔ سازو أندرٕ چھُ سلیم ہرمونیم زانان وایُن۔ تہٕ یہِ چھُ صوٗفی شأیرن ہُنٛد کلامہٕ تہٕ گیوان تہٕ باقی شأیرن ہُنٛد تہِ۔ أمی سُنٛد تلفظ چھُ سبٹھاہ جان۔ گیوٚنکی بنیاد اصول یعنی سُر، لَے تہٕ تال چھُ پوٗرٕ پأٹھی زانان۔ یہِ چھُ ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗر درشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہٕنٛدِ پروگرامن منٛز تہِ حِصہٕ نوان۔ سلیم ٹھوکرس چھُ جموٗم، دہلی تہٕ یو۔پی گرشھنگ تہِ موقعہٕ میوٚلمُت یَیتہِ أمی پننہٕ

فنک مظاہر جان پأٹھی کوٗر۔

یہنٛدِس پروگرامس آو مذکورٕ جاین سبٹھاہ داد دِنہٕ۔ یہِ چھُ ریڈیو پیٹھ وارٕہن گلوکارن ہُنٛد گیوٚن بوزان۔ سلیم چھُ ونان ریڈیو تہٕ دوٗر درشنہٕ پیٹھ مختلف گلوکارن ہُنٛد گیوٚن بوزتھ تہٕ تِمن سیٛزِ مےٚ سبٹھاہ حوصلہٕ افزأیی تہٕ خبرداری۔ أمِس چھُ واریاہن گلوکارن سٟتؠ وۄتھن بِہن روٗدمُت۔ أمِس چھُ لوکچارٕ پیٹھے گیوٚن بوزنُک تہٕ گیوٚنُک شوق اوسمُت۔

أمِ سُنٛد گیوومُت اَکھ مقبول عام بأتھ چھُ

کر پھولہ ہم لوگلابو لو

کلامِ اسد میر

فنِ موسیقی ہنٛدِس مأدانس منٛز چھ أمِ وُنیٚک تام سبٹھاہ رٕژ کأم کٔرمٕژ تہٕ وۄمید چھِ بروٚنہہ کُن تہِ کرِ یہِ گلوکار سبٹھاہ ترقی۔





# غلام محی الدین شاہ

ناو : غلام محی الدین شاہ

ولدیت : محمد اکبر شاہ

سکونت : آرٕ بل ڈۄرانت ناگ

تأریخ پیدائیش : 1970ء

فن تہٕ زندگی

غلام محی الدین شاہ چھُ چھکرِ ہُند باگہِ بۄرُت گلوکار یوان مانِنہٕ۔ اُمِس چھُ بچپنٕ پٮ۪ٹھے گیوٚنک اکھ مخصوص انداز۔ سُر، لٔے تہٕ تال چھ رٔتی پأٹھی زانان۔ آواز چھکھ سٮ۪ٹھاہ میٹھ، مٔدرتہٕ اثر دار۔ محی الدین شاہ چھُ عام پأٹھی جدید شاعرن ہُند کلامہٕ گیوان۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس محی الدین شاہ لوکچین لوکچین مجلسن تہٕ خاندرن کھُندرن منٛز گیوان۔ اماپوٚز تمہِ وِزِ کوٚڈ اُمی پوٗرٕ پأٹھی کاڈ ریٖلہِ ریڈیو کشمیر پٮ۪ٹھ اُمی گیوٚن ہیوٚت۔ یمو چھُ بحیثیتِ کیجول آرٹسٹ چھکرِ منٛز 1988ء منٛز آڈِیشن پاس کوٚرمُت۔ یم چھ بی، ہائی گریڈس منٛز۔ غلام محی الدین شاہ چھُ گیوٚنہٕ علاوٕ کینٛہہ سازتہٕ زانان واینٛی، یمن منٛز رباب، سارنگ تہٕ نوٚٹ ناوہنٛس لایق چھِ۔ یم چھِ ریڈیو علاوٕ کلچرل اکیڈمی تہٕ دۄرد رشن کین پروگرامن منٛز تہِ یسلہٕ پأٹھی شرکت کران۔ یمن چھُ بیروٗن ریاست تہِ گیوٚنک موقعہٕ میوٗلمُت یتہٕ اُمی پننہِ

فنٕک مُظاہرٕ جان پأٹھۍ کوٚر۔ یِمن منز بمبئ، دہلی ناوہنبس لایق چھِ۔ یِمو چھِ جیٚمہِ تہٕ کینژَن پروگرامن منز شرکت کرٕمٕژ۔ شاہ صأبن چھ کینٛہہ ینامہٕ تہٕ سَنٛدٕ تہِ حأصل کرِمَژٕ۔ یِہ چھُ وُنی کٲشُرٕ ہُنٛد مقبوٗلِ عام فنکار۔ یِہ چھُ اَکھ بہترین نژن وول تہٕ لۆکھ چھِ أمۍ سُنٛد ڈانس سبٹھاہ پسند کران۔





# فاروق احمد گنائی

ناو : فاروق احمد گنائی

ولدیت : محمد عبداللہ گنائی

سکونت : ڈانگر پورہ سمنبل بارہ مولا

تأریخ پیدأیش : 1972ء

تألیم : پانژھ جمأژ

فن تہٕ زندگی

فاروق احمد گنائی چھُ اَکھ معروف گلوکار۔ نوجوان گلوکارن منز چھُ یہِ چھکرِ ہُند کھسہٕ وُن گلوکار۔ یمن چھُ بچپن پیٹھے ، گیوُن بوزنُک تہٕ گیوُنُک شوق اوسمُت ۔ یمن چھُ گھرس منزٕ تہِ گیوُنُک ماحول اوسمُت ۔ یہُند اُستاد چھُ یہُند مول محمد عبداللہ گنائی، یُس سبٹھاہ بہلہِ پایہِ گلوکار چھُ۔ فاروق رُوٗد کینژن وُری ین پننس مألس سٍتی بحیثیتِ دہرِ بأج تہٕ پتہٕ بنأوون الگ پننٕ پارٹی۔ فاروق اوس گوڈٕ خاندرن کھُندرن منز گیوان تہٕ پتہٕ لوگُن سرکأری ادارن منز تہِ یُن۔ یہ سپُد تمہِ وِزِ سبٹھاہ مقبول ییلہِ أمی ریڈیو کشمیر پیٹھ بحیثیتِ کچول گلوکار پارٹی ہیتھ گیوُن ہیوٚت۔ یمن چھُ ریڈیو کشمیر پیٹھ بی ہائی گریڈ میولمُت ۔ یم چھِ دوٗردرشن تہٕ کلچرل اکاڈمی

پروگرامن منز تہِ حِصہٕ نوان۔ فاروق چھُ امہِ علاوٕ دوٗیمبن سرکاری تہٕ غار سرکاری ادارن ہنٛدبن پروگرامن منز تہِ شرکت کران۔ لُکھ چھِ یہُنٛد گیوٗن سبٹھاہ پسند کران۔ یہُنٛد بروٗنہہ کال چھُ سبٹھاہ تابناک۔ فاروق چھُ پانہٕ ہارمونیم وایان تہٕ أمی چھُ ونیٚک تام جوٗم تہٕ دِلہِ شہرن منز تہِ پننہِ فنٕک مظاہرٕ رتی پأٹھی کوٚرمُت





# سدھارتھ کول

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | سدھارتھ کول |
| ولدیت | : | پروفیسر آر۔این کول |
| روزن جاے | : | گوڈ جواہر نگر تہٕ ازلکشمی پور<br>بونہ تالاب جۆم |
| زینہٕ جاے | : | 27 جون 1946ء |
| تائلیم | : | بی۔اے سول انجینئرنگ۔بی۔آے۔ٹی۔ایس<br>پلاتی راجستھان |
| پیشہٕ | : | انجینئر بجلی کارپوریشن P.D.C |
| ریٹائیر | : | جون 2004ء |

فن تہٕ زندگی

سدھارتھ کول چھُ فنِ موسیقی ہنٛز بہلہِ پایہٕ شخصیت تہٕ باگہٕ بۆرُت گلوکار۔یۆ دوٚے یم پیشہٕ ورانہٕ فن کار چھنہٕ مگر تہٕ گُرِتھ تہٕ چھُ یمو اَتھ مأدانس منٛز پٔنُن مقام پروومُت۔لوکچارٕ پیٹھے چھِ گیونکی تہٕ گیوٚن بوزنکی عأدی آسی مٔتی۔یہندی دوستاد چھ تھدِ پایک موسیقار پنڈت شمبو ناتھ سوپُوری آسی مٔتی۔یم چھ غزل،چھکر،بھجن تہٕ گیت تہِ گیوان۔مگر یہُند ظوٗن چھُ جادٕ پہن غزلس کُن،گھرٕ محفلن منٛز گیونہٕ پتہٕ وأتی ریڈیو کشمیر تہٕ دوٗردرشن تہِ۔ 1974ء منٛز کۆر ریڈیو کشمیرس منٛز آڈٹ پاس۔پتہٕ لوگ

یِمو باضابطہٕ ریڈیو کشمیرس پٮ۪ٹھ گوٚن۔ اَمہِ پتہٕ کوٚڑ یِمو کاڈ تہٕ سپدی مقبوٗل۔ تمہٕ پٮ۪ٹھے چھِ وُنستام دوٗردرشن تہٕ ریڈیو کشمیرس پٮ۪ٹھ بحیثیتِ کیجول آرٹسٹ کأم کران۔ گروٗپ سانگ تہٕ فیچرن منٛز تہِ لأجن کأم کرٕنی تہٕ وُنہِ تہِ چھِ کأم کران۔ وأدی تہٕ وأدی نِبر تہِ چھکھ سٹیج ڈرامہن منٛز کأم کٔرمٕژ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ یِم کلچرل اکادمی تہٕ انفارمیشن ڈیپارٹمنٹکین پروگرامن منٛز تہِ شرکت کران۔ یِمو چھِ، دہلی منٛز تہِ پننہِ فنٕک مُظاہرٕ کوٚرمُت۔ تہٕ کامیاب روٗدی متہٕ۔ یِم چھِ گِٹار تہٕ ہارمونیم جان پأٹھی وایِن زانان۔ مگر یِہُنٛد پسندیدٕ ساز چھُ گِٹارٕے۔ واریہن ٹی۔وی سیریلن منٛز چھکھ گلوکار سٕنٛز حیثیتِ کأم کٔرمٕژ۔ یِہُنٛد بن گوو متہٕن بأتن چھِ بہلہِ پایہِ موسیقار و میوزک دِیتمٕژ یِمن منٛز بھجن سوپوٗری، کلدیپ سپرو، کرشن لنگو تہٕ مرحوم اشرف قأبلِ ذِکر چھِ۔

یِہُنٛد مقبولِ عام بأتھ چھُ

ژُ یتہٕ !! رواتی کُنہِ وِزِ وأری ہلہٕ پأری لگے





# غلام رسول آخون

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | غلام رسول آخون |
| ولدیت | : | غلام حسن آخون |
| سکونت | : | گوڈ نرواراہ عید گاہ تہٕ پتہٕ<br>بابہٕ ڈیمنب کلاش پورہ سرینگر |
| تأریخ پیدائیش | : | 1/ مئی 1970ء |
| تألیم | : | ایم کام گولڈ میڈلسٹ کشمیر یونیورسٹی |
| پیشہٕ | : | ریڈیو کشمیرس منٛز (کمرشل براڈ کاسٹنگ سروس)<br>بحیثیتِ ڈیوٹی آفیسر 27 مئی 1991ء پیٹھ۔ |

فن تہٕ زندگی

غلام رسول آخون چھُ اکھ بہترین کمپوزر، سازندر، شأعر، براڈ کاسٹر تہٕ اکھ بہترین پرڈیوسر۔ نوجوان موسیقارن اندر چھُ آخون بے شکھ اکھ بہلہِ پایہِ موسیقار مانہٕ یوان۔ یمن چھ لوکچارٕ پیٹھے گیوٚن بوزنٕک تہٕ سازندر بنُنک شوق اوسمُت۔ معروف گلوکار غلام احمد صوفین چھُ آخون سیٹھاہ مُتأثر کوٚرمُت۔ اَمہِ علاوٕ چھ آخون تھدِ پایہِ کیو موسیقارو، نصراللہ خان صأبن تہٕ محمد اشرف صأبن پننوٕ کمپوزشنو ستی مُتأثر کوٚرمُت۔ ووٚنی گوٚو یمو چھ باضأبطہٕ پأٹھی پریم سنگیت نکیتن منٛز موسیقی ہنٛز تربیت حأصل کرمٕژ تہٕ یِہنٛد گوڈنیُک اُستاد چھُ اَمہِ ادارک چلاون وول جگر ناتھ شیو پوٗری

اوسمُت یُس پزٕ پاٹھی اکھ بہلہِ پایہِ اُستاد اوس فنہِ موسیقی ہُنٛد ۔ آخون صأبُن وٕنُن چھُ زِ کم کاسہِ تربیت چھِ مےٚ مُنیر احمد میر صأبس نشہِ تہٕ رٔٹمٕژ۔ سازو أندرٕ چھُ آخون ہارمونیم ،سنتھ سیزر تہٕ نوٚٹ وایان۔فنِ موسیقی ہنٛدی بُنیأدی لوأزمات چھِ پوٗرٕ پأٹھی زانان۔آخون صأبس نِش چھُ اکھ دستاویز معروف اُستاد احمد حسین تہٕ محمد حسین صأبن یتھ منٛز تمو لیوٗکھمُت چھُ زِ آخون صأبن کٔری أسی بحیثیتِ ریڈیو ریکارڈِسٹ تہٕ بحیثیتِ اکھ موسیقار سبٹھاہ مُتأثر۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یہُنٛد مُلاقات بہلہِ پایہِ فنکارن ستی سپدمُت ۔ یمن منٛز اُستاد محسن الدین خان جے پوٗری اُستاد شفایت حسین تہٕ اُستاد، بسم اللہ خان قأبلِ ذِکر چھِ۔

آخون صأبن چھِ کیٚنژن سرکأری تہٕ غأر-سرکأری پروگرامن منٛز بحیثیتِ میوزیشن کأم کٔرمٕژ۔ یوس تھٲکنہٕ لایق چھِ۔یمن چھُ ریاست نبر کان پور، دہلی تہٕ احمد آباد گژھنُک موقہٕ میوٗلمُت ییٚتہِ یمو موسیقی ہنٛدٕ ن پروگرامن منٛز شرکت کٔر تہٕ پننہِ فنُک مُظاہرٕ کوٗرُکھ پوٗرٕ پأٹھی۔ جموں و کشمیرس منٛز چھِ آخون صأب کلچرل اکیڈیمی ۔ریڈیو تہٕ دور دَرشنہٕ کیٚنن پروگرامن منٛز بحیثیتِ موسیقار تہٕ بحیثیتِ میوزیشن برابر حِصہٕ نوان۔ آخون چھُ ،سُر لَے تہٕ تال پوٗرٕ پأٹھی زانان ۔یِم چھِ تلفظس کُن خاص توجہ دِوان ۔ یِم چھِ ابروڈ کمپوزر تہٕ سازندر۔ اکھ جان میوزیشن تہٕ موسیقار آسنہٕ کِنی چھِ یمو لوکٕٹہِ پانٕے کیٚنہہ سَندٕ تہٕ ینامہِ تہٕ حأصل کٔری متی۔یمن بأتن آخون صأبن موسیقی چھِ دِژمٕژ تمن بأتن اندر چھِ

یارِ بے عارسون گُن تہِ یِیہ زِ ہے

یہ بأتھ چھُ مُنیر احمد میرن گوٗمت۔ تہٕ بیاکھ بأتھ چھُ آخون صأبن پانے لیوٗکھمُت یُس سبٹھاہ مقبوٗل گوٚو تہٕ اَتھ بأتس چھِن موسیقی تہِ پانے دِژٕمژ۔ بأتھ چھُ۔

''پوٚت نظر کیازِ دِژتھ دوٗپ مس کھورن بہٕ نمبہٕ ہے''

ریڈیو کشمیر چہِ کمرشل براڈ کاسٹنگ سروس پیٹھ گرٕی آخون صأبن کینٛہہ جان پروگرام پیش، یِمن منٛز ''ترٛک ہے چھُکھ تہٕ پانے ژٕہن'' ''گیت گاتا چل'' ''ہیمر زول'' تہٕ گلوکارن ہنٛز فن تہٕ زندگی متعلق مختلف فیچر پروگرام تہِ۔

أخرس پیٹھ ونہٕ بہٕ یہِ زِ غلام رسول آخون چھُ ووتھ وُن موسیقار تہٕ میوزِشن، اندازٕ چھُ یِم پکٕن سبٹھاہ بروٛنٛہہ فنِ موسیقی ہنٛدِس مأدانس منٛز۔



# محمد رمضان لنگو۔ طبلہٕ نواز



ناو : محمد رمضان لنگو

ولدیت : غلام قادر لنگو

سکونت : شہید گنج سرینگر

تألیم : مڈل

تأریخ پیدأیش : 1958ء

مُلازمت : ریڈیو کشمیر سرینگر

ملازمت اختیار کرنٕک ؤری: 28 جُلاے 1992ء بحیثیتِ طبلہ نواز

فن تہٕ زندگی

محمد رمضان لنگو چھُ اکھ بہترین طبلہٕ نواز ۔ یہٕ چھُ اکھ پیشہٕ ورانہٕ فنکار۔ یِم چھِ گۄڈٕ تہٕ زانان، اماپوٚز مقبول عام چھِ یِم بحیثیتِ طبلہٕ نواز۔ یِمو چھُ پننِس مألِس غلام قادر لنگو صأبس نِش واریاہ کینٛہہ حأصل کوٚرمُت ۔ یِہنٛد مول غلام قادر لنگو چھُ کٔشیرِ ہِنٛد بہلہِ پایہِ گلوکار تہٕ تان پور نواز۔ یِہنٛدِ طبلُک گوڈنیُک اُستاد چھُ محبوب حسین خان یُس دھرادونٕک روزن وول اوس۔ تہٕ ریڈیو کشمیرس منٛز اوس بحیثیت طبلہٕ نواز کأم کران۔ اَمہِ پتہٕ اوس یِہنٛد اُستاد عباس خان یُس میرٹھ اوس روزان تہٕ ریڈیو کشمیرس منٛز اوس بحیثیتِ طبلہٕ نواز کأم کران۔ غرض یِمن دوشوٕنی فنکارن نِش چھُ محمد رمضان لنگون باضأبطہٕ پأٹھی طبلہٕ وایُن ہیوٚچھمُت۔

گوڑ گوڑ کر رمضان صابن کینژن ڈرامہ ٹک کلبن منز تھٕکنۍ لایق کأم۔ یم کلب چھ یوتھ کلچرل آرگنائزیشن سرینگر، نورنگ ڈرامہ ٹک کلب سرینگر، اَمہِ علاوٕ کریمو سانگ اینڈ ڈرامہ ڈویژن نس منز تہِ کینژس کالس کیچول آرٹسٹ طبلہٕ نواز کأم۔ ریڈیو کشمیرس منز أژتھ گۄلنگو صأب تہِ مقبول تہٕ کرٕن اَتہِ جان پأٹھۍ کأم تہٕ وُنۍ کینس تہِ چھُ کران۔ ریڈیو کشمیر علاوٕ چھُ لنگو صأب کلچرل اکاڈمی، دوٗردرشن تہٕ انفارمیشن پروگرامن منز تہِ بحیثیتِ طبلہٕ نواز کأم کران۔ یم چھِ طبلہٕ علاوٕ تمنبک نأرتہٕ نوٚٹ تہِ وایُن زانان۔ یمو چھِ کٲشرِ ہندٕ بن ترٕ شوٚنۍ خطن منز پننہٕ فنچ چھاپ ترأوٕمٕژ۔ یمن چھُ کٲشرِ نِبر تہِ پننہٕ فنٕک مظاہر کرنٕک موقہٕ میوٗلمُت۔ یمن منز کانگڑا، راجستھان، چندی گڈھ، ہریانہ، الہ آباد، لکھنو، دربنگا، بمبئی قأبلِ ذکر چھِ۔ گوٗنس منز چھِ یمو کینٛہہ شاگرد تہِ تیار کری مژ یمن منز بیگم جان، فرخدہ جلال، سرور جان تہٕ پروین جان قأبلِ ذکر چھِ۔





# آرتی تکو

ناو : آرتی تِکو

خانہٕ دار سُند ناو : اَروند کول
(یُس میکنکل انجینیٔر چھُ)

سکونت : گوڈٕ جواہر نگر سرینگر پتہٕ
بوستان ۔ یو ۔ ایس ۔ اے

تاٗلیم : ایم ۔ اے میوزک چندی گڈھ پنجاب

فن تہٕ زندگی

آرتی تکو چھےٚ کٲشِر ہنٛز وتمو زنانہٕ گلوکار ومنٛز اَکھ یمو موسیقی ہنٛدِس مأدانس منٛز تھٔکنٛی لایق کاٗم کٔر ۔ آرتی ہُند گوڈنیک اُستاد چھُ ٹی کے جلالی تہٕ پتہٕ چھ أمی باضأبطہٕ پأٹھی فن موسیقی منٛز چنڈی گڈھ پنجاب یونیورسٹی پیٹھ ایم اے میوزچ ڈگری حاٗصل کٔرمٕژ ۔ یمنٛز آواز چھِ میٹھ، پُر اثر تہٕ دِلکش ۔ مکمل پأٹھی تربیت حاٗصل کرنہٕ پتہٕ لوگ آرتی تکون ریڈیو کشمیر تہٕ دوٗردرشنہٕ پیٹھٕ گیوٚن ۔ یہ کتھ چھ صاف تہٕ ٹاکارٕ زِ ریڈیو کشمیر پیٹھ آڈِیشن پاس کرنہٕ پتے کوٚڈ آرتی موسیقی ہٕندس مأدانس منٛز پوٗرٕ کاڈ ۔ یمن آو سرکاٗری کیو غاٗر سرکاٗری ادارن ہٕندِ طرفہٕ ریاستہٕ نبر تہٕ مُلکہٕ نبر گرٕھنگ موقہٕ ییٚتہِ اَمہِ پننہِ فنُک مُظاہرٕ سبٹھاہ رٕتی پأٹھی کوٚر ۔ ریاستی کلچرل اکاڈمی ہٕندِ طرفہٕ ییم منٛزی منٛزی کلچرل ٹرٛوپ ریاستہٕ طرفہٕ مُلکس تہٕ مُلکہٕ نبر سوزنہٕ

آیہِ تِمن آرٹسٹن منز اُس آرتی تکو تہِ۔

آرتی تکو چھ بُنیأدی طور غزل گیوان۔ اماپوٚز ریڈیو کشمیر کین مختلف پروگرامن منز چھہِ اَمہِ کورسن، فیچرن، تہٕ فوک میوزکس منز تہِ کینژن بأتن پیش اندأزی کرمژ۔

آرتی چھےٚ مختلف مُلکن ہُند دورٕ کوٚرمُت بحیثیتِ گلوکار یمن منز خاص پأٹھی وہنہِ زولا، سوتھ امریکہ، ویسٹ انڈیز تہٕ یو۔ ایس۔ اے قأبلِ ذکر چھہِ۔ آرتی ہٕندی چھ وُنیک تام بازرس منز وارِیاہ البم آمتی یِم لُکو سبٹھاہ پسند کری۔ یِمن منز خاص پأٹھی ”للہٕ واکھ“ قأبلِ داد چھہِ۔

آرتی یِمن کمپوزرن تحت کأم کرمژ چھہِ تِمن منز چھہِ پنڈت بھجن سوپوٚری، نصراللہ خان، ٹی۔ کے۔ جلالی تہٕ محمد اشرف تہٕ غلام نبی شیخ خاص پأٹھی قأبلِ ذِکر۔ آرتی چھہِ کأشرِ علاوٕ اُردوہس تہٕ دوٚیمن کینژن زبأنن منز تہِ گیوان۔ پانہٕ چھہِ آرتی ہرمونیم تہٕ زانان وایُن۔ آرتی چھےٚ کینژن ٹی۔ وی سیریلن ہٕندِ خأطرٕ ٹایٹل سانگو خأطرٕ تہِ گیومُت۔

بہرحال آرتی متعلق ہکو یہِ وَنتھ زِ یہِ چھہِ فنِ موسیقی ہٕندِ مأدانٕچ اَکھ باگہِ برژتہٕ بہلہِ پایہِ ہستی۔ سُر، لَے تہٕ تال چھہِ پورٕ پأٹھی زانان۔ یِمن چھہِ مختلف سرکأری کیو نیم سرکأری ادارن ہٕندِ طرفہٕ ینامہٕ تہٕ سَنٛدِ میچہِ مژٕ۔ آرتی چھےٚ عام پأٹھی صوٗفی شأعرن ہُند تہٕ خاص پأٹھی نوبن شأعرن ہُند کلامہٕ گیوان۔ یِمن چھےٚ وُنہِ فنِ موسیقی ہٕندِس مأدانس منز وارِیاہ کینٛہہ کرُن۔ صفِ اولہٕ کین زنانہٕ گلوکارن منز شمار آرتی چھےٚ وُنی کیبس یو۔

ایس ۔ اے یس منز بسان ۔

یہندی اکثر بأتھ یم اَمہِ ریڈیو کشمیر پیٹھٕ گیوٚی گیہِ سبٹھاہ مقبول یمن منزیم کینٛہہ بأتھ تہِ شأمِل چھِ ۔

۱۔ واہ واہ یہِ پوشے وأرسأنی

۲۔ بأڑی یے حبس تے ہوش ہے رووُم (کلامِ مہجور)

۳۔ ہنہِ ہنہِ گوٚنڈنم تنہِ نار مدنو





# سونینا کول

ناو : سونینا کول

ولدیت : نرنجن ناتھ ڈھگ

سکونت : گوڑ رائنی وارِ شہر۔

وُنی کنِن تالاب تلو گول گوجرال جموں

تأریخ پیدائیش : 12 دسمبر 1953ء

تألیم : بی ۔اے کشمیر یونیورسٹی تہٕ ایم اے میوزک چندی گڑھ پنجاب یونیورسٹی ۔ایم میوز پریاگ سنگیت سمتی آلہ آباد

ملازمت : میوزک اینڈ فائن آرٹس جموں بحیثیتِ پروفیسر

ملازمت اختیار کرنٕک وُری : 1977ء

فن تہٕ زندگی

سونینا کول چھِ زنانہٕ گلوکار منز پنٕن اکھ الگ تہٕ منفرد مقام تھاوان۔ فنِ موسیقی منز چھُ یہُند ناو بہلہٕ پایہٕ گیون وأجنین منز گنزراونہٕ یوان۔ یم سپدی فنِ موسیقی ہندِس مأدانس منز بحیثیتِ اُستادتہٕ بحیثیتِ فنکار سیٹھاہ مقبول۔ کلاسیکل تہٕ نیم کلاسیکل علاوٕ چھِ سونینا جی فوک میوزکس منز تہٕ

ونیُگ تام جان کار کردگی ہاوِمژ۔ سونینا جی ہِنز آواز چھۓ بے شک میٹھ مۄدر تہٕ دِلکش۔ یِمن اوس لوکٕہ پانے گیوٗنک شوق اماپوٗز تمہِ وِزِ کوٚڈ اَمہِ پوٚرٕ پاٹھی کاڈ ییلہِ اَمہِ ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوٗن ہیوٚت۔ لۄکن منز سپُز سونینا جی سبٹھاہ مقبول۔ یوٚدوے اَمہِ باضابطہٕ طورفنِ موسیقی ہِنز تربیت مختلف فنی ادارو ڈٔسی حاصل کٔر، تاہم چھۓ سونینا جی پنُن گوڈنیک اُستاد شمبو ناتھ سوپوٚری صابس مانان یُس اکھ بہلہِ پایہِ موسیقی ہُند اُستاد چھُ۔

سونینا جی چھُ ریڈیو کشمیر پیٹھ 1972 ہٕ منز آڈِیشن پاس کوٚرمُت تہٕ اَمی وِزِ میوٗل یِمن بی ہائی گریڈ۔ یِم چھۓ ہارمونیم تہٕ تان پوررِتی پاٹھی وایِن زانان۔ ریڈیو کشمیر علاوٕ چھۓ سونینا جی ریڈیو جیمہِ پیٹھ تہٕ گیوان۔ غزلہِ علاوٕ چھُ یِمو عید، شِوراتری، یومِ جمہوریہ، یوم آزادی تہٕ دۄیمِن خاص دوہن پیٹھ تہٕ فیچرن تہٕ گروٗپ سانگن منز حصہٕ نیوٚمُت۔ سونینا جی چھُ دوٗر درشن، ریڈیو، کلچرل اکاڈمی تہٕ محکمہ اطلاعات کِہن مختلف پروگرامن منز تہٕ حِصہٕ نیومُت۔ اَمہِ علاوٕ چھُ سونینا جی کلچرل ٹروٗپن ستی تہٕ ریاستہٕ نٮ۪بر گژھتھ پننہِ فنُک مُظاہرٕ کوٚرمُت۔ ہندوستان کِہن واریاہن شہرن یِمن منز دہلی، جوٚم تہٕ شامل چھُ چھکھ پنُن اکھ خاص مقام بنوومُت۔ سونینا جی چھۓ پنڈت بھجن سوپوٚری، نصراللہ خان صابنہِ موسیقی منز تہٕ واریاہ بأتھ گیوٚمتی یِم سبٹھاہ مقبول سپدی، یہندو مقبولِ عام بأتو منز چھۓ یِم زٕ بأتھ ژٕتس تھاوِنی لایق۔

بیٚہتم ژٕ ساعتھاہ غنیمت چھُ ملاقات

(تنہا انصاری)

دِل ہتھ رٕو دکتھ شایے　　لول آم یٔوری ییہِ ناویے

(محمود گامی)

سونیٖنا جی ہُنٛد خاندر سپُد 1979ء منٛز ڈاکٹر کلدیپ کمار کولس سٟتؠ

یُس مأہرِ امراضِ نفسیات چھُ۔



# محمد اشرف



ناو : محمد اشرف

سکونت : بربرشاہ سرینگر

تأریخ پیدأیش : مارچ 1944ء

تألیم : میٹرک

تأریخ وفات : 15 ستمبر 1997ء

ملازم : گوڈ ٹرانسپورٹس منز پتہٕ ریڈیو کشمیرس منز بحیثیتِ موسیقار (کمپوزر)

## فن تہٕ زندگی

محمد اشرف اوس اکھ بہلہِ پایہِ موسیقار کھیلن تہٕ موسیقی ہِتی آسکھ سٮ۪ٹھاہ دلچسپی۔ یِمو گر گوڈ ٹرانسپورٹس منز کأم۔ اماپوٚز یِم رٕوٚدی عام پأٹھی اَتھ محکمس منز فٹ بال کھلأڑی ہِندِ حیثیتہٕ اہم کردار نبھاوان۔ خاص پأٹھی أسی محمد اشرف فاروأڈ کھلأڑی ہِندِ حیثیتہٕ کردار نبھاوان۔ یِمو گر ریاستس تہٕ ریاستہٕ نٮ۪بر مقبولیتھ حأصل بحیثیتِ کھلأڑی دوٚیمہِ طرفہٕ أسی محمد اشرف صأبن فنِ موسیقأری منز تہِ بروٗنہہ پکان۔ تہٕ یہِ بنیو کھ مکمل پیشہٕ۔ یِمن أس گوٚڈنہ بوزنس تہٕ موسیقأری ہِتی لوکچارٕ پانے دلچسپی۔ گلوکأری بجاے دِژ اشرف صأبن موسیقأری کُن زیادٕ دلچسپی۔ یِہند گوڈنیگ اُستاد اوس کٔشیرِ ہُند معروف سِتار نواز پنڈت شمبھو ناتھ سوپوری تہٕ یِہند دوٚیم اُستاد

اوس پنڈت بھجن سوپوری ۔ یم دوشوے چھِ کُشیر ہندی معروف اُستاد ۔ محمد اشرف اوس ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗر درشن تہٕ باقی کلچرل ادارن ہندِ خاطرٕ تہٕ مختلف فیچرن، گروٗپ سانگن، غزلن تہٕ باقی فنِ موسیقی ہندبن شوبن منز حِصہٕ نوان ۔ عید فیچرن، بہاریہ فیچرن تہٕ یومِ آزادی تہٕ یوم جمہوریہ فیچرن تہِ اُسی میوزک دِوان ۔ یمو چھِ واریاہن گلوکارن ہندبن گیوٕمتین باتن موسیقی دِژمٕژ ۔ یمن گلوکارن منز چھِ مرحوم غلام نبی شیخ، وجے کمار ملا، جمیلہ خان تہِ شامل ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یمو غلام حسن صوٗفی ہندِس گیوٕمتس یتھ نعتس تہِ ماری منز موسیقی دِژمٕژ

چھم عشقہٕ نارن گری متی جگرس کباب اے نازنین

یہندبن مقبولِ عام باتن منز چھُ یہِ باتھ شامل یُس وجے کمار ملاہن گیوومُت چھُ

زندٕ روزن باپتھ چھی مران لُکھ اُف تہٕ کرکھ نا (رحمان راہی)

محمد اشرف چھُ تمو فنکارو منز اکھ یمو ملکس تہٕ مُلکہٕ نبر تہٕ پننہٕ فنک مُظاہرٕ چھُ کوٚرمُت ۔ فنِ موسیقی ہندی بنیاٰدی اصول سُر، لَے تہٕ تال اُسی پورٕ پاٹھی زانان ۔

محمد اشرف سپدی تمہٕ وِزِ اچانک رحمتِ حق ییلہِ تم پننی فرائض انجام اُسی دِوان ریڈیو کشمیرکس آڈِٹوریمس منز ۔ فنِ موسیقی ہندِس ماٰدانس منز روزِ اشرف صاٰبن ناو ہمیشہٕ زندٕ ۔

☆☆☆



# شوکت احمد سنطورنواز

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | شوکت احمد حکیم |
| ولدیت | : | عبدالعزیز حکیم |
| سکونت | : | گوڈ خانیار محلہ عقل میر سرینگر<br>حال ہمدانیہ کالونی بمنہ سیکٹر 5 |
| تأریخ پیدأیش | : | 9 جون 1959ء |
| ملازمت | : | ریڈیو کشمیر بحیثیت سنطورنواز |
| ملازمت ؤری | : | جولائی 1989ء |
| تألیم | : | پی۔ یو۔ سی |

202

فن تہٕ زندگی

شوکت احمد چھُ اکھ بہلہِ پایہٕ سنطورنواز ، یموٚ چھِ سنطورٕچ تربیت کلچرل اکاڈمی ہٕندِس صوفیانہٕ کلاسس منٛز حأصل کرمٕژ۔ یِمَن تہٕ معروف صوفیانہٕ موسیقی ہٕندی اُستاد غلام محمد قالین باف صأبن ، کمال بٹ ، غلام قادر ، ساز واہنٕ ہٕنٛچھناوان اُسی۔ اَمہِ علاوٕ چھ یموٚ پریم سنگیت نکیتن منٛز تہٕ تربیت حأصل کرمٕژ ، یِمَن تہٕ پنڈت جگر ناتھ شیو پوری بحیثیتِ ماسٹر کأم کران اوس۔ اَمہِ علاوٕ چھِ شوکت صأبن پنڈت بھجن سوپورس تہٕ معروف موسیقی کار نصراللہ خان صأبس نِش تہٕ فنِ موسیقی تہٕ سنطورٕچ زان پرأومٕژ۔ یِم ساری اُستاد اُسی کٔشیرِ ہٕندی بہلہِ پایہٕ اُستاد مانہٕ یِوان۔ مرحوم غلام احمد کلو صأبس نِش تہٕ چھِ شوکت صأبن تربیت پرأومٕژ۔ یِم

چھِ صوٗفیانہٕ موسیقی تہٕ زانان تہٕ سنطور تہٕ۔ یِلہِ زَن یم ازکل ریڈیو کشمیرس منز بحیثیتِ سنطور نواز کأم چھِ کران۔ یہُند کلاس چھُ بی ہائی، ریڈیو کشمیرس منز۔ یم چھِ لایٹ میوزک واین والین ستی سنگت کران، یمو چھِ ریڈیو کشمیر کین فیچرن، گروٗپ سانگن، منز تہٕ بحیثیتِ سنطور نواز کأم کرٕمژ تہٕ ڈُنی کبس تھیکنہٕ لایق کأم کران۔ دوٗردرشن پروگرامن منز تہٕ چھِ کأم کران تہٕ کیٛژن سیریلن تہٕ چھُکھ میوزک دِیتمُت۔ یم چھِ ریڈیوٕ علاوٕ دوٗردرشن، کلچرل اکاڈمی، انفارمیشن کین پروگرامن منز تہٕ شرکت کران۔ اَمہِ علاوٕ چھ آئی سی سی کہِ ذریعہِ تہٕ پروگرام دِوان۔ یمن چھ ہندوستانہٕ نبر تہٕ پنٕنہٕ فنُک مُظاہرٕ کرنُک موقہٕ میوٗلمُت، یمن منز روٗس، ساوتھ امریکہ، سنگاپور، ہالینڈ تہٕ جرمنی قابلِ ذِکر چھِ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یمن ہندوستانس منز دہلی، بمبئی تہٕ چنڈی گڈھ گوٚھنُک تہٕ موقہٕ دِنہٕ آمُت۔ شوکت چھُ کشیرِ ہِندِ بِن بہلہِ پایہِ سازندرن منز گنزراونہٕ یوان۔ یم چھِ آکسٹرا میوٗزک تہٕ زانان۔





# راہی آغا

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | راہی آغا |
| وٕلدیت | : | مرحوم غلام احمد بٹ |
| سکونت | : | حیدر پورہ بائے پاس<br>(نزدیک ابراہیم مسجد) سرینگر |
| تأریخ پیدائش | : | 21 نومبر 1966ء |
| تألیم | : | ایم اے اُردو کشمیر یونیورسٹی |
| پیشہٕ | : | ملازم اسسٹنٹ ایڈمنسٹریٹو آفیسر ایل آئی سی H.G.A |

<u>فن تہٕ زندگی</u>

فنِ موسیقی ہندِس مأدانس منز یم فنکار 1980ء پتہٕ بروٛنہہ گٔن آیہٕ، تِمن منز چھِ اکھ معروف گلوکارہ راہی آغا۔ یہنز آواز چھِ سبٹھاہ میٹھ تہٕ اثردار۔ راہی آغاسُند وَنُن چھُ زِ یمن چھُ بچپنہٕ پیٹھے گیوٚنک تہٕ گیوٚن بوزنُک شوق اوسمُت۔ فنِ موسیقی ہندِس مأدانس منز کوٚر اَمہِ تمہِ وِزِپٕرِ پأٹھی کاڈ ییٚلہِ اَمہِ ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوٚن ہیوٚت۔ 1985ء منز کوٚر اَمہِ ریڈیو آڈِیشن پاس تہٕ یمن میوٚل بی، ہائی گریڈ۔ یہُند گوڈنیُک اُستاد چھُ کٲشِرِ ہُند بہلہِ پایہِ سنطور، ستار نواز تہٕ موسیقار بھجن سوپوٚری۔ بھجن جی چھُ ہدایت کار تہٕ۔ اَمہِ علاوٕ گر راہی آغا کینہہ تربیت کرشن لنگو، صأبس نِش تہٕ حأصل۔ راہی آغا چھِ ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗر درشن تہٕ کلچرل اکاڈمی

ہندِ بن پروگرامن منز تہٕ حصہٕ نوان۔ راہی آغا چھیٚنہٕ کانٛہہ پیشہٕ ور گیوٗن
واجیٚنۍ تہٕ کیاز زِ یہند مول چھُ اَکھ تاجِر اوسمُت۔

راہی آغا سنٛد خاندر چھُ ریڈیو کشمیر کِس بہلہٕ پایہٕ انونسرۍ تہٕ براڈ
کاسٹر اشفاق لون صابس سۭتۍ سپدمُت۔ راہی آغا چھِ ریڈیو کشمیرس منز
بحیثیتِ کیجول انونسر کُنہِ کُنہِ ساعتہٕ کاٗم کران۔

فنِ موسیقی ہنٛدۍ بنیاٗدی لوازمات سُر، لَے تہٕ تال چھِ راہی آغا پوٗرٕ
پاٹھۍ زانان۔ غزل چھِ یِم عام پاٹھۍ گیوان تہٕ اَمہِ علاوٕ چھِ ریڈیو کشمیرس
منز وِزِ وِزِ مختلف قسمہٕ کِہن فیچرن منز تہٕ تھیٚکنہٕ لایق کاٗم کران تہٕ کٔرمٕژ تہٕ
چھِن۔ راہی چھِ تتھ فیچرس منز تہٕ کاٗم کٔرمٕژ یتھ آکاش وانی ہُنٛد سالانہٕ
ایوارڈ تہٕ میوٗلمُت اوس تہٕ اَتھ اوس ناو"وہ ایک سچ تھا" اَمہِ علاوٕ چھ اَمہِ
"اپنا اُتسوس" منز تہٕ بہترین کاٗم کٔرمٕژ۔ دِلہِ ہنٛدِس پرگتی مٲدانس منز
منعقد سپدن وٲلِس پروگرامس منز کٔر یِمو سبٹھاہ رٕژ کاٗم۔ یِمن چھُ ویسٹ
انڈیزس منز تہٕ پننہِ فنُک مُظاہرٕ کرنُک موقعہٕ میوٗلمُت۔ اَمہِ علاوٕ چھِ راہی
آغا دہلی، کریلہ تہٕ جوٗم تہٕ گٲمژ۔ یتہٕ اَمہِ پننہِ فنُک مُظاہِر جان پاٹھۍ کوٚر۔
یِمن سارِنٕے پروگرامن ہُنٛد سنٛز اوس کلچرل اکاڈمی کوٚرمُت۔ راہی چھِ
کیٚنٛہہ ینامہٕ تہٕ سندٕ تہٕ مختلف اداروٕ طرفہٕ میلیٚمتۍ۔

فن موسیقی ہنٛدِس مٲدانس منز ہیٚکہِ راہی آغا واریاہ برونٛہہ پکِتھ۔
یہندِ بن گیوٚمتین مقبول عام باتن منز چھِ یِم بأتھ قابلِ ذِکر

جاوِداٗنی چھُ چانہِ ناو لِکھان مٔژ جواٗنی چھُ چانہِ ناوٕ لِکھان



# ارچنا جلالی

ناو : ارچنا جلالی

مالِس سُند ناو : ٹی۔ کے۔جلالی

روزن جاے : گوڈ راول پور سرینگر

تہٕ از جانی پور جوٚمہِ

تالیم : ایم۔اے میوزک پنجاب یونیورسٹی چندی گڈھ

زبنہٕ دوہ : 3/اگست 1973ء

## فن تہٕ زندگی

یہِ کتھ چھےٚ عام لگھ زانان زِ زوٗن بیگم ،راجہ بیگم تہٕ نسیم اختر پتہٕ آو زنانہٕ گیوٗن واجین ہُنٛد واریاہ تیداد بروٚنہہ کُن یِمن منٛز ارچنا جلالی تہِ اکھ چھ۔ یہِ چھےٚ فوک میوزک علاوٕ کلاسیکل تہٕ نیم کلاسیکل گیوٗن زانان۔ یِمن چھ غزل گیوٚنک پنُن خاص انداز۔ کاشرس ستی ستی چھےٚ اُردو غزل تہٕ گیوان۔ لوٚکن منٛز سپدی یم تمہِ وِزِ مقبوٗل ییلہِ یمو ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوٗن شوٗرو کوٚر۔ یہنٛز تاثیر برتھ آواز آیہِ سبٹھاہ پسند کرنہٕ۔ سُر، لے تہٕ تال چھ یہنٛدِ گیوٚنک گہنہٕ۔ بالہٕ پانے گیوٗن شوٗروٗ کرتھ کوٚر یمو اتھ مادانس منٛز ناو پادٕ۔ کشیرِ ہندو مقبوٗل زنانہٕ گلوکارو منٛز چھےٚ یم معروٗف تہٕ مشہور گلوکار زنانہٕ یوان۔ یم چھےٚ ہرمونیم زانان واین ووٚنی چھےٚ یم پنجابی گوٚجری سنسکرت تہٕ ڈوگری زبانن منٛز تہٕ گیوتھ ہیکان۔ یم چھےٚ ریڈیو

،دوٗر درشن محکمہ اطلاعات تہٕ کلچرل اکادمی ہٕندٕ بن پروگرامن منز شرکت کران۔ ملکس تہٕ مُلکس نبر آیہِ یہندی پروگرام پسند کرنہٕ۔ ریاستی کلچرل اکادمی ہٕندٕ بن کلچرل ٹرۄپن ستی چھِ یمو واریاہ پروگرام کٔری متی۔ ریڈیو کشمیرس تہٕ ریڈیو جۄمس منز چھِ یمو عید فیچرن شوراتری فیچرن، یوم جمہوریہ تہٕ یوم آزادی ہٕندٕ بن باقٕے فیچرن منز تھٕکنٕے لایق کام کٔرمٕژ۔

وبتھ روز پکان خاطرٕ تہٕ چھ یمو ٹائیٹل سانگ گیوٗمت۔ اَمہِ علاوٕ چھِ ارچنا جی واریہن ٹی، وی سریلن منز ٹائیٹل سانگ تہٕ گیوٕ متی کشیرِ فائل سیریزٗ'' خاطرٕ چھ یمو واریاہ بأتھ گیوٕ متی۔ کینٛہہ البم تہٕ چھِ یہندی بازرس منز آمتی۔ ملازمتس دوران چھِ یمو سانگ اینڈ ڈرامہ ڈویژنس منز تھٕکنٕے لایق کام کٔرمٕژ۔ اماپۄز فقط اَکس وٕریس سانگ اینڈ ڈرامہ ڈویژنس منز کام کرنہٕ پتہٕ ترأو یمو نوکری۔ یہِ یہُند خاندر سپُد بۄنیش تکوس ستی۔ یم چھِ کینڈاہس منز انجینئر۔ یہُند وستاد اوس ٹی۔ کے جلالی یم ناماوار موسیقار چھِ۔ ارچنا جی چھِ واریاہ ینامہٕ حاصل کٔری متی۔ یہُند مقبوٗل عام بأتھ چھِ۔

میے کٔری ژٕے کتی پوشہِ دوسوانے

چھاو میأنی دانے پوش

یُس کلامہِ حبہ خاتون چھُ۔

☆☆☆



# عبدالمجید شاہ۔ رباب نواز

ناو : عبدالمجید شاہ

ولدیت : عبدالکبیر شاہ

سکونت : گوڑ آرِ بل ڈۄر شاہ آباد

تہٕ موجوٗدٕ سکونت سانگرٕن قاضی گنڈ ڈۄراننت ناگ

تأریخ پیدأیش : 7/اگست 1960ء

تألیم : پرائمری پاس

ملازمت اختیار کرنٕک وٕری: جون 1989ء یم چھِ کلچرل اکاڈمی منٛز رباب نواز۔

فن تہٕ زندگی

عبدالمجید شاہ چھُ اکھ معروف رباب نواز تہٕ چھکرِ ہُند فنکار۔ یہُند اُستاد چھُ سرکردٕ رباب نواز محمد اکبر شاہ، اکبر شاہ چھُ پننہِ وقتٕک بہلہِ پایہِ فنکار اوسمُت۔ یِیلہِ زَن عبدالمجید شاہ بچپن پیٹھے ربابس تہٕ گیوٚنس سٟتۍ دلچسپی چھُ اوسمُت تھاوان۔ أمۍ چھُ رباب ہیٚچھنس سٟتۍ سٟتۍ گیوٚن تہِ ہیوٚچھمُت تہٕ چھِ کُنہِ کُنہِ پانہٕ تہِ پیش اندأزی کران۔ یم چھِ غلام حسن میر صأبس واریاہ کالہٕ پیٹھ بحیثیتِ دہرِ بأج رٕوٗدی متۍ۔ غلام حسن میر چھ وادی ہُندا اکھ سرکردٕ لُکہٕ گلوکار۔ مجید صأب رٕوٗد واریاہ کالہٕ پیٹھ غلام حسن میرس سٟتۍ ریڈیو تہٕ دوٗردرشن پیٹھ گیوان۔ ووٚنۍ گوٚو مجید صأبن کوٚڈ تمہِ وِزِ ہنا زیادے کاڈ یِیلہِ یہِ ریاستی کلچرل اکاڈمی منٛز بحیثیتِ رباب نواز

ملازم لۆگ۔ مجید چھُ رباب علاوٕ سارنگ، نوٗٹ تہٕ شہنائی تہٕ زانان ووٚنی گوٚ و یہُنٛد من پسند ساز چھُ رباب۔ یموٚ چھِ کشمیر بھگت تھیٹرس ستی تہٕ کأم کٔرمٕژ۔ یِم چھِ ریڈیو کشمیر تہٕ دوٗر درشن پیٹھ انفرأدی طور بحیثیت رباب نواز پاس گأمتی۔ فن موسیقی ہنٛدِس مأدانس منٛز چھِ مجید صأبن تھٔکنٕی لایق کأم کرمٕژ۔ مجید چھُ وادی اندر تہٕ وادی نیبر کلچرل اکاڈمی ہنٛدِ بن پروگرامن منٛز تہٕ بحیثیتِ رباب نواز کأم کران۔ کلچرل اکاڈمی ہندِ بن کلچرل ٹرٛوپن تہٕ باقٕے ثقافتی ادارن ہنٛدِ ذٔریعہ چھُ مجیدن وٕنیُک تام۔ بمبئی، بنگلور، دہلی، اورنگ آباد، ناسک، احمد آباد، جموٚں، چنڈی گڈھ، راجستھان شہرن ہُنٛد دورٕ کوٚرمُت اَمہِ علاوٕ چھُ مجیدن افریقہ، ہانگ کانگ، چین، دُبے، جرمنی، بنگلہ دیش ہِو بن غیر ملکی شہرن منٛز تہٕ پننہٕ فنُک مُظاہرٕ کٔرتھ آمت۔ تہٕ أمِس آوٕ مُلکہٕ نیبر تہٕ مُلکہٕ اندر سٕبٹھاہ داد دِنہٕ۔

مجید چھُ انفرأدی طور ریڈیو دوٗر درشن کٮ۪ن پروگرامن منٛز بحیثیتِ کیجوٗل رباب نواز حِصہٕ نوان۔ یموٚ چھِ واریاہن فیچرن، کورسن تہٕ غزلن منٛز تہٕ بحیثیتِ رباب نواز شرکت کٔرمٕژ تہٕ وُنہِ تہٕ چھِ کران۔

یہِ چھُ اکھ بہترین رباب نواز یموٚ چھِ سٹیج پروگرامن منٛز تہٕ شرکت کٔرمٕژ۔ تہٕ یہِ کوٚشش چھِ بدستور جأری۔

فنِ موسیقی ہنٛدِس مأدانس منٛز چھِ وٕنیُک تام مجید صأبن تھٔکنٕی لایق کأم کٔرمٕژ۔ تہٕ چھُکھ وُنہِ واریاہ کینٛہہ کرنُک شوق۔ یِم چھِ بہلہِ پایہٕ فنکارن منٛز شمار کرنہٕ یوان۔



# دیپالی واتل

ناو : دیپالی واتل

ولدیت : مکھن لعل واتل

سکونت : گوڈ زانہٕ دار محلہٕ ٹنکی پور سرینگر

، وُنی کبس تالاب تلو جیمہِ

تارٕیخ پیدائیش : جلے 1972ء

تالیم : بی ایڈ جموں یونیورسٹی، ایم اے میوزک، پنجاب

یونیورسٹی چندی گڈھ تہٕ اَمہِ پتہٕ ایم اے میوزک

پراچین کلا کیندر چندی گڈھ۔

پیشہِ : لیکچرار میوزک اینڈ فائن آرٹس کلچرل اکیڈمی جموں

فن تہٕ زندگی

دیپالی واتل چھ اکھ میٹھ تہٕ مٕدر آواز تھاون واجینٛز گلوکارہ، یمن چھُ لوکٕتہِ پانے گیوٚنک شوق اوسمت۔ یہِ چھےٚ فن موسیقی ہٕندِ مادانٛچ اکھ پُر اثر آواز۔ فن موسیقی ہٕندِس مادانس منٛز کر دیپالی جی دٔستی مقبولیت حاصل۔ 1993ء منٛز کوٚر اَمہِ آڈِیشن پاس تہٕ لوگُن آل انڈیا ریڈیو کیو مختلف سٹیشنو پیٹھ پنٛنہِ فنک اظہار کرُن۔ یم چھِ غزل ترانہٕ تہٕ لُکہٕ باتھ گیوٚنس منٛز سبٕتھاہ مہارت تھاوان۔ دیپالی جی ہنٛز اکھ خاص خصوصیت چھےٚ یہِ زِ یم چھِ کاشُر

علاوٕ ، ڈوگری ، اُردو، لداخی ، پہاڑی ، ہماچلی تہٕ گوجری تہٕ گیوان۔ یِم چھِ خاص پأٹھۍ ریڈیو کشمیر سرینگر تہٕ ریڈیو جیمہِ پیٹھ گیوان۔ عام لُکھ چھ دیپالی جی ہُند گیوُن سبٹھاہ پسند کران ۔ اگرچہِ یِموکینٛہ واداران منٛز گیوُن ہیوٚ چھمُت چھُ تاہم چھُ دیپالی جی ہُند وَنُن زِ میأنۍ خاص اُستاد چھِ برج کشن تہٕ شانتی کول جی۔ دیپالی جی چھ عام پأٹھۍ ہارمونیم وایان تہٕ کم کاسہٕ چھِ ستار تہٕ زانان۔ یِم چھِ ریڈیو علاوٕ دوٗردرشن ،محکمہ اطلاعات تہٕ کلچرل اکاڈمی ہندین پروگرامن منٛز تہٕ شرکت کران۔ دیپالی جی چھُ وُنیک تام ، ہندوستانس منٛز واریاہن ریاستن منٛز پننہِ فنک مُظاہرٕ کوٚرمُت ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یِموپننہِ فنُک مُظاہرٕ مُلکہٕ نیبر لنڈنس تہٕ جرمنی منٛز تہٕ کوٚرمُت ۔ ملکس منٛز تہٕ ملکہٕ نیبر آو یِہندِس فنس داد دِنہٕ۔ أمۍ ہِندین مُلکہٕ نیبر پروگرامنہُند سنٛز اوس کلچرل اکاڈمی کوٚرمُت۔

دیپالی جی چھ پننہِ فنُک مُظاہرٕ سٹیجس پیٹھ تہٕ کران۔ ریڈیو پروگرامن منٛز چھِ دیپالی جی غزلہٕ علاوٕ فیچرن تہٕ گروٗپ سانگن منٛز تہٕ جان پأٹھۍ حصہٕ نوان۔ دوٗردرشن کین واریاہن سیریلن منٛز چھُ دیپالی جی وُنیک تام حصہٕ نیوٚمُت تہٕ تھٔکنہٕ لایق کأم کٔرمٕژ۔ یِمن منٛز گل نار، الاو، گل ریز سبٹھاہ مقبوٗل سیریل چھِ۔ دیپالی جی چھِ مختلف اداران ہِندِ طرفہٕ کینٛہہ سَندٕ تہٕ ینامہٕ حأصل کٔرۍمتۍ۔ خاص پأٹھۍ چھِ دیپالی جی 1997ء منٛز یومِ جمہوریہ کِس موقس پیٹھ کینٛہہ سرٹیفکیٹہٕ تہٕ میڈل حأصل کٔرۍمتۍ (اَمہٕ چھ

بحیثیتِ سِنگر کینژن ڈوگری ، کشمیری ، پہاڑی تہٕ گوجری فِلمن منز حِصہٕ نیٛو مُت۔ وومید چھِ بروٚنہہ کُن پکان کرن یم فنِ موسیقی ہٕنٛدِس مأدانس منز سبٕٹھاہ ترقی۔ یہُنٛد اکھ مقبولِ عام بأتھ چھُ ؎

بہٕ چھس درأمژ یارس پتے
سُہ کس پتے گوم

(کلام وہاب کھار)



# عالم آرا جانباز



ناو : عالم آرا جانباز

ولدیت : غلام نبی ڈول وال
المعروف جانباز کشتوآڑی

سکونت : شہید محلّہ تحصیل تہٕ ضلع کشتواڑ جوٗم

تأریخ پیدائش : 15 اگست 1966ء

تألیم : بی اے آنرٕس

پیشہ : ملازم اُستاد محکمہ تألیم

فن تہٕ زندگی

عالم آرا چھِ نوٗ پُیہِ ہنز گلوکارہ۔ یہِ چھِ اکھ رٕژ گبوٗن واجینٕز ۔ یہِ آواز چھِ سبٹھاہ میٹھ تہٕ مٔدر۔ فنِ موسیقی ہٕندِس مأدانس منز چھُ اُمِس اَکھ مُنفرد انداز تہٕ مقام۔ یمن چھُ بچپن پیٹھے گبوٗنک شوق اوسمُت ۔ یہندِس گھرس منز چھُ گبوٗن ماحول اوسمُت تہٕ کیازِ یہُند مول اوس اکھ بہلہِ پایہِ گلوکار تہٕ شأیر۔ عالم آرا چھِ پننٕز مأکی غلام نبی ڈولوال صأبن گبوٗن ہیچھنأوِمژ ۔ یہِ روز تألیم تہٕ پران تہٕ گبوٗن تہٕ ہیچھان۔ وارٕ وارٕ ہیوٚت اَمہِ لوکچین لوکچین محفلن منز گوڈٕ گبوٗن تہٕ پتہٕ سٹیجن ،ریڈیوہس تہٕ دوٗردرشن پیٹھ۔ یہِ سپٕز تمہِ وِزِ مقبوٗل عام ییلہِ یوٚرٕ کاڈ کڈنہٕ پتہٕ ریڈیوہس پیٹھ گبوٗن ہیوٚت ۔ ریڈیو کشمیر پیٹھ گبوٗنہٕ خأطرٕ کوٚر اَمہِ 2000ء منز

ریڈیوآڈِیشن پاس تہٕ یمن میوٗل بی ہائی گریڈ۔ بوزن وأل چھِ أمی سُند گیوٗن سبٹھاہ پسند کران۔ عالم آرا چھِ غزل تہٕ زانان تہٕ چلنت تہٕ۔ یہ چھِ ریڈیو کشمیر علاوٕ ریڈیو جیمہِ پیٹھ تہٕ گیوان۔ یم چھِ کلچرل اکاڈمی تہٕ دوٗردرشن پروگرامن منز تہٕ حصہٕ نوان۔ ونیک تام چھُنہٕ امہِ مُلکہٕ نبر گنہٕ تہٕ پروگرامس منز شرکت گرمِژ۔ اندازٕ چھُ زِ بروٗنہہ کُن میلہِ یمن ضروٗر موقہٕ غاںرمُلکی پروگرامن منز شرکت کرنُک تہٕ پننہٕ فنُک مظاہرٕ کرنُک۔ سازو أندرٕ چھُ یمن ''یک تار'' وایُن تگان۔ یہُند پننہٕ وول وق چھ سبٹھاہ روشن باسان۔

یہُند یوٗ مقبولِ عام بأتو أندر چھِ یم زِ بأتھ توہہِ ژنتس پاونہٕ خاطرٕ ضروٗری۔

ووتھِ ویٚسی أسی ژھارون یار پنُن
کمی تھوٚو کھٹِتھ گلزارن منز

(کلامِ جانباز)

میہ گۓ غلطی ژےٚ ستی یارانہٕ لوٗگم

(کلامِ جانباز)





# وِے کنٹھ راز دان

ناو : وِنے کنٹھ راز دان

ولدیت : مدوسودن راز دان

سکونت : نئ سڑک حبہ کدل سرینگر

موجودٕ سکونت تیرتھ نگر ۵/بی تالاب تِلو جۄم

تأریخ پیدائش : 19 دسمبر 1953ء

نوکری : اکاونٹس آفیسر A.G.S آفیسر سرینگر جۄم

فن تہٕ زندگی

راز دان چھُ اکھ بہترین گلوکار۔ اُمس چھِ سبٹھاہ میٹھ تہٕ مۄدر آواز یمن چھُ بچپن پٮ۪ٹھے گیوٚنک شوق اوسمُت ۔ یمو چھُ گوڈٕ 1974ءمنز پریم سنگیت نیکتن کرالہٕ کھڈ پٮ۪ٹھ تربیت حاصِل کٔرمٕژ۔ تہٕ پتہٕ چھِ یمو مزید تربیت فنِ موسیقی مأدانس منز گندروامہا ودھیالہ بمبئ منز حاصل کٔرمٕژ۔ یمو چھِ کلاسیکل گیوٚنکی ترٛے امتحان پاس کٔرۍمٕتۍ ۔ راز دان صأبن چھِ نو رنگ ڈرامہ ٹک کلبس منز تہٕ تھیکنی لایق کأم کٔرمٕژ تہٕ خاندرن کھندرن تہٕ باقٕے محفلن منز تہٕ چھکھ پننہٕ فنک مُظاہر کورمُت ۔ اَمہٕ علاوٕ چھِ یم ریڈیو، دوٗردرشن ، تہٕ کلچرل اکاڈمی ہندِ بن پروگرامن منز تہٕ حِصہٕ نوان۔ یم چھِ اکھ بہترین سیتار نوازتہٕ۔ یمو چھُ معروف سیتار نواز پریم ناتھ چھٹوہس نِش تہٕ ہیوٚ چھمُت تہٕ مذکورٕ تربیتی ادارو منز تہٕ۔

راز دان صابٕن چھُ تتھ کلچرل پروگرامس تہِ میوزک دیُت مُت یُس جشنِ کشمیر تہٕ جشنِ جوٗم کہِ ناوٕ منعقد سپُد تہٕ یُس اکاونٹنٹ جنرل ہٕنٛدی دفترن منعقد اوس کوٗرمُت ۔ یہِ اوس 05-2004ء۔

فن موسیقی تہِ فن سازندری منٛز چھُ یِمو سٹھاہ ناوکموومُت ، تہٕ یِم چھِ کٲشرِ ہٕنٛدٕ بن مقبول عام فنکارن منٛز گٔنزراونہٕ یوان۔

وومید چھِ بروٚنٛہہ کُن تہِ تھاوٕن یِم فن موسیقی ہُنٛد سفر جأری۔ یِمو چھِ واریاہ سَندٕ تہٕ ینامہٕ حأصل کٔرۍمتۍ ، یِم مختلف ثقافتی تہٕ تمدنی ادارو یِمن عطا کٔری۔

راز دان صابٕن چھِ ’’چونہِ دار باباجی 1102‘‘ ناوٕ اکھ کیسٹ تہِ کمپوز کٔرمٕژ یُس سٹھاہ مقبول سپٕز۔ سُر، لَے تہٕ تال چھِ رٕتی پأٹھۍ زانان۔



# محمد یوسف راتھر - رباب نواز



ناو : محمد یوسف راتھر

ولدیت : عبدالغنی راتھر

سکونت : بوچھوترال

تألیم : پی۔یو۔سی

تأریخ پیدأیش : 4اپریل 1966ء

پیشہٕ : شعبہٕ تمدن محکمہ اطلاعات

فن تہٕ زندگی

محمد یوسف راتھر چھُ اکھ نوجوان رباب نواز۔ یمن چھُ لوکٹہِ پانے رباب ہیچھنک شوق اوسمت۔ یہُند اُستاد چھُ عبدالغنی راتھر یُس یہُند مول چھُ۔ بحیثیتِ رباب نواز سپُد محمد یوسف تمہِ وِزِ مقبول عام ییلہِ أمی شعبہٕ تمدنس منز کأم ہیُٚژ کرٕنی۔ محکمہ اطلاعات کِس شعبہٕ تمدنس منز سپُد ووتھُن بہُن واریاہن بہلہِ پایہِ گلوکارن، سازندرن، کمپوزرن ستی یمن منز وحید جیلانی، مُنیر احمد میر، غلام نبی بُلبُل، غلام محمد کاوا، تہٕ اطہر حسین بلہٕ پٲرٕی بیترِ قابلِ ذِکر چھِ۔ راتھر صأب چھِ کلچرل اکاڈمی، ریڈیو کشمیر تہٕ دوٗر درشن پروگرامن منز تہِ حصہٕ نِوان۔ یم چھِ گوٗن تہِ زانان اماپوٚز یمو چھِنہٕ کُنہٕ

تہٕ جایہِ پیٚش کأری کٔرہٕ۔ وُنی کٔمن یِم رباب نواز معروف چھِ مانٕنہٕ یِوان تِمن منٛز چھُ یہُنٛد ناو تہٕ شأمِل۔ یِمن چھُ بروٛنٛہہ پکنُک واریاہ موقہٕ تہٕ اُمید چھِ یِم کڈن سبٹھاہ کاڈ۔ فنِ موسیقی تہٕ سازندری تہٕ موسیقی ہٕنٛدی بنیأدی اصوٗل سُر، لَے تہٕ تال چھِ رٕتی پأٹھی زانان۔





# اعجاز رہ

ناو : اعجاز رہ

ولدیت : مرحوم غلام محمد رہ

سکونت : گوڈ مہاراج بازار امیرا کدل

تہٕ موجودٕ سکونت بڈشاہ نگر نٹی پورہ سرینگر

تأریخ پیدأیش : مارچ 1967ء

تألیم : ٹی۔ڈی۔سی

فن تہٕ زندگی

اعجاز رہ چھُ اکھ معروف گیوٚن وول ، اکھ بہلہِ پایہ ایکٹر ، ڈائریکٹر تہٕ اکھ باگہِ بوٚرُت موسیقار (Composer) ۔ کشیرِ منز چھِ امہِ قسمٕلکی فنکار کمے پھن یمن منز واریاہ قسمہِ صلاحیژ چھِ۔ عام پأٹھی چھُ اعجاز غزل گیوان اماپوٚز ریڈیو دوٚر درشن تہٕ سٹیج پروگرامن منز چھن گروپ سانگن منز تہٕ تھیٚکنی لایق کأم کرہٕژ۔ أمی سنز آواز چھِ، دِلکش ، پُراثر ، مٔدر تہٕ میٹھ۔ اعجازن گوڈنیک اُستاد چھُ اوٚہُند مول مرحوم غلام محمد رہ اوسُمت یُس کشیرِ ہُند اکھ بہلہِ پایہِ گیوٚن وول اوس تہٕ سبٹھاہ تھدِ پأیک اُستاد تہٕ اوس۔

اعجازس چھُ بچپنہٕ پیٹھے گیوٚنک تہٕ گیوٚن بوزنک شوق اوسُمت تہٕ کیازِ یمن اوس گھرس منز امہِ قسمُک رُت ماحول ۔ امہِ علاوٕ اوس بہلہِ پایہِ

فنکارن ہُند گیوٚن ریڈیوٗ تہٕ دور درشنہٕ پیٹھ بوزان روزان یِمہِ سٍتۍ اُمس زیادٕ شوق تہٕ ذوق پادٕ گو۔

فنِ موسیقی ہٕندی بُنیادی اصول یاوٗنۍ توٚس بُنیادی جُز چھُ اعجاز پوٚرٕ پاٹھۍ زانان۔ امہِ پتہٕ چھہِ اُمۍ مزید تربیت انسٹیچیوٹ آف میوزک اینڈ فائن آرٹس سرینگرٕ پیٹھ حاصِل کرمٕژ اَتہٕ چھہِ اُمۍ الہٕ پلہٕ ژ وٗری تربیتس منز گٔنڈ اٰرۍ مٕتۍ ۔ یہندۍ اُستاد چھہِ دوست محمد خان تہٕ غلام نبی شیخ تہٕ اُسۍ مٕتۍ۔ یِم دوشوٕے اُسۍ بہلہِ پایہٕ اُستادفنِ موسیقی ہٕندۍ۔ کیٚنہہ وقت چھُ اعجازن بمبئی منز تہِ گٔذورمُت یتہٕ اُمۍ معروف بالی وڈ طبلہ نواز کریم چاچاہس نِشہِ مزید تربیت حاصِل کٔر۔ وارٕ یاہن اُستادن نِشہِ تربیت حاصِل کرنہٕ پتہٕ سپُد اعجاز بہلہِ پایہٕ گلوکارن ہٕندِس صفس منز شامِل تہٕ اُمۍ کٔر وتنیگ تام تھٔکنۍ لایق کاٰم۔

اعجازن لوگ گوڈٕ یواوانی سروِسہِ پیٹھٕ 1978ء منز گیوٚن تہٕ اُہِ ہُند گیوٚن کوٚر لُکو سٹھاہ پسند تہٕ اَمہِ پتہٕ دیُت اُمۍ 1994ء منز ریڈیو کشمیر چہٕ جنرل سروس پیٹھ آڈیشن تہٕ اُمۍ کٔر اَتہِ کامیٲبی حاصِل تہٕ ہیوٚتُن اَتہِ باضابطہٕ پاٹھۍ اُردو تہٕ کاٲشرِس منز غزل گیوٚن۔ اَمہِ سٍتۍ سپُد یہِ مزید مقبوٗل۔ اُمۍ چھُ کم کاسہٕ گجراٲتی، مراٹھی تہٕ پنجاٲبی زبانۍ منز تہِ گیوومُت۔ سازو اٰندرٕ چھُ اعجاز ہرمونیم سنتھ سیزر تہٕ تان پوٗرٕ وایان۔

گوٚڈنِکس ماڈانس منز یِلہِ اعجازن پوٗرٕ کاڈ کوٚڈ تہٕ اُمس میوٚل ریڈیو تہٕ دوٗر درشن کِہن مختلف سیریلن تہٕ فیچرن منز کاٰم کرنُک موقہٕ ۔ اُمۍ چھہ

کینٛہہ بٲتھ کمپوز تہٕ کٔرۍ مٕتۍ تہٕ کیٛنژن سیریلن خاطرٕ چھن بحیثیتِ ڈایریکٹر کٲم کٔرمٕژ۔

اعجازن چھ وارِیاہ ڈرامہ سیریلن منٛز بحیثیتِ ایکٹرٕ تہٕ کٲم کٔرمٕژ تہٕ اَمہِ علاوٕ چھن سٹیج ڈرامہٕہن منٛز تہٕ شرکت کٔرمٕژ۔ أمۍ چھ بچپنہٕ پیٹھے ڈرامہ ہن منٛز کٲم کرٕنۍ ہیۆژمٕژ۔ أمۍ چھ سانگ اینڈ ڈرامہ ڈویژن کیٛن ادارکارن ہٕتۍ علی محمد لون صاٲبنس معروف ڈرامہ ''سُیا'' ہس منٛز بحیثیتِ بچہ کٲم کٔرمٕژ (As Child Artist)۔ کالج دورس منٛز چھ أمۍ لگ بھگ شیٛیہٕ لٹہِ (Six times) گۄن مقابلن منٛز گوڈنٛچ پوزیشن حاصل کرٕمٕژ۔ أمۍ چھ بحیثیتِ ایکٹرٕ تہٕ گلوکار کشمیر ویلی تھیٹرس ہٕتۍ کٲم کٔرمٕژ۔ أمۍ چھ بمبئی منٛز أکِس معروف تنظیمہِ ہٕتۍ گۄبٕنکۍ وارِیاہ پروگرام کٔرۍ مٕتۍ یم سیٛٹھاہ مقبول سپدۍ۔ اَمہِ تنظیمہِ ہُنٛد ناو چھ جنکار آرکسٹرا، (Jankar Orchestra)۔

اعجازن چھ کلچرل اکاڈمی ہٕنٛدِ ذریعہٕ روٗس گٔژھتھ أکِس خاص پروگرامس منٛز شرکت کٔرمٕژ یُس تتہٕ کٕ لۄکو سیٛٹھاہ پسند کوٚر۔ یمن چھُ سرکٲرۍ یا غاٲر سرکٲرۍ طور بمبئی، بھوپال، جۆم، دہلی تہٕ چنڈی گڈھ گژھنُک موقہٕ میۆلمُت یتہِ أمۍ پننہٕ فنٕک مُظاہرٕ جان پأٹھۍ کوٚر۔ تہٕ اتہِ کیٛو لۄکو کوٚر أمۍ سُنٛد گۄن سیٛٹھاہ پسند۔ دوٗردرشن کیٛن ڈرامہٕہن منٛز تہٕ چھ اعجازن رٕژ کٲم کٔرمٕژ۔ یہِ چھُ ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗردرشن کلچرل اکاڈمی، انفارمیشن تہٕ باقی کیٛنژن اِدارن ہٕنٛدین پروگرامن منٛز وارِیاہ کالہٕ پیٹھ

شرکت کران، یوٚ تام زَن گوٚنٕک تولق چھُ اعجاز چھُ خاص پأٹھۍ نوٚن شأیرن ہُنٛد کلامہِ تہِ گوٚوان تہٕ صوفی شأیرن ہُنٛد تہِ۔ أمی سُنٛد تلفظ چھُ سبٹھاہ رُت۔ سُر، لَے تہٕ تال چھُ جان پأٹھۍ زانان۔

اعجازن چھ مختلف محکمو طرفہٕ کینٛہہ ینامہٕ تہٕ سَنٛدٕ تہِ حأصل کرِمٕژ۔ خاص پأٹھۍ چھُ یمن 2007ء منٛز ریڈیو کشمیرچہِ یواوانی سروسہٕ ہٕنٛدِ طرفہٕ بہترین گلوکار ہٕنٛدِ حیثیتہٕ ینامہٕ میوٗلمُت۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یمن بہترین گوٚون وأل ہٕنٛدِ حیثیتہٕ ایس۔ای۔این (Sen) چتلہِ ہٕنٛدِ طرفہٕ تہٕ 2007ء خأطرٕ ینامہٕ دِنہٕ آمُت۔ اپریل 2008ء منٛز چھُ یمن خلعتِ مہجور ینامہٕ تہِ میوٗلمُت۔ اَمہِ علاوٕ چھ یمن ادارن ہٕنٛدِ طرفہٕ اعجازس سَنٛدٕ میچہِ مٕژ تِمن منٛز چھِ کشمیر سوسائیٹی، ذی ٹیلی فلمز، پریم سنگیت نِکیتن، کلچرل یونٹ انفارمیشن ڈیپارٹمنٹ کشمیر قأبلِ ذِکر۔ غرض فنِ موسیقی ہٕنٛدس مأدانس منٛز یوٚسہٕ کأم اعجاز رٕہن کٔرمٕژ چھ سو چھےٚ تھٕکنٕی لایق۔

أہندی گوٚمتی واریاہ بأتھ سپدی مقبوٗلِ عام۔

اماپوٚز یہِ بأتھ سپُد زیادے پٕہن مقبول تہٕ اَتھ چھُ مہجور فاونڈیشن ہٕنٛدِ طرفہٕ ینامہٕ میوٗلمُت۔

موج    چھ    أخر    موجی    آسان

(کلام پریم ناتھ شاد)

اعجاز سٕنٛدِ خأطرٕ چھِ دُنہِ واریاہ بروٚنٛہہ پکہٕ نچ گُنجٲیش۔

☆☆☆

# محمد سبحان بگو



ناو : محمد سبحان بگو

ولدیت : غلام قادر بگو

سکونت : اونتی پور پلووم

تأریخ پیدأیش : 1943ء

تألیم : اَن پڑھ

## فن تہٕ زندگی

محمد سبحان بگو چھُ عام پأٹھی ہرٕ کأم کران۔ مگر فنِ موسیقی ہٕتی أسکھ گوڈٕ پیٹھے دِلچسپی۔ سبحان چھُ اَکھ بہلہٕ پایہٕ ڈانسر (نژن وول) تہٕ اوسمُت۔ یعنی أمی چھُ پننہٕ فنک آغاز نژنہٕ پیٹھٕ کوٚرمُت۔ یہٕ چھُ اکھ معروف گیوٚن وول تہٕ تہٕ اکھ باگہٕ بوٚرُت رباب نواز تہٕ۔ أمِس چھُ نژنُک اکھ الگ انداز اوسمُت یُس باقی نژن والین نِشہٕ ہنا بدٕلن چھُ اوسمُت۔ أمی چھ واریاہن بہلہٕ پایہٕ گلوکارن ہٕتی بحیثیتِ دہرِ بوج تہٕ کأم کرٕمٕژ یمن منز معروف ڈانسر تہٕ گلوکار عبدالغنی ترألی تہٕ ناوہٕنس لایق چھُ۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ وُنی کہس معروف چھکرِ ہندِس گلوکار حبیب اللہ گنائی لاڑی یأرس ہٕتی گیوان۔ سبحان چھ بے شک ہر فن مولا گلوکار۔

یوٚتام زن محمد سبحان بگو ہندِ تربیتُک تولق چھُ یمو چھُ گیوٚنُک فن معروف فنکار مرحوم غلام محمد صوٗفی صأبس نِشہٕ ہیوٚچھمُت۔ یہٕ اُستاد اوس

اوتی پور ییک روزن وول تہٕ پننہِ دورُک بہلہِ پایہِ گلوکار۔ گوڈٕ چھُ سبحان گھریلو تہٕ خاندرن کھُندرن ہئزن مجلسن منز گیوان اوسمُت، تہٕ پتہٕ آو اُمِس مختلف گلوکارن ستی ستی بابٕچ روزِتھ کشیرِ ہندِس کوٗنس واتہٕ نک موقعہٕ۔ سبحانس چھُ لوکچارٕ پانہٕ پیٹھے گیوٚن تہٕ گیوٚن بوزنُک شوق اوسمُت۔ اَن پڑھ آسنہٕ باوجود چھُ اُمی سُند تلفظ سبٕٹھاہ رُت۔ بہر حال سبحان چھُ فنِ موسیقی ہندِ مأدانُک اکھ بہترین سرمایہٕ۔ سبحان چھُ سُر، لے تہٕ تال رٕتی پأٹھی زانان۔





# راشد جہانگیر

ناو : راشد جہانگیر

ولدیت : عبدالرشید

سکونت : نہرو چوک ڈوڈہ،

تحصیل تہٕ ڈسٹرکٹ ڈوڈہ جموں کشمیر

تأریخ پیدأیش : 10 دسمبر 1977ء

تألیم : ٹی ۔ڈی ۔سی ہائر سکینڈری ڈوڈہ تہٕ پتہٕ

بی میوز انسٹچیوٹ آف میوزک اینڈ فائن آرٹس

سرینگر۔

ملازم : ریسرچ اسسٹنٹ کلچرل اکاڈمی

ملازمت اختیار کرنُک ؤری: 2006ء

فن تہٕ زندگی

راشد جہانگیر چھُ اَکھ ووتھٕ وُن گیوٗن گلوکار۔أمی سٕنز آواز چھ پُر اثر تہٕ دِلکش ۔یہُند گیوٗن بوزِتھ سپدُس بو ذأتی طور سبٹھاہ متأثر۔یمن چھُ بے شک میوٗٹھ آلو۔از کال کیٛن نوجوان گلوکارن اندر چھُ أمی سُند چرچہٕ ژوپأری ۔ راشد چھُ غزل گیوٗن وول فنکار تہٕ۔أمی سُند مستقبل چھُ سبٹھاہ رُت میانین نظرن منز۔ یمن چھُ لوکچارٕ پانے گیوٗنُک تہٕ گیوٗن بوزنُک

شوق اوسمُت ۔ یہِ چھُ گھریلو محفلن تہٕ خاندرن کھُندرن منز اوسمُت گژھان لوکچارس منز بہلہِ پایہِ گلوکارن ہُند گیوٗن بوزنہِ تہٕ بیٚیہِ چھُ ریڈیو پێٹھ تہِ واریاہن گلوکارن ہُند گیوٗن بوزان رُودمُت تہٕ اَمہِ سٟتی چھُ اَمِس ہُند حوصلہِ بڈیومُت ۔ یہِ چھُ وُنی کیٚمن چہِ نوجوان پُیہ منز اکھ پربلوٗن تارُک۔ فنِ موسیقی منز یِم گُن اَکِس گیوٗن والِس آسنی گژھن تِم چھِ راشد جہانگیرس منز موجود یعنی سُر، لَے تہٕ تال۔

راشد چھُ گوڈٕ گوڈٕ سکوٗلس، گھریلو مجلسن تہٕ دۆیمین لوکچین لوکچن محفلن منز گیوان اوسمُت تہٕ لُکھ چھِ یمہُند گیوٗن سبٹھاہ اَسی پسند کران، اماپوز یِیلہِ راشدن میوزک اینڈ فائن آرٹس ادارِ منز تربیت حاصل کٔرتہٕ پتہٕ دِتُن ریڈیو کشمیر پێٹھ آڈِیشن تہٕ سپُد پنُن مِشن بروٚنہہ پکہٕ ناونس منز کامیاب تہٕ ہیوٚتُن فنِ موسیقی ہٕندِس مأدانس منز پورٕ پأٹھی کاڈ کڈُن۔ ریڈیو کشمیر سرینگرتہٕ ریڈیو جوٚمہِ پێٹھ یِیلہِ اَمی پننہِ فنُک مُظاہِر کرن ہیوٚت تہٕ یہِ سپُد لُکن منز مقبولِ عام۔ راشد سٕنزٕ سی۔ڈی چھِ وُنی کیٚہس بازرس منز عام تہٕ لُکھ چھِ یمہٕ سی۔ڈی گھرن منز بوزان۔

راشدن یِمن اُستادن نِشہِ تربیت حاصل کٔرمٕژ چھےٚ تِمن منز چھِ خاص پأٹھی ناو ہیٚنس لایق، دوست محمد خان، حکیم غلام محمد تہٕ کملیش ہنڈو یِم تژیشوٚے چھِ بہلہِ پایہِ اُستاد فنِ موسیقی ہٕندِ مأدانٕکی۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یِمن دۆیمین بہلہِ پایہِ گلوکارن سٟتی تہٕ وۆتھمُن ہیٚن رُودمُت۔

راشد چھُ طبلہٕ تہٕ ہرمونیم زانان وایُن ۔ یمن چھُ ریاستہٕ نبر تہٕ گرٕ ھنُک موقہٕ میوٗلمُت پننہِ فنک مُظاہرٕ کرنہٕ باپتھ ۔ یہنٛد وُنن چھُ گجرا تس تہٕ راجستھانس منٛز چھُ یمو پروگرامن منٛز حصہٕ نیوٗمُت ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یمو دہلی منٛز تہِ اَکس پروگرامس منٛز حِصہٕ نیوٗمُت ۔ بیٚیہٕ طرفہٕ چھُ راشد دوٗر درشن سرینگر، دوردرشن جموٗم ، ریڈیو کشمیر سرینگر تہٕ ریڈیو کشمیر جموٗمہٕ پٮ۪ٹھ تہٕ پروگرام دِوان ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ راشد جہانگیر کلچرل اکاڈمی ہنٛدِ بن سٹیج پروگرامن منٛز تہِ برابر حِصہٕ نوان، اَمہِ سٟتی چھُ راشدس گامن گٹھن منٛز تہٕ پننہِ فنُک مُظاہرٕ کرنُک موقہٕ یوان ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ راشد دوٚیمین سرکاری تہٕ غٲر سرکاری ادارن ہنٛدِ ذریعہِ تہٕ وِزِ وِزِ پروگرام دِوان ۔ وُنی کیٚس چھُ راشد سٲری ہے جموٗں کشمیرس منٛز اکھ مقبوٗلِ عام یاوُنی توس صفِ اولہٕ کیٚن گلوکارن منٛز گنٛز راونہٕ یوان ۔ یمن چھہٕ کینٛژن سرکاری کیٚو غٲر سرکاری ادارن ہنٛدِ طرفہٕ کینٛہہ ینامہٕ تہٕ سرٹیفکیٹہٕ میٚجہٕ مٕژ ۔ راشدٕنی کینٛہہ مقبولِ عام بٲتھ یم اَمی گیوٚ یٕتی چھِ چھِ یِتھہٕ پٲٹھی ۔

ماہِ چانہِ راٲوم راتھ تہٕ دوہہ

(کلامِ نعمہ صاٮ۪ب)

ہو یوتہِ اوٗسُس تہٕ از تہِ تہا

(کلامِ رِند بھدرواہی)

راشد جہانگیر چھُ رٕتی اخلاق تھاوَن وول گلوکار ۔

راشد چھُ اکثر صوٗفی شائرن ہُند کلامہٕ گیوان تہٕ اَمہِ علاوٕ چھُ مختلف موقعن پیٹھ وقتچ نزاکت وُچھِتھ نوٚمن شائرن ہُند کلامہٕ تہٕ گیوان۔ یُہُند تلفظ چھُ سبٹھاہ جان تہٕ لفظن ہُند تُل تراوتہٕ چھُ گیونہٕ وِزِ جان پأٹھی کران۔ أمی سُند خاص توجہ چھُ روزان تلفظ دُرست کرنس کُن حالانکہِ أکِس گلوکار سنٛدِ خاطرِ چھُ اَمہِ قسمُک رُجحان آسن رٲژ کتھ۔ فنِ موسیقی ہنٛدِس مأدانس منٛز کم ہے وقتس منٛز چھُ راشد جہانگیرن تھٕکنہٕ لایق کأم کرمٕژ تہٕ أمِس چھِ واریاہ گنجائیش برونٛہہ پکنچ تہٕ کامیأبی حأصل کرنٕچ۔



# ابے رُستم



ناو : ابے رُستم

ولدیت : پنڈت بھجن سوپوری

سکونت : گوڈٕ وزیر باغ سرینگر تہٕ
ڈِنی کبن لودی روڈ نوِ دلی

پیشہِ ورانہ/ مروجہ تألیم : ایم۔اے۔میوزک (سنطور) بی کام پتہٕ بی سی اے کمپیوٹر

تأریخ پیدأیش : 7 جون 1979ء

فن تہٕ زندگی

ابے رُستم چھُ اکھ صوفیانہٕ گرِ منٛز پأدٕ گومُت۔ یمو چھِ موسیقی ہُند فن گوڈٕ گوڈٕ پننس مألِس تہٕ بڈٕبس نِشہِ ہیوٚچھمُت۔ مزید اَتھ فنس منٛز تربیت حأصل کرنہٕ خأطرٕ نیوٚ ابے ین چنڈی پنجاب میوزک یونیورسٹی منٛز دأخلہٕ تہٕ کرِن اَتہِ میوزکس منٛز ایم۔اے چہ ڈگری حأصل۔

اَبے چھُ بہلہِ پایہٕ سنطور نواز آسنہٕ علاوٕ اَکھ باگہٕ بوٚرت موسیقار تہٕ۔ یمو چھِ واریاہن ٹی۔وی سیریلن موسیقی دِژمٕژ۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ ابے ین ''آجتک نامہٕ'' کِس پروگرامس تہٕ موسیقی دِژمٕژ یوسہٕ سٮ۪ٹھاہ مقبول سپز۔ أمی کٔر مہاتما گاندیس متعلق بھارت سرکار کہِ طرفہٕ 2007ء منٛز بناونہٕ آمژِ فلِم ''مہاتما'' موسیقی کمپوز۔ یہِ فلم آیہِ اقوامِ متحدس منٛز تہٕ ہاونہٕ تہٕ یہِ

کراَتہٕ وُچھن والبوٚ سبٹھاہ پسند۔ کٔشیرِ منٛز یُس بٔنیٖل 2005ء منٛز آو تمیٚک ریلیف فنڈ حاصل کرنہٕ خاطرٕ یُس بٲتھ ’’آو قدم بڑھائیں ہم‘‘ تیار کرنہٕ آو تمہِ موسیقی دِژ ابے رُستمن ترتیب یُس کٔشیرِ منٛز سبٹھاہ مقبولِ عام سپُد۔

ابے چھ دوٗردرشن ریڈیو تہٕ مُلکچِہن مختلف کلچرل اِدارن ہٕندِ ذریعہٕ پروگرام دِوان روزان تہٕ امہِ علاوٕ چھُ مُلکہٕ نبر تہِ پننہِ فنُک مُظاہرٕ کران۔ کُنہِ کُنہِ وقتہٕ چھُ ابے غأر سرکأری تنظیمن ہٕندِ ذریعہٕ تہٕ پروگرام کران۔ لُکھ چھ یہند بن پروگرامن منٛز جوق در جوق حِصہٕ نوان۔ یٖیلہِ اَسی یتھ کتھِ سام ہموٗ زِ ابے رُستم کتھٕ پأٹھی سپُد کامیاب موسیقی ہٕندِس مأدانس منٛز تیلہِ چھُ اعتراف پیوان کرُن زِ اَمِس میوٗل موسیقی منٛز گرس اندر زبردست ماحول یُس چھُ وجہ زِ اوٚ ہُند شروع اوس روأیتی شروعات۔ یِہے چھُ وجہ زِ موسیقی ہٕندِس (سوپوری باج) انداز موسیقی منٛز ہٲو ابے ین زبردست کارکردگی لوکٹے پانہٕ۔ ابے تہِ چھُ وُنی کِہس سنطورس منٛز نوٚبر اَنہٕ نٔکی تجربات کران یتھ منٛز اَمی (Open string concept) تاریٚلہٕ تراوُنٕک تصور۔ ابے ین کوٚر رُسر سنطور متعارف یُس ترٛہن تارن پیٹھ مشتمل ساز چھُ۔

ابے ین چھ واریاہ ایوارڈ تہٕ سَنٛد حاصل کرِمٕژ یمن منٛز ’’کلونت سمان‘‘ جونجوانٹر نیشنل ہری ٹیج‘‘ ینگ انڈیا ایوارڈ، سنگیت بھوشن نیشنل ڈوگری ایوارڈ، سنگیت ناٹک اکادمی ایوارڈ، اُستاد بسم اللہ خان یوا پُرسکار ایوارڈ شامل چھ۔

بہر حال اَبہٕ چھُ وُنہِ سبٹھاہ کم وٲنسہِ اَلہِ پلہٕ چھُ أمِ سٕنز وُنی کیٚنس کتاب لیکھنہٕ وِزِ فقط 29 ورٕی تہٕ أمِس چھ فنِ موسیقی ہنٛدِس مٲدانس منٛز واریاہ کاڈ کڈنُک موقہٕ۔ بیٚیہِ طرفہٕ چھُ بحیثیتِ سنطور نواز تہِ أمِس برونٛہہ کُن واریاہ تھوٚد مقام حاصِل کرنُک موقہٕ۔ اَبہٕ چھُ اَکھ ووتھہٕ وُن فنکار تہٕ أمِ سُنٛد مستقبل چھُ سبٹھاہ جان باسان۔ نوِ پُیہِ چھ اَبہٕ لیس نِشہِ واریاہ توقعات۔



# غلام محی الدین لون

ناو : غلام محی الدین لون

ولدیت : غلام احمد لون

سکونت : لولہٕ پور ٹنگمرگ بارہ مولا

تأریخ پیدائش : 1955ء

تائلیم : اَن پڑھ

فن تہٕ زندگی

غلام محی الدین لون لولہٕ پورٕ ری چھُ اَکھ جان گلوکار۔ یہِ چھُ چھکر تہٕ رؤف گیوان۔ اَمِس چھُ چھکر گیونک منفرد انداز۔ یہِ چھُ نوٚ طرزٕ چ چھکر تہِ گیوان تہٕ پرانہِ طرزٕ چ تہِ۔ یہِ چھُ کمرازُک خاص پأٹھی تہٕ باقی کٲشرِ ہُند عام پأٹھی معروف گلوکار یوان مانہٕ۔ اَمِ سٕنز آواز چھِ سبٹھاہ میٹھ تہٕ دِلکش۔ سُر، لَے تہٕ تال چھُ جان پأٹھی زانان۔ یہِ چھُ نوین شأیرن ہُند کلامہِ تہِ گیوان تہٕ صوٗفی شأیرن ہُند تہِ۔ لولہٕ پورٕ ری چھُ سازو اَندرٕ ہرمونیم وایان۔ اَمہِ علاوٕ چھُ نوٚٹ تہٕ زانان وایُن۔

غلام محی الدین لولہٕ پورٕ ری اوس گوڈٕ گوڈٕ گھریلو مجلسن تہٕ خاندرن کھُندرن منز گیوان۔ تہٕ پتہٕ ییلہِ اَمِ پورٕ کاڈ کوٚڈ تہٕ اَمِ لوگ ریڈیو کشمیر پیٹھہٕ 1990ء پیٹھ گیون۔ یہِ چھُ ریڈیو کشمیرک بی ہائی گریڈ کیجول فوک گلوکار۔

غلام محی الدین لولہٕ پۆرؠ سُند اُستاد چھُ گوڈٕ عبدالغفار کانہٕ ہاسی اوسمت تہٕ پتہٕ محمد عبداللہ گنائی ڈانگر پۆرؠ۔ لولہٕ پۆرؠ چھُ ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗر درشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہنٛدٕن پروگرامن منٛز تہٕ حِصہٕ نوان۔ لولہٕ پۆرِس چھُ نمبر گرٛھنک موقہٕ میوٗل مُت سرکٲرؠ یا غٲر سرکٲرؠ طور ییٚتہٕ اَمی پننہِ فنُک مُظاہرٕ پارٹی ہیتھ جان پٲٹھۍ کوٚر ییمن شہرن منٛز چھ دہلی، بمبئی تہٕ جموٗ قابلِ ذِکر۔ یہِ چھُ پزٕ ہتھ کاٗنسہِ شاعرٕ سُند کلامہٕ گیوان۔





# غلام محمد صوٗفی

ناو : غلام محمد صوٗفی

ولدیت : مختہٕ صوٗفی

سکونت : اونتی پور پلوٗوم

تائلیم : مڈل پاس

تأریخ پیدأیش : اکہِ انداز مطأبق 1923ء

یومِ وفات : 29 جولائی 1997ء

فن تہٕ زندگی

غلام محمد صوٗفی چھُ بہلہِ پایہِ گلوکار اوسمُت۔ یہِ چھُ تمہِ دوٗرُک گیوٗن وول اوسمُت ییلہِ نہٕ وُنہِ ریڈیو کشمیر وجودس منز آمُت اوس تہٕ لُکن منز اوس مراز علاقُک یہِ باگہِ یوٗرُت گلوکار سبٹھاہ مقبولِ عام۔ اگر أسی یہِ کتھ تہِ وَنو زِ پتہِ دورٕ کیٚمن صفِ اولہٕ کیٚمن گیوٗن والین منز اوس گنزراونہِ یوان۔ اماپوٚز ییلہِ پتہٕ ریڈیو کشمیر وجودس آو تہٕ أمی بہلہِ پایہِ گلوکارن تہِ دیُت اَتہِ آڈِیشن تہٕ گٔرِن کامیأبی حأصل۔ ئتی لوگُن ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوٗن یہِ سیٹھاہ زیادے پہن مقبوٗلِ لوٗکن منز۔ تہٕ أمی کوٚڈ پورٕ کاڈ۔

زندگی ہِندِ بن أخری دہن منز چھُ غلام محمد صوٗفی کیٚہ پہن اوسمُت گوٗنس ئتی کران۔ یہِ چھُ عام پأٹھی صوٗفی شأیرن ہُند کلامہٕ تہِ اوسمُت گیوان تہٕ جدید شأیرن ہُند تہِ۔ أمی سُند تلفظ چھُ سیٹھاہ رُت اوسمُت

تہٕ کیازِ یہِ چھُ پرٛوٗن اُتھمہِ پاس گلوکار اوسمُت۔ اَمی سُند اُستاد چھُ احد
صوفی اوسمُت یُس پانپوٗرک روزن وول چھُ اوسمُت یہِ چھُ اکھ رُت تہٕ
نیک بزرگ تہِ اوسمُت۔ غلام محمد صوٗفی چھُ اکثر پاٹھی بروٗنہہ کال کینہ
گیوٗن والیٚن ہُند گیوٗن اوسمُت بوزان۔ تہٕ واریاہ گلوکار چھِ اَمِس پسند
اَسیٚمتۍ۔ سازو اَندرٕ چھُ صوٗفی ہرمونیم اوسمُت وایان تہٕ دپان اَمِس
اوس ہرمونیم وایِنگ اکھ عجیب انداز۔ لۄکن اوس یہِ انداز سیٹھاہ پسند
یوان۔ دپان اَمی چھِ کینٛہہ ژاٹھ تہِ بناوٕمتۍ پننِس وقتس منٛز یِم پتہٕ بہلہِ
پایہِ فنکار ثابت گییہِ۔ اَمی گلوکارن چھُ کشیرِ ہنٛدین اکثر علاقن منٛز
گیوومُت۔ فنِ موسیقی ہنٛدِس مأدانس منٛز چھِ اَمی تھیکٕنی لایق کأم کٔرمٕژ۔





# شانتی کول

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | شانتی کول |
| ولدیت | : | شمبھو ناتھ کول |
| سکونت | : | گوڑ صفاپور بارہ مولاتہٕ از<br>کرنل کالونی تالاب تلو جوٗم |
| تاریخ پیدائش | : | 1940ء |
| تألیم | : | بی ۔اے ۔آنراس |

## فن تہٕ زندگی

شانتی کول چھِ صفاپور ورمولہِ 1940ءمنٛز اکہِ ڈِگہِ جل زمیندار گرٕ منٛزٕ تھنہٕ پیٛمتی۔ یہِ چھنہٕ کانٛہہ پیشہٕ ور گلوکار بلکہِ چھُ یِمن گیوٚنٛگ تہٕ گیوٚن بوزنٛگ سیٹھاہ شوق اوسمُت۔ یِمو چھِ زندگی ہنٛدی کیٛنٛہہ ابتدٲیی وٕری ناگ ڈنڈی اُچھ وَل۔کس آشرمس منٛز گذٲری مٕتی تہٕ کیازِ یہِ اوس اَتکی سوامی جیِن منگتہٕ نیوٗمُت۔ سوامی جیِن چھُ یِمن ہنٛد ناو شانتی کول تھوومُت ییلہِ زَن اُمِس پنُن اصلی ناو کنیالال اوسمُت چھُ۔ سوامی جیِن ہیٚنٛچھنوو یہِ اَتہِ پرٲرتھنا کرٕنی۔ اماپوٚز الہِ پلہٕ سَتہِ وٕہری آو شانتی کول بیٚیہِ پننہِ اصلی زندگی منٛز واپس یہِ کتھ تہٕ چھےٚ صاف زِ سوامی جیِن چھِ شانتی کول ہرمونیم

تہٕ ستار ہیٚچھناوٕ ... ... لبون تہٕ ۔ شانتی کول چھُ گوڑ گوڑ لوکچپن لوکچپن مجلسن منز گیوان اوسمت ۔ ووٚنی گو ییلہٕ اَمی فنہٕ موسیقی ہندی بُنیادی جز یعنی سُر، لے تہٕ تال ہیوٚچھ تہٕ اَمی کوڑ پوٚر کاڈ تہٕ ڈِتُن اکہٕ اندازٕ مطابق 1970ء منز ریڈیو کشمیر پیٹھ غزل گیونہٕ خاطرٕ آڈِیشن تہٕ کٔرِن اَتھ منز کامیٲبی حاصل ۔ یِم سپدی تمہٕ وِزِ مقبولِ عام گلوکارن منز شریک ییلہٕ یِمو ریڈیو کشمیر پیٹھ گیون لوگ ۔

شانتی کول چھ اُردو تہٕ کٲشرِ زبٲنی منز گیوان ۔ یِمن ہنز آواز چھےٚ سیٹھاہ میٹھ تہٕ مٔدر، پُر اثر تہٕ دِلکش ۔ ریڈیو علاوٕ چھُ یِمو دوٗر درشن تہٕ کلچرل اکاڈمی پروگرامن منز تہِ حِصہٕ نیوٗمُت ۔ یِمو گیوٚ جان نثار اختر سنٛز رباعی رِتس اندازس منز دوٗردرشن سرینگر پیٹھ سیٹھاہ وقت بروٗنہہ گوڈنکہِ تجربہٕ رٔنگۍ تہٕ یوسہٕ دوٗردرشن سٹیڈیوس منز پکچرائز (Picturise) کرنہٕ آیہ تہٕ اَمہِ پروگرامکۍ پرڈیوسر اَسی ظفر احمد صاب ۔

بیٚیہِ طرفہٕ روٗدی شانتی کول جی تقریباً ترین وٕرین بمبئی منز میوزک ڈائریکٹر بننہٕ کہِ غرضہٕ مگر یہِ کوشش سپز نہٕ بار آور ۔ یپٲرۍ چھ شانتی کول صابنس گھرس منز موسیقی ہنز محفلہٕ تہٕ لگان تہٕ ریاستی تہٕ ریاستہٕ نبر یِم بہلہٕ پایہٕ گلوکار چھِ یہُند گھرٕ واتی ہتی ۔ یِمن منز خاص پٲٹھۍ نرملا دیوی، بیگم اختر تہٕ حشمت علی خان قابلِ ذِکر ۔

یِم چھِ صوٗفی شٲعرن ہُند کلامہٕ تہِ گیوان اَسی ہتی تہٕ باقی شٲعرن ہُند

تہٕ یمن دوت کیٚنہہ کال فنِ موسیقی ہٕنٛدِ مأدانہٕ منٛز دور گامی تِس تہٕ کیازِ یہُنٛد صحت چھنہٕ ٹھیک تہٕ دعا کرو زِ یم گژھن صحت یاب سپدٕنی۔ یہُنٛدی ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوٚمتی واریاہ بأتھ سپدی سبٹھاہ مقبول یمو منٛز اکھ بأتھ چھُ

بألی گراون تھاوکھ ناکن ونتہٕ لو

غرض فنِ موسیقی ہٕنٛدِس مأدانس منٛز چھِ یموتہٕ قأبلِ قدر کأم کرٕمٕژ۔





# کرن کول

ناو : کرن کول

ولدیت : اُمکار ناتھ کول

سکونت : گوڑعالی کدل تہٕ از

ترٛکوٹا نگر جۄم

تألیم : ایم۔ اے۔ اِکانومکس

ملازم : سٹیٹ بنک آف پٹیالہ

فن تہٕ زندگی

کرن کول چھےٚ اکھ رٕژ گیوٚن واجینۍ۔ فنہِ موسیقی ہنٛدِس مأدانس منٛز چھُ اُمِس اکھ منفرد مقام۔ کرن جی ہنٛز آواز چھےٚ دِلکش تہٕ پُر اثر میٹھ تہٕ مدٕر۔ موسیقی ہنٛدِس مأدانس منٛز کوٚر یمو کم ہے کالس منٛز گوڈنکہِ صفک درجہٕ حأصل۔ یمن چھُ بچپنہٕ پٹھے گیوٚن بوزنک تہٕ گیوٚنک شوق وذوق اوسمُت۔ فن موسیقی ہنٛز پوٗرٕ زان گرٕ کرن جی معروف اُستاد شمبھو ناتھ سوپوٗری صأبس نِشہِ حأصل۔ سُر، لے تہٕ تال ہنٛز وأقفی حأصل کرنہٕ پتہٕ دِیُت کرن جی ریڈیو کشمیر پیٹھٕ 1989ء منٛز آڈِیشن غزل گیوٚنہ خأطرٕ۔ یمو کوٚر آڈیشنس منٛز بی۔ ہائی گریڈ حأصل تہٕ لوگُکھ ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوٚن۔ یہُنٛد گیوٚن کوٚر لوکو سبٹھاہ پسند تہٕ اُمی کوٚر دٕیتی پنٛن ناو مقبولِ عام فنکارن منٛز شأمِل۔ کرن چھ کأشرِس تہٕ اُردوہس منٛز غزل ہیکان

گوٚتھ۔ یِمو چھُ ریڈیو کشمیرس منٛز وُنیُک تام مختلف فیچرن، گرٛوپ سانگن
منٛز حِصہٕ نیومُت اماپوٚز بھجن تہٕ لیلا تہٕ چھِ ہٮ۪کان گوٚتھ جان پأٹھۍ۔

کرن جی ہُنٛد تلفظ چھُ سٮ۪ٹھاہ جان تہٕ یِم چھِ صوٗفی شاعرن ہُنٛد کلامہٕ
تہٕ گوٚوان تہٕ باقی شاعرن ہُنٛد تہٕ سازو أندرٕ چھہٕ یِم ہرمونیم زانان
وایُن۔ کرن جی چھےٚ ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗردرشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہٕنٛدٮ۪ن
پروگرامن منٛز تہٕ شرکت کران۔ یِمو چھ واریاہ سٹیج پروگرام تہٕ دِتۍ ہٕتۍ۔
مختلف اِدارو ذریعہٕ۔ یِہنٛدۍ گوٚوۍ ہٕتۍ واریاہ بأتھ گیہٕ سٮ۪ٹھاہ مقبول۔ یِمو
منٛز اکھ بأتھ چھُ۔

ہاوُمُکھ خوش دیدار موختہٕ چھکے دوژھے ہو
مُہرن کرے انبار لال دِمے کوٚژھے ہو

وُنیُک تام یوسہٕ کأم یِمو فنِ موسیقی ہٕنٛدِس مأدانس منٛز کرٕ سو چھےٚ تھٔکنٕ
لایق۔





# گلزار احمد میر

ناو : گلزار احمد میر

ولدیت : غلام احمد میر

سکونت : کنہٕ کدل سرینگر

تأریخ پیدأیش : 1967ء

فن تہٕ زندگی

گلزار احمد میر چھُ تمو بختاوار شاگردو منزٕ یمو کشیرِ ہندِس بہلہِ پایہِ فنکار مرحوم غلام احمد صوٗفس نِشہِ فن موسیقی ہنز تربیت حأصل کٔر۔ گلزار چھُ تتھ اندازس منز گوان یُس بالکل صوٗفی صأبن اندازٕ اوس۔ یہِ چھُ موجودٕ وقتک باگہِ بوٗرُت چھکری یوان مانہٕ۔ یِیلہِ تہِ گلزار میر کُنہِ گھریلو محفلہِ منز یا ریڈیو، دوٗردرشن پیٹھ گوٗلکھ چھِ برابر محسوس کران زِ زنتہٕ چھُ غلام احمد صوٗفی صأب گوان، سے أرُت، تُل تراوٕ تہٕ سوے لَے۔ گلزار میرس چھےٚ پُر اثر تہٕ دِلکش مٔدر آواز۔ یوسہٕ لُکھ سٹھاہ پسند چھِ کران۔ گلزار میر چھُ تمن جدید طرزن ہنز آبیأری کران یم جدید چھکرِ ہندرٕ بأنی کار غلام احمد صوٗفی گوٗوٕمتی چھِ۔ اما پوٗز گلزار میر چھُ چھکرِ منز مزید نوٚو تجربہ کران۔ یتھ منز أمِس کامیأبی میلان چھِ۔ ریڈیو کشمیر پیٹھ گوٚو گلزارن دوٚن طرزن منز "شش رنگ" اکھ ہوٗبہوٗ غلام احمد صوٗفی صأبن

طرز تہٕ دۆیم چھُن پانہٕ گیوومُت یتھ لُکھ چھِ سٹھاہ پسند کران۔ تِتھے کٔنی چھُ چھکرِ تہٕ رۆفس منز تہٕ تجربہٕ کران۔

گلزار احمد میر صأبن وۆن مے صاف لفظن منز زِ مے اوس لوکچارِ پانے گیوٚنک تہٕ گیوٚن بوزنک شوق تہٕ میون اُستاد اوس مرحوم غلام احمد صوٗفی۔ گلزار احمد میرن چھُ 2008-09ءمنز بی ہائی گریڈس منز آڈِیشن پاس کوٚرمُت۔ ریڈیو پیٹھ گیوٚنہٕ ستی وأتھ یہِ میٹھ تہٕ مأری منز آواز کشیرِ ہِندس کوٚنس کوٚنس تام۔

گلزار میر چھُ ہرمونیم تہٕ نوٚٹ زانان وایُن۔ اماپوٚز نوٚٹ وایہٕ نٕک چھُس بالکل غلام احمد صوفی صأبن انداز، یُس اکھ مخصوص انداز اوس۔ یہِ چھُ عام پأٹھی گھریلو محفلن، بزرگ مجلسن منز گیوٚان، ووٚنی گو ریڈیو کشمیر، دوٗردرشن تہٕ کلچرل اکاڈمی پروگرامن منز چھُ برابر حصہٕ نوان۔ میرس چھُ واریاہن معروف فنکارن تہٕ سازندرن ستی ووتھُن بہُن رودمُت۔ تہِ کیازِ صوٗفی صأبن شاگرد آسنہٕ کِنی چھِ گلزار میرس سأری لُکھ عزت کران۔ بہر حال بوچھُس ییمہِ کتھِ ہُند قأیل زِ گلزار احمد میر چھُ فنِ موسیقی ہِندی بنیأدی اصول یعنی سُر، لَے تہٕ تال پوٚر پأٹھی زانان۔ یتہِ چھے اُمس خوٗبی زِ یہِ چھُ عام پأٹھی صوٗفی شأیرن ہُند کلامہٕ گیوٚان۔ فنِ موسیقی ہِندِس مأدانس منز چھُ گلزارس دُنہٕ واریاہ کینژھہ کرُن۔ ووٚنی گو وننیک تام یوسہٕ کأم اَتھ مأدانس منز کٔر سو چھے تھٔکِنی لایق۔ یہُند تلفظ چھُ سٹھاہ رُت۔

گلزار احمد میر سُنٛد گیوومُت سوچھِ کرال صأبن اکھ بأتھ گوحال حاۓ سبٹھاہ مقبول تہٕ کیازِ أمۍ دیُت اَتھ نوٚو طرز۔ یہِ بأتھ اوس اَمہِ بروٚنٛہہ علی محمد شیخ ، غلام نبی بُلبُل تہٕ حبیب اللہ بمبو صأبن أکس خاص اندازس منز گیوومُت۔ اَمیُک گوڈٕ مصرعہٕ چھُ یتھٕ کٕنۍ

کریوٚٹھ پیوم یارٕ دود بہٕ ہاوٕنتھ زانہٕ کس سُۓ دود چھُم جگرس

دوٚیم مقبول عام بأتھ

زِنہٕ عاشق چھ دیوانے تہٕ کرچوکھ مۓ خانٛگ مۓ

اخلأقی طور چھُ گلزار احمد میر سبٹھاہ رُت۔





# محمد یاسین شاہ

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | محمد یاسین شاہ (المعروف گنڈپوٗری) |
| ولدیت | : | گُل محمد شاہ |
| سکونت | : | گُنڈ پوٗر کولگوم |
| تأریخ پیدائش | : | 13 دسمبر 1962ء |
| تألیم | : | انڈر میٹرک |

## فن تہٕ زندگی

محمد یاسین چھُ وُنی کیٛن کہِ دوٗرُک اکھ بہلہِ پایہِ گلوکار۔ یہِ چھُ اکھ پیشہِ ور گلوکار۔ یہِ چھُ چھکرٕ رؤف تہٕ غزل تہِ گیوان۔ یہُند گھرٕ چھُ اکھ پیشہِ ورانہٕ گھرٕ اوسمت لہٰذا چھُ یاسین پننِس مألِس گل محمد شاہس نِشہِ پوٗرٕ پأٹھی گیوٗن ہیوٚ چھمُت۔

یاسینس چھُ گیوٚنُک اکھ مُنفرد انداز تہِ کیازِ یہِ چھُ اصلی لُکہٕ طرزن تہِ رأچھ کرِتھ تہٕ نوین تجربن منٛز تہِ چھُ أڈرنہٕ آمُت۔ أمی سُنٛز آواز چھ سیٚٹھاہ میٹھ تہٕ دِلکش۔ یہِ گوتمہِ وِزِ سیٚٹھاہ مقبول یِیلہِ أمی ریڈیو کشمیر پیٚٹھ گیوٚن ہیوٚت۔ یہِ چھُ ہرمونیم، سارنگ تہٕ نوٚٹ زانان وایُن۔ یاسین چھُ ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗردرشن تہٕ کلچرل اکاڈمی ہِندین پروگرامن منٛز حِصہٕ نوان۔ امہِ علاوٕ چھُ گھریلو محفلن منٛز تہِ اکثر پننہِ فنٕک مُظاہرٕ کران۔

یاسینس چھُ ریاستہٕ نٮ۪بر تہٕ موقہٕ میوٗلمُت گژھنگ ییٚتہٕ أمی پنٕنہٕ فنٕگ مُظأہر سبٹھاہ رتِس اندازس منٛز کوٗرمُت چھُ ۔ یِم شہر چھِ بمبئی ، دہلی ، جے پور ، چنڈی گڈھ تہٕ جوٗم ۔ کشیرِ اندر چھُ یاسین مرازس منٛز تہٕ معروف فنکار یوان مانٕنہٕ تہٕ کمرازس منٛز تہٕ ۔ یہُنٛد گیوومُت اکھ بأتھ گو سبٹھاہ مقبول ریڈیوہس پٮ۪ٹھ ۔

## من بنٕد تو رحمت

(کلامہِ پرکاش رام)

یاسین چھُ ووتھِ وُن فنکار ۔ أمِس چھُ وُنہِ واریاہ موقہٕ بروٗنہہ پکہٕ نُک تہٕ پنٕنہٕ فنٕگ مُظأہر کرُنک ۔ یوسہٕ کأم أمی وُنیک تام فنِ موسیقی ہٕندِس مأدانس منٛز کرٕمژ چھےٚ سو چھےٚ تھٔکنٕ لایق ۔ لُکھ چھِ أمی سُند گیوٗن سبٹھاہ پسند کران ۔





# گُل محمد شاہ

ناو : گُل محمد شاہ

المعروف گُلہٕ ریکارڈ

ولدیت : عبدالرزاق شاہ

سکونت : گُنڈ پوٚر کولگوم

تأریخ پیدا ٔیش : 1938ء

وفات : 7جون2008ء

## فن تہٕ زندگی

گُل محمد شاہ چھُ اکھ پیشہِ ورانہٕ فنکار اوسمُت۔ کٔشیرِ ہندِ بوہلہِ پایہٕ فنکارو منز اوس یتہٕ اکھ۔ گُل محمد شاہ اوس عرفِ عامس منز گلہٕ ریکارڈ ناوٕ کنہِ معروف۔ یہِ چھُ مراژُک اکھ صف اولُک فنکار اوسمُت۔ یمن چھُ گوڈٕ گیوٚنُک تہٕ گیوٚن بوزنُک شوق اوسمُت تہٕ گھرس منز چھُکھ اُمیُک ماحول اوسمُت، اماپوٚز یہنٛد اُستاد چھُ محمد رجب بٹ اوس مُت یُس گنڈ پورِ یک روزن وول اوسمُت چھُ۔ گُل محمد شاہ چھُ چھکر، رؤف تہٕ شہنائی اوسمُت زانان تہٕ اَتھ منز چھُ سبٹھاہ ماہر اوسمُت۔ یہنٛد بن رِشتہٕ دارن تہٕ یارن نِشہِ سپُد مولوم زِ یہِ چھُ بے شک اکھ رُت فنکار اوسمُت۔ یہِ چھُ سازو اندرٕ ہرمونیم، نوٚٹ، تمبک نأر تہٕ سُرنے (شہنأیی) زانان

اوسمُت ۔ صوٗفی شاعٕرن ہُنٛد کلامہٕ چھُ اکثر گیوٚان اوسمُت ۔ سُر، لَے تہٕ تال چھُ پوٗرٕ پأٹھۍ زانان اوسمُت ۔ فنِ موسیقی ہٕنٛدِس مأدانس منٛز چھکھ تھیکنہٕ لایق کأم کرٕمژٕ ۔ اُمِس چھُ چھکر گیوٚنک پٔنُن اکھ خاص اندازٕ اوسمُت، قدامت پسندی کُن اوس خیال تھاوان۔ اُمۍ سٕنٛز آواز اُس سبٕتھاہ مٔدُر۔





# غلام محمد گابرو

ناو : غلام محمد گابرو

ولدیت : محمد اسماعیل گابرو

سکونت : گوڈ صفا کدل تہٕ حال پارمپور فروٹ منڈی سرینگر

تأریخ پیدأیش : اکہِ اندازِ مطأبق 48-1947ء

تألیم : اَن پڑھ

فن تہٕ زندگی

غلام محمد گابرو چھُ کٲشرِ ہندِ بن صفِ اولہٕ کین فنکارن منٛز گنزراونہٕ یوان۔ گابرو سٕنز آواز چھےٚ پُر اثر تہٕ مٲدر۔ یہٕ چھ چھکر تہٕ رۄف گیوان۔ یہ چھُ رِوأیتی اندازس منٛز گیوان تہٕ ییٚہٕ چھےٚ اُمی سٕندِس گیونس منٛز صوفیانہٕ لَے نظرِ گژھان۔ عام پأٹھی چھُ صوفی شأیرن ہُند کلامہٕ گیوان، بُزرگ محفلن تہٕ ادبی محفلن منٛز چھُ رٕتی پأٹھی ژھہٕ نوان، حالانکہِ یمو چھُ 1983ء منٛز ریڈیو آڈیشن پاس کۆرمُت تہٕ کرکھ سأری ہے کٲشرِ اندر مقبولیتھ حاصِل۔ یہٕ چھُ بنیأدی اصول یعنی سُر ، لَے تہٕ تال اصل پأٹھی زانان۔ گابرو صأبن چھُ گوڈٕ گوڈٕ خاندرن کھُندرن تہٕ گریلو مجلسن منٛز معروف فنکارن ، غلام احمد صوفی ، محمد سلطان بٹ تہٕ محمد عبداللہ تارٕ بلی

صائبس ستی بحیثیتِ سارنگی نواز تہٕ بحیثیتِ گلوکار تہٕ گیوٚومُت اماپوٚز پتہٕ چھِ یم بذاتِ خود پیش اندازی کران۔ یمن چھُ گوڈٕ پیٹھے ریڈیو پیٹھ گیوٚن بوزنُک شوق اوسمُت ۔ گابرو چھُ کشیرِ ہنٛدِ بہلہِ پایہٕ سارنگ واین والین منٛز تہٕ شمار یوان کرنہٕ۔ گابر وصائبُن گوڈنیُک اُستاد چھُ یہُند مول محمد اسماعیل گابرو اوسمُت یُس پننہِ وقتُک بہلہِ پایہٕ فنکار اوس۔ گابرو سُند وُنِ چھُ زِ ''میون دوٚیم اُستاد اوس غلام محمد کھانڈے یُس صفا کدلُک روزن وول اوس۔ گابرو چھُ ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗر درشن، کلچرل اکاڈمی تہٕ انفارمیشن پروگرامن منٛز تہٕ حصہٕ نوان ۔خاندرن کھنٛدرن تہٕ سٹیج پروگرامن منٛز تہٕ چھُ مختلف محکمن ہنٛدِ ذریعہِ حصہٕ نوان ۔یمو چھِ کینٛہہ شاگرد تہٕ تیار کٔرِمتی یمن منٛز یہُند نیچوٚ ظہور احمد گابرو، محمد الطاف گابرو تہٕ فاروق احمد ڈار قابلِ ذکر چھِ۔فنِ موسیقی ہنٛدِس مٲدانس منٛز چھِ وینُک تام گابرو صائبن سبٹھاہ رٕژ کٲم کٔرمٕژ تہٕ وومید چھِ بروٚنہہ کُن تہٕ روزِ یہِ سلسلہٕ جٲری۔



# محمد مقبول شاہ

ناو : محمد مقبول شاہ المعروف مقبول نرٚگس

ولدیت : غلام محمد شاہ



سکونت : لارکی پور اونتی پور پلوٚوم

تأریخ پیدأیش : 1968ء

تألیم : مڈل پاس

فن تہٕ زندگی

مقبول نرٚگس چھُ کٲشرِ ہُنٛد اکھ بہلہِ پایہٕ فنکار۔ یہٕ چھُ چھکرٕ تہٕ رۄف گیوان۔ مقبولس چھُ چھکر تہٕ رۄف گیوٚنک اَکھ منفرد انداز۔ یہٕ چھُ نوبن تہٕ پرانین طرزن منز اکھ رُت انداز پٲدٕ کرنچ کوٗشش کران، حالانکہ یہ چھُ گُنہ گُنہ جایہ بالکل کٲشرِ ہُنٛد اصلی لُکہٕ طرز تہٕ استعمال کران تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ چھُ جدت پسندی تہٕ کأم ہوان۔ بہر حال یہ چھُ پڑ بتھ لحاظہٕ اتھ مأدانس منز کامیاب۔ مقبول نرٚگس چھُ ونان زِ أمس چھُ بچپنہٕ پیٹھے گیوٚنک تہٕ گیوٚن بوزنک شوق۔ مقبولن چھُ گیوٚن گوڈٕ سکولہٕ پیٹھہٕ شروع کوٚرمُت تہٕ پتہٕ اوس أمہِ علاقہٕ کِس اَکس ڈرامہ ٹِک کلبس منز کأم کران یمیٚک ناو اوس نرٚگس ڈرامہ ٹِک کلب تہٕ اوس یواوانی پیٹھ گیوان۔ یُہنٛد اُستاد چھُ غلام محمد بٹ اوسمُت، یُس پدگام پورٕ ک روزن وول اوس۔ مقبول نرٚگس چھُ تمہِ وِزِ کاڈ ہوان کڈُن یِیلہٕ اَمی خاندرن

کھُندرن تہٕ گریلو مجلسن منز گوُن ہیوٚت ۔ اُمۍ سٕنز آواز چھےٚ سبٹھاہ میٹھ تہٕ دِلکش ۔ مقبول چھُ فنِ موسیقی ہٕندی بنیأدی اصول سُر ، لَے تہٕ تال پوٚرٕ پأٹھۍ زانان ۔ مقبول نرگس سپُد تمہِ وِزِ مقبولِ عام فنکارن منز پنُن پان نوٚن کڈنس منز کامیاب ییلہِ اُمۍ 1988-89ء منز ریڈیو کشمیر پیٹھ آڈیشن دِتھ گوُن ہیوٚت ۔ سازو اٮ۪ندرٕ چھُ مقبول ہرمونیم تہٕ نوٚٹ زانان وأیُن ۔ مقبول چھُ ریڈیو کشمیر علاوٕ کلچرل اکاڈمی تہٕ انفارمیشن پروگرامن منز تہِ حصہٕ نوان ۔ امہِ علاوٕ چھُ دوٗر درشن پیٹھ تہِ گوان ۔ لُکھ چھِ اُمۍ سُند گوُن سبٹھاہ پسند کران ۔ یہ چھُ صوفی شأیرن ہٕند کلامہٕ تہِ گوان تہٕ باقی شأیرن ہُندتہِ ۔ مقبول چھُ کم کاسہٕ شأیری تہِ کران ۔ نمونہٕ کلام :

غریب باین ہٕنز ماری منز بینہِ یے　　　　درا اکھ وأرِیوٚ آسہٕ گیہٕ کینہہ



ژورِ ژورِ نوان چھکھ ڈالو　　　　ہا وو لو میانے پوشے گلالو

یہند بو گوی متوٗ بأتو منز چھ کینہہ مقبولِ عام بأتھ یم ـــــ

ہتے ژھاریو سورِ سمسار　　　　دِچھم نو کانہہ وفادار

وٕ لے کٔن اکھ خدایار　　　　دِچھم نو کانہہ وفادار

(کلامِ رحمان ڈار)

کرِ کوٚری ستھراو وأرِیوٚ ٹن　　　　رٹہِ پیرس دامانہٕ اٮ۪ند وأتی نے

مقبولن چھُ کشیرِ نبر تہِ پننہٕ فنک مُظاہرٕ کوٚرمُت یمن منز بنگلور ، بمبئی ، گوا ، چنڈی گڈھ ، دہلی تہٕ جوم ہوی شہر قأبلِ ذِکر چھِ ۔





# بشیر احمد تیل بلی

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | بشیر احمد المعروف بشیر تیل بلی |
| ولدیت | : | محمد اسماعیل |
| سکونت | : | تیل بل خوجہِ باغ سرینگر |
| تأریخ پیدائش | : | 1972ء |
| تألیم | : | پانژہ جماژ |
| پیشہٕ | : | کلاس فورتھ ملازم آر اینڈ بی |

## فن تہٕ زندگی

بشیر احمد چھُ اکھ بہترین نوجوان فنکار تہٕ یہٕ چھُ چھکر تہٕ رٶف گوان ، أمی سٕنز آواز چھِ سبٹھاہ میٹھ تہٕ دِلکش ، یہُند اُستاد چھُ یہُند زیُٹھ بوے محمد اکبر تیل بلی۔ یُس پانہٕ تہٕ اکھ معروف گلوکار چھکر ہُند چھُ۔ بشیر احمد چھُ چھکرِ تہٕ رٶفس منز نٔوی نٔوی تجربہٕ کرنٕچ کوشش کران۔ ووٚنی گو صوفیانہٕ لَیہٕ منز تہٕ چھُ گوان ۔یہٕ چھُ نوبن شاعرن ہُند کلامہٕ تہٕ گوان تہٕ پرانین شاعرن ہُند کلامہٕ تہٕ۔

بشیر اوس بچپنہٕ پٮ۪ٹھے گوان تہٕ کیازِ یمن اوس گوڈے گھرس منز گوٚنُک ماحول ۔ گوٚن بوزنُک تہٕ گوٚنُک اوس سبٹھاہ شوق تھاوان۔ گوڈٕ گوڈٕ لوٚگن خاندرن کھُندرن منز گوٚن تہٕ پتہٕ ریڈیو تہٕ دوٗر درشن پٮ۪ٹھ۔

لَمہِ علاوٕ چھُ کلچرل اکیڈیمی تہٕ انفارمیشن پروگرامن منز تہٕ حِصہٕ نوان۔ سازو أندرٕ چھُ ہارمونیم تہٕ نوّٹ وایان، فنِ موسیقی ہٕندی بنیأدی اصول سُر، لَے تہٕ تال چھُ بشیر رٕتی پأٹھی زانان۔ یہِ چھُ بے شک اکھ ووتھٕ وُن گلوکار یہِ ہیکہِ بروٕنہہ کُن سبٹھاہ وُسجار لُبتھ۔ یمن چھُ سرکأری تہٕ غأر سرکأری طور کٔشیرِ نیبر تہٕ گوہنُک موقعہٕ میوٗلمُت۔ یِیتہٕ یمو پننہٕ فنُک مُظأہرٕ جان پأٹھی کوٗر۔

بشیر چھُ وُنی کینہہ اکھ معروف گلوکار مانہٕ یوان۔





# گلزار احمد میر

| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | گلزار احمد میر |
| ولدیت | : | محمد اکرم میر |
| سکونت | : | میر محلہ ڈاڈہٕ سُر ترال پلوامہ |
| تأریخ پیدائیش | : | 15-4-1957 |
| تألیم | : | میٹرک پاس |
| ملازم | : | محکمہ بجلی۔ میٹر ریڈر |

## فن تہٕ زندگی

گلزار چھُ چھکر تہٕ روٗف گیوان ۔ اُمِس چھُ چھکر گیوٚنک اکھ مُنفرد انداز۔ دِلکش آواز تہٕ فنِ موسیقی ہِندی بنیادی اصول یعنی سُر ،لے تہٕ تال زانن وول گلزار میر چھُ کٔشیرِ ہِندِ روأیتی گیوٚنک کأفی ماہر۔ یہ چھُ سُہ فنکار یمی ہِندس گیوٚنس منز صوفیانہ طرزٕچ مِلہٕ مِش نظرِ گوھان چھےٚ۔ گلزار چھُ گیوٚنس ستی ستی گوڈٕ گوڈٕ نژان تہٕ اوسمُت ۔ اما پوٚز وُنی کیس چھُ فقط چھکر تہٕ روٗف گیوان۔ مرازِ کی لکھ چھِ خاص پأٹھی گلزارُن گیوٚن پسند کران۔ یہ چھُ خاص پأٹھی صوفیانہ شاعرن ہُند کلامہ گیوان، ووٗنی گو باقی شاعرن ہُند کلامہٕ تہٕ چھُ گنہِ گنہِ گیوان ۔فنِ موسیقی ہِندِس ماداںس منز چھُ گلزار احمد میر اکھ باگہِ بوٚرت فنکار یوان مانہٕ۔ یہ سپد تمہِ وِزِ

سبٕتھاہ مقبول ییٚلہِ اَمی ریڈیو کشمیرٕ پیٹھ 1978 ٕءٕ پیٹھٕ گیوٚن ہیوٚت۔ یمو چھُ 1976 ٕءٕ منٛز ریڈیو آڈیشن پاس کوٚرمُت۔

گلزارن اُستاد چھُ حبیب اللہ گنائی لاڑی یارٕ۔ سازو اَندرٕ چھُ گلزار ہرمونیم تہٕ نوٚٹ اصل پاٹھی زانان واٮ۪ن۔ اَمی سُند تلفظ چھُ سبٕتھاہ جان۔ یمن چھُ لوکچارٕ پیٹھے گیوٚن بوزنک تہٕ گیوٚنک شوق اوسمُت ییٚمہِ کِنۍ یہ اکھ رُت فنکار بنیوو۔ یہ چھُ ریاستہٕ نبر تہٕ گیوٚنہِ گومُت تہٕ یوٚمِس منٛز تہٕ چھُن پننہِ فنک مُظاہرٕ کوٚرمُت سبٕتھاہ جان پاٹھی۔ اَمی سٕندیو شاگردو منٛز چھِ غلام رسول میر، غلام حسن میر، عبدالرشید میر، غلام احمد میر قابلِ ذِکر۔ یمہٕندی اکثر باتھ سپدی مقبولِ عام۔ لُکھ چھِ گلزار میرُن گیوٚن سبٕتھاہ پسند کران تہٕ فنِ موسیقی ہٕندِس ماہ دانس منٛز چھُ یمن واریاہ کینٛہہ کرُن۔

گلزار چھُ ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗردرشن تہٕ کلچرل اکاڈمی پروگرامن منٛز تہٕ حِصہٕ نِوان۔





# عبدالسلام گنائی

ناو : عبدالسلام گنائی

ولدیت : غلام احمد گنائی

سکونت : چکِ لکھمن پۄر گوگو لینڈ تحصیل

تہٕ ضلعہٕ بڈگوم

تأریخ پیدأیش : 1951ء

تألیم : انڈر میٹرک

تأریخ وفات : 11 مئی 1994ء

## فن تہٕ زندگی

سلام صاب اوس کٲشرِ ہندِ بو چھکر تہٕ رئوف گیوٚن والیو منز اکھ باگہٕ بُرت فنکار۔ أمی سنٛز آواز اُس سیٹھاہ دِلکش تہٕ میٹھ۔ یہٕ اوس صوفی شأعرن ہُند کلامہٕ تہِ گیوان تہٕ باقی شأعرن ہُند تہِ۔ فنِ موسیقی ہندِس مأدانس منز چھے أمی سیٹھاہ تھکنٕی لایق کأم کٔرمٕژ۔ أمِس چھُ بچپنہٕ پیٹھے گیوٚنک شوق اوسمت۔ گوڈٕ گوڈٕ رُوٗد عبدالسلام گنائی خاندرن کھٔندرن تہٕ لوکچن لوکچن محفلن منز گیوان تہٕ پتہٕ لوگ أمی ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوٚن تہٕ کوڈن پۄر پأٹھی پکھن واش تہٕ سپُد مقبولِ عام گلوکارن منز شأمِل۔ لُکھ أسی أمی سُند گیوٚن سیٹھاہ پسند کران۔ یہٕ اوس عام پأٹھی صوٗفی لیہِ منز

گبوان۔ ووٚنی گو نوٚی نوٚی تجربہٕ تہٕ اوس کران مگر موتن گرِس نہٕ یاوری لوکٹے پانہٕ سپُد رحمتِ حق۔ أمِ ہندی اخلاق تہٕ چھِ سبٹھاہ رٕتی أسی ٚمتی یہِ زَن یہند بن رشتہٕ دارن ہُند وَنُن چھُ۔

سلام صاب اوس ریڈیو کشمیر علاوٕ دوٗر درشن کلچرل اکاڈمی تہٕ انفارمیشن پروگرامن منز تہٕ ژھیہٕ نِوان۔ أمِ سُند تلفظ چھُ سبٹھاہ جان اوسُمت۔یہِ چھُ سازو أندرٕ ہرمونیم تہٕ نوٹ اوسمت وایان۔ نوٹ واینگ چھُس مخصوص انداز اوسُمت۔ عبدالسلام گنائی سُند أستاد چھُ کشیرِ ہُند بہلہِ پایہِ فنکار علی محمد بمبُو اوسُمت۔ سلام صائبس چھُ جوٗم، دہلی تہٕ گوٚھنگ موقہٕ میوٗلُمت ییٚتہٕ أمِ پننہِ فنگ مظأہرٕ جان پأٹھی کوٚرمُت چھُ۔ یمو أسی کینژہہ شاگرد تہٕ تیار کٔرۍٚمتی یمن منز فیاض احمد گنائی، غلام احمد بٹ، عبدالاحد ڈار تہٕ عبدالسلام پرے قأبلِ ذِکر چھِ یم سأری چھِ گوگوٕ کی روزن وألی۔

یہُند گیوومُت اکھ مقبولِ عام بأتھ چھُ۔

بالہٕ یارو نیوٚتھم دِلو — دون لائکن ہمتھ ٚقمتی

کلامِ شمس فقیر

